# نگرُو داسی

موتی لال کیموؔ

**NAGAR UDASE** : Historical Play in Kashmiri
By **MOTI LAL KEMMU**



اشاعت :۔ ۱۹۹۷

ناشر :۔ موتی لال کیمو

کِتابت :۔ محمد یوسف مسگر

تعداد :۔ ۵۰۰

مول :۔ ۲۵۰ روپیہ



کِتاب سپدِ دستیاب :۔

1. Kitab Ghar
Abhinav Theatre,
Canal Road,
Jammu-180 001.

2. 5-Apna Vihar
Kunjwani,
Jammu-180 001.

# گوڈُت

جون، جولائی ۱۹۶۷ء ہس منزٕ کر لۆو مےٚ یہِ ناٹک لیکھُن شروع۔ اَمہِ برونٛہہ
اُسی مےٚ "ترٛنُود" ۱۹۶۴ء، "مانگےٚ" ۱۹۶۵ء تہٕ ترٛہاے ۱۹۶۵ء۔ صرف یم ترٛےٚ ناٹک کأشرِ
پاٹھۍ لیٚکھِ مژ تہٕ یِمَو منزٕ اوس نہٕ اکھ تہٕ چھپیوٚمُت۔ مےٚ اوس نہٕ کانٛہہ ناٹک کار رسندِس
رٔوپس منزٕ زانان۔ وونی گوٚو "مانگےٚ" تہٕ "ترٛنُود" اوس ریٖہرسل سپدان تہٕ کینٛژن مجلسن منزٕ
گِندنہٕ یِوان۔ یِتھےٚ ناٹکُک گوڈٕ حِصہٕ لیٚکھتھ گیہِ سری نگرس منزٕ بٹہٕ ایجیٹیشن شروع
بیٚیہ، بڈٕ یہِ کلچرل اکیڈیمی دفترس منزٕ میانہِ کامہِ تہٕ میٚون ذہن رُود آوُر تہٕ مےٚ ہیوٚک
نہٕ یہِ ناٹک اَند تام لیٚکھِتھ۔ ۱۹۷۴ء دتس منزٕ آو یہِ گوڈٕ حِصہٕ ٹیگور ہالس منزٕ دہِ یہِ لٹہٕ
گِنٛدنہٕ۔ وارِیاہو لِکھاریو اداکارو تہٕ تھیٹر والیو کوٚر باند باند زِ بہٕ کرٕ ناٹک پوٗرٕ۔ اَما پوٚز
مےٚ کرِ وارِیاہ کوشش مگر نہٕ ہیوٚکُم سٹایل رٹِتھ تہٕ نہٕ ہیوٚکُم ناٹک لیٚکھِتھ۔ دوٚیِم اَنگ
اوسُن میانہِ منشہِ مطابق بنان۔ لہٰذا اوسُس بہٕ لیکھِ لیکھِ ژٔدی کاغذ ٹوٗکرِ منزٕ
ترٛاوان۔ اکہِ پتہٕ بیاکھ ناٹک گوس لیکھان تہٕ کِتابہٕ چھپاوان مگر "نگرٕ ودٲسی"

ہیوٚکُم نہٕ برونٛہہ پکنہٕ ناوِتھ۔ مُشکِل پیٚیوم بارِ گراں گوم۔ آخر آسُم کنھہ تہٕ کرُن۔ حالانکہ کِتابن منٛز آسُم پبلسٹی تہٕ کرمٕژ زِ آیندِ چھپیہِ میٲنۍ "نگرٕ وُداسی"۔ مگر یہِ روٗد خٲلِص اَکھ وعدٕ ــــ مےٚ اوس ذیہنس منٛز یہِ ناٹک صرف ترین حِصن منٛز لیوٗکھُت۔ مگر گوڈنیُک حِصہٕ لیکھنس تہٕ باقے حِصہٕ لیکھنس منٛز گُذرے یہِ ۲۸ وُری تہٕ بلکہ چھو لوٚب اپریل، مئی ۱۹۹۵ہ تس منٛز زٕ نم۔ لہٰذا گوٚ یہِ ناٹک ژوٚن باگن منٛز تیار۔ یہِ ڈرامہ شروع کرنہٕ وِزِ آس میٲنۍ کانٛکھیا زِ کٲشُر رنگ، سیٚچھن والین کینٛہہ کٲشرِ پاٹھی زنتہٕ یونٲنۍ ترٲسدی لیکھنہٕ یِتھہ سُہ۔ گنٛڈن سٹایل سمجھن تہٕ زانن گنٛڈن گرٕ بیٚیہِ روزِ تراسدی ہُند تأثر تہٕ ناٹکس منٛز۔ یہوے وجہ چھُ زِ اَتھ ناٹکس منٛز چھُ کورس لُس سٕٹھاہ اہم چھُ۔ دوٚلِ گوٚ مےٚ چھُ ہرمین ہُند کورس اَکھ اَکِھ مقالمہٕ وَنہٕ نوٗومُت یُتھ زن اداکٲری تہٕ پیش کش ہُند سٹایل آسان باسہِ۔

یہِ ناٹک چھُ راز اننت دیلو تہٕ تسنٛزِ رٲنۍ سُریہ متی ہِنٛز دردِ داستان مگر یتھ منٛز چھُ اکھ سٲلم نگراہم۔ نگرٕ وُداسی اَہم۔ یِم فِکرن، ولوٗن، اندیشن تہٕ وسواسن منٛز چھِ زندگی بسر کران، توٚے چھِ وُداسی۔ یہوے وَجہ چھُ زِ اَتھ منٛز چھُ کورس سٕٹھاہ اہم۔ مےٚ چھُ پنٛزٕ ہٕنٛن کینٛشرِن بیٚیَن ناٹکن منٛز تہٕ کورس استعمال کوٚرمُت۔ اَمابوٚزنیٚیمہِ ناٹکُک کورس چھُ وکھرِ۔ اَمیُک اَکھ اَکھ فرد چھُ ذٲتی تہٕ اجتماعی طور اہم۔ اُتی کِردار تہٕ اُتی زنتہٕ سوترِ دھار۔ اُتی نقاد تہٕ اُتی زنتہٕ صلاح کارِ بینٛز۔ کٲشرِن چھُ کھتن دِل دِنُک واش کڈنُک، تبصرٕ کرنُک عادت زنتہٕ سمٲجی رِواج بنیوٗمُت۔ اَکہِ تہٕ ماآسن تواریٖخی تہٕ جغرافیٲیی وجوہات۔

اَوے چھُ کورس وَنان تہٕ دل دِوان۔ شیٚنکان تہٕ ژٕرژان وَسوٗاسہٕ باوَتھ کران۔ وُداسہٕ روزان تہٕ بیٚیہِ تہٕ واریاہ۔ یِتھ کٔنۍ تازٕ اخبار اُنتھ وانہٕ پٮ۪نجہِ پیٚٹھ بہتھ زٕ ژور ژٕلۍ خبرٕ دل دِوان دِوان پنٕن پنٕن اَنو بھوچھ باوان تِتھے کٔنۍ چھُ کورس سپدٕ وُنۍ حالاتن تہٕ واقعاتن یا تہٕ ژینان سٕتہٕ راے ترآے دِوان سٕتہٕ وداسہٕ روزِتھ سورُے برداشت کران یہٕ سپدان چھُ۔ یِہے وَنن گیہِ یُتہٕ مِن پنٕنہٕ ہَن وٕرِین منٛز کاشرِ ین لوٗکن، عام لوٗکن یِمن منٛز بُتہِ چھُس اکھاہ وُداسہٕ نگرٕ وُداسہِ۔!

یوٗنانۍ طرزٕچہٕ "تراسدی" منٛز چھِنہٕ اَنگہٕ باگے یا حِصہٕ باگے آسان میون ڈرامہ چھُنہٕ کُنہٕ یوٗنانۍ تراسدی ہُنٛد روپانتر بلکہ میون تخلیقی ڈرامہ خالص اَمیُک سٹایل دِیہِ یہٕ باس زِ یہِ ہیٚکہِ زٕنہٕ تِتھی اندازس تہٕ طرزس پیٚٹھ تہٕ گِندنہٕ یِتھ یِتھ اندازس منٛز یوٗنانۍ تراسدی اَسۍ یِوان گِندنہٕ۔ یہٕ چھُ اَکس ہدایت کارس تام زِ سُہ کریا مو کھٕٹ تہٕ کھراوِ استعمال یا نہٕ۔ میأنۍ کِنۍ چھُنہٕ تمن ہُنٛد ضرورت۔ یوٗد وَے کانٛہہ یہِ زانُن زِ نگرٕ وُداسی چھُ خالص یوٗنانۍ ڈرامہ ہیٚوہ تراسدی تیٚلہِ چھُ تس برٛم، یِتھ منٛز چھُ تریٚیے ژھین وکھرٕ قسمُک کورس بیُٚن نثری سمواد (مقالمہ) چھُ وَنان یِتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ یوٗنانۍ عقیدُ تُک تہٕ طرزُک ٹریجِک ہیرو۔ یِتھ منٛز چھِے ازکالہِ کتھ تہٕ وَنن۔ اَکھ پیش کاری آسہِ جدید طرزٕچ۔ IMP.

پٔرچھُس مانان زِ یوٗد وَے کانٛہہ توٗاریخی واقعہٕ، لُکہٕ داستان یا کتھ یِیہ نٕنہٕ تہٕ تتھ پیٚیہٕ ناٹکہٕ شکل صورت دِنہٕ تیٚلہِ گژھِ سُہ ہم کالہٕ عکاسی کرُن۔ یِیہِ کٔنۍ

موضوع تہٕ واتناوِ پرچھُ بامقصد باسان نگرٕ ڈاڈسی چھُ تواریخی ڈراما۔ مگر پرٛن والین یا سٹیجس پیٹھ اَچھ پیشکش وُچھن والین ہیٚیہ پانے ینُن اَز کال تہٕ اَکھ منٛز درینٛٹھ۔

۱۹۴۷ ٔ یس منٛز گوٚ سون مُلک دوٚن حِصن منٛز تقسیم۔ لچھہِ بدٕ لُکھ گیہ بےٚ گھر۔ زمین زراعت مکانہٕ جایداد ترٛاوِتھ بنے یہٕ مہاجر۔ رفیوجی۔ کیتہٕ گیہ مارہ۔ ساٚنی ریاست تہٕ آیہِ وُلٕٹہِ پاٹھی ہیٚنہٕ۔ قبایٲلی حملہٕ، ۱۹۶۵ ٔ ٹُک جنگ ہتہٕ ۱۹۷۱ ٔ ٹُک جنگ۔ ۱۹۶۵ ہس منٛز پیو بٔڈ مالی نُکسان لکین مکانہٕ، جایداد ترٛاوِتھ ژُلن ژُو بچاوُن۔ نارس منٛز دوٚد بٔڈ مالیتھ۔ پتہٕ آو نوٚا نمانہٕ تعمیر کرنہٕ۔ ۱۹۷۱ ٔ کس جنگس منٛز گوٚ چھمب ژھینہٕ۔ خبر کیتن ڈُدی گھرٕ۔ زمین جایداد تہٕ زراعت راوٕنُک تیوٚل پیو کھ۔ ۱۹۸۹ تس منٛز گیہ کٔشیرِ منٛز گوڈٕ دہشت گردی تہٕ پتہٕ ملٹنسی شروع۔ گوڈٕ آیہِ کٲشرِ بٹہٕ زمین، مکانہٕ زراعت باغات تہٕ جایداد ترٛاوِتھ جموٗ، دِلہِ، پنجاب، ہماچل ہتہٕ باقے علاقن کُن تہٕ پتہٕ کیٚنہہ مسلمان گرٕ تہٕ۔ اُڈٕی رٕودی مائگرنٹ کیمپن منٛز تہٕ اُڈٕی رٕودی کرایہِ مکانن منٛز۔ چھِلہِ چھانگر موت، وانگج وٕزر راون تیوٚل، بندن باین ہمساین تہٕ رشتہٕ دارن نِش جُدٲیی۔ نوٚا نمانُک ہوا نوٚح تہٕ ماحول۔ مختصر دٕکھ، دٕکھہ درد، دگ، چھوکھ جُدٲیی رٕوز قسمہِ قسمہِ اَنوبھو دِہتراوان تہٕ اَکھ تراسد جذبہ تہٕ انوبھو رٕود جِس منٛز پتہٕ من شہن وٚریٚین تُھن تلان۔ نیتجہ؟ اَکھ ساس وٚری برٛوٚنہہ کٔشیرِ ہندِ یتھ کالُک تواریخی لوٚت منظر لوٚو مٔے پنٕنس اَز کٲلی انوبھوس سٟتی تہٕ پیو یہِ ناٹک تھنہٕ۔ IMP

گرس منز چھہ باضے کانہہ لوکٹ شُر نیپج زوٗن منگان تہٕ ہٹھ کران۔ یہوے ہٹھ کرن چھُ وانس بڈنس سیتھ ستی احتجاج کرنُک ذریعہ بنان تہٕ بعضے شکل صورت بدلان۔ عوامی سطحس پیٹھ چھُ احتجاج کرنُک ذریعہ ہڑتال تہٕ یم ہڑتال چھہ از کل کشیرِ منز لیسلہ پاٹھی سپدان۔ پرانہِ زمانہ اوس کشیرِ منز پاٹھ بند تہٕ گھاٹ بند سپدتھ احتجاج سپدان۔ برہمن آسی رازس تہٕ راج ولوستھایہ خلاف "پرایہ اپویش" کرِتھ احتجاج کران۔ یم آسی کھین چین تراوان، فاقہ کشی کران تہٕ راژہ اوس تہٕنٛد مقصد باعمل انان یُتھ زن تس برہمہ ہتیایہ ہنٛد پاپ لگہِ نہٕ۔ از کل چھہ یتھی نے احتجاجن ستیاگرہ تہٕ ونان تہٕ گوٗ پرزہ موکھ احتجاج۔ پرزس پیٹھ قایم روٗزتھ احتجاج کرُن۔

تہٕ چھُس لوکچارِ پیٹھے نارس کھوٗژان مے وُچھ پننس محلس اُنڈی پکھی خطرناک نار تہٕ اُچھن تل وُچھم لرِ پیٹھ لرِ تران تہٕ درجنہٕ واد مکانہٕ دزان تہٕ درجنہٕ واد گھرِ اکی ساعتہٕ گھر واوس منز ہینٛہ لوان۔ پتہٕ کینٛہہ دستی نارِ پور تراوان تہٕ کینٛہہ گرِ واٹی زالی دِوان دِوان اوٗش تراوان۔ یہ گوٚو نار دیُس انسانی غفلژ ہنٛد نتیجہ آسہِ۔ مگر سیاسہ حمایہ آور پرُ ملکی زور اوارنگرن ہنٛدِ نگر تہٕ گامہ ہنٛدی گام زالان آسہِ ین کاشری کمتھ مصیبتس منز آسہِ ہن ہینٛہ لوان۔ ملٹنسی شروع سپدنہٕ پتہٕ کشیر منز ہتہٕ زلینہ پتہٕ ہتہٕ لرِ ین، سکولن، کدلن تہٕ درگاہن نارِ دنِک جذبہ ماگو کم۔ تہذیبہ تہٕ علمکی آگرنارِ بٕزی کرنُک انجام کیا سنا چھہ آسان؟ انتقام ہنٛک جذبہ چھا پزی کنہ نار یا مار کرِتھ ہمان؟ ییلہ بہ یمہ ناٹکک آخری حصہ اوسس

لیکھان تہٕ ٹی۔وی بیٹھ لوٗزم خبرٕ "زرار آو زالنہٕ" تارٕیخ اوس ۱۱ مئی ۱۹۹۵ ہس تہٕ
تہٕ اوٚس اَمہِ وِزِ پیٹھی ٹاپس منٛز ہٹ بمبر نٕہس منٛز ٹھہرِتھ۔ قلم رووٚم بیتھ پہرس
کھنڈس توٚگُم نہٕ کینٛہہ تہِ لوٗزن نہٕ ہمکُن۔ زِ نہٕ گوس شپنہٕ ژھٔلہِ منٛز لگتھ تہٕ پیوٚ
کینٛژنِ دوہن جوٚم وابس پیتھ کوٗزم۔ یہِ ناٹک لیکھن ختم۔ یمن کینٛژن دوہن رودُس
سوچان زِ تریٚیمہِ حصہٕ کس آخرس پیٹھ دود وجیشور تہٕ دزن دگ وو تلے یہٕ زورس
انگس منٛز۔

کلہن پنڈتن تہٕ چھُ راج ترنگنی منٛز سرینگرٕ اکہِ بڈِ نارُک ذکر کوٚرمُت
یپیلہِ کاٹھی ہلہِ بیٹھ نار اُپور توٚر لاشہٕ وٚزتھ وینٛہہ منٛز۔ تیوٚت نوقصان تہٕ دداہ
وٚوت لوٗکن زِ کلہن سُند بیان لوٗزِ ہتھ چھےٚ ترٛ پھٹان تہٕ یپیلہِ وجیشور آو زالنہٕ،
کوتاہ نوقصان آسہِ لوٗکو ژولمُت؟ نار چھُ تسُند دُک ہتھی یار! خاصکرِتھ کشیرِ IMP
منٛز ییتہِ مکانہٕ، کٔدل، ناوٕ عمارژ تہٕ اَستان لکرِ ہندی چھِ آسان۔ اوے اِنتقام
ہیٚنہٕ وٲلِس اِنسٲنی روٗپ شیطانس وٲلنجہِ شیٚہجار رواتان تہٕ نارٕ دٕدِس راوٕن IMP
تیوٚل تہٕ گرداو!!

کٲشرٕ چھِ مٲلہِ ستی۔ مرازٕ، کمرازٕ چھِ وٕرییس منٛز واریاہن جاین مٲلہٕ دوہس
تہٕ دِوتہِ لگان۔ لکھ تہٕ عقیدت مند چھِ جوک درجوک استانن تہٕ مٲلن واتان
بازرِ تہِ چھِ لگان۔ نٔژن گیوٚن تہٕ لکہٕ رنگہٕ علاوٕ چھِ واریاہن قسمن ہندی تفریح
تہِ میسر روزان۔ یِتھی مٲلہٕ آسی یترتھ وورس منٛز سپدان۔ لودھ کالس منٛز ہندی
راجس منٛز، سُلطانی منٛز یا چاہے لکہٕ راجس منٛز مٲلہٕ رودی جاری۔ دوٚزٕ گو گرا
روٗزِ کھ نوعیت بدلان۔ مگر واریاہ ہشرٕ روٗدکھ یترتھ دورس منٛز ہوٕے۔ یم

ماٗلہِ چھِ بعضے ژوٗن دہن ژوٗن جاین یا طرفاتن جایہ پھیٖر کران۔ یُتھے اَکھ ماٗلہِ چھِ
ویٚنجہِ برابر ساپہٕ وادٕ وٗرِ لو پیٹھ ڈراٗنچ۔ یِتھی پٲٹھۍ ماٗلس منٛز چھِ یِتھ ناٹکس منٛز
دیٚنجہِ براٗرس نار یِوان دِنہٕ۔ چھلہٕ چھانگر گژھان۔ موٗختصر بربادی۔

یِیلہِ انتظامیہس چھلہٕ چھانگر چھیٚ گژھان، لکھہِ چھ دوٗلابن منٛز ہینہٕ
یِوان۔ گرگر راج تہٕ بدانتظامی چھُ دوہدِش ہُند رویہ بنان۔ یِتھِہ حالژ منٛز
چھیٚ کلچرل کرایسِس تہٕ ووپدان۔ مول، آدرش، اخلاق، نیائے تہٕ ورتاوس منٛز
چھیٚ فرق یِوان۔ خوف، بے، حراس تہٕ خاموشی چھیٚ گونماتن وُٹھن موہر کران۔
گُندن گرٕٔ، مُرژہ گرٕٔ تہٕ ہرکار تہٕ دوٚیم فنکار یا تہٕ دیش تراٗوِتھ ژلان یا پنُن پیشہٕ
بدلاوان۔ فنی تہٕ فکرو خیال کِن ژاٗوی جارن چھُ دکہٕ لگان۔ لیکھن تراین ہُنز
ہُنج چھیٚ بدلان۔ اخلاقس تہٕ سوبھاوس منٛز تہٕ چھیٚ فرق یِوان۔ یُس وتہٕ
راوان چھُ سُہ چھُ سمیجہِ تبدیلی سیٚتۍ سمجھوتہ کران بنتہٕ اُندری گلان یا ژلان
پینڈ یرن تراٗوِتھ۔ کلچرل کرایسِس چھ واریاہن فنی ہُنجن راہ راوان بنتہٕ اکھ
ٹھہراو کران۔ ذہنی ٹھہراو تخلیقی ٹھہراو سوچ تہٕ فکر چھینہٕ بروٗنہہ پکان۔ ادبی تہٕ
فنی تحریکہِ چھیٚ روٗژہ گژھان۔ بعضے چھیٚ ریاکاری تہٕ مکاری لوان بنتہٕ بعضے وارٕ
وارٕ نوٚو سوچ، فکر، ادبی تہٕ فنی ہُنجہِ راہ ترایہ لِوانمانہٕ نوِ زوٗ نہٕ بتہٕ سان
زنم ہیوان۔ نوٚی تجربہ تھینہٕ پیوان۔ وق چھُ بنہٕ تجربُک تہٕ بتھ کالکِن واقعاتن
ہنٛش سبق ہٕژتھ واراہ ہینچھہِ نوٚبن ہتہ تحریکن زنم دوان۔ ساری فن چھ
آدمی تجربُک نتیجہ آسان۔ یِتھی صدی منٛز ووتلیو کٔشیر منٛز وارٕ گرٕ ٹھنک
دور۔ تہٕ گو اکھ JOINT FAMILY یعنے لوٚڈکو ٹمبہ گو بیٚون بیٚون۔ اَکس

بڈِس گرِس گیہِ اَکھ اَکھ اِکاَیِ الگ۔ ماَلِس نِش نیچُو۔ ماَلِس نِش بوے۔
حالانکہ اِقتصاَدی، اِنفراَدی، سماَجی، تہٕ کارٕ بار بڈٕ نکی تناو چھ اَمِکۍ وجہ۔ کانٛہہ
ہیے ڈاکٹر بنِتھ و تہٕ کل نہٕ وُزِس مُلکہٕ نیبر ژٕ پنچ۔ خانداَنی منصوبہ بندی آیہٕ تہٕ اَسہ
زٕ تہٕ ساَنۍ زٕ یا ژٕ تہٕ بتہٕ لُتہٕ بابہٕ بنِتھو اَکھ اَکھ کوٗٹھہ۔ تہٕ بڈِ گرک یا کوٗٹھک
یکجا لسُن تہٕ بسُن، اَکی داَنہٕ کھیوٗن چوٗن، ہشر تہٕ گنڈ پھُٹ پموٗ بنُن بوڈ کوٹھہ
چھلِہ چھلِہ گژھان وُچھ تمن کیٛتھ اوس یہِ دوکھ تجربہٕ تہٕ یم الگ گییہٕ تمن
کیٛتھ نوٚ وقتُک تقاضہٕ پوٗرٕ کرُن۔ یتھ ناکس منز لوٗدو یہِ دگ تہٕ آسہِ
وۄ تلان تہٕ کوٚسہٕ کتھ چھےٚ۔

تنہاَیی، کُنیر تہٕ لوب کُن یہِ ہیوٗن چھُ سہ احساس یُس راَوی ہتن چھُ
سیدان۔ پننہِ زمینہٕ ژٕ کلہٕ، ہوا نواح ماحولہٕ نیبر پیٛنہٕ کِنہٕ پننن نِش جُدا
سپدنہٕ کِنہٕ یم احساس و جذبات وۄتلان چھ تمِہ کِنۍ چھُ یُن پان عالمس
منز اَجنبی لوان لبنہٕ۔ یہِ الگ تعلُق ہیٛنک احساس چھُ اَندری گُدٕ کران
تس یُس نِشکاست آسہِ۔ جلاوطن آسہِ یا وطنہٕ دوٗر آسہِ۔ تس چھُ پنُن لوکچار
جوٗانی تہٕ زندگی ہُند پراَوت روۄمُت باسان۔ تس چھُ ذہنس منز لوٚت کال
اُچھن تل درینٛٹھان بُنیتھ لوان تہٕ وُچھس راوِن دگ تُلان۔ وُٹھ سیٛٹھا یہٕ
ولے! افسوس! ہائے ہو شیند تہٕ نیران۔ خاَلِص زِلوٗٹھ ووہ شاہ ترٛاوِتھ
اِنسان ژھو یہِ گرٕ تھ سوٚچس پیوان۔ ڈیکس ژٕ جِہ گُدان۔ پننۍ ساَری کارٕ تہٕ
زندگی بے معانے، مُدعا مقصدٕ روٗس باسان تہٕ تکہٕ ارساتس منز اکھاہ لۄوُمت
ہیوٗہ باسان یُس نہٕ کانٛہہ ژھانڈنہٕ نیرِ یُنہ نہٕ کانٛسہِ ضرورت چھُ۔ یہِ احساس

V.IMP

تہٕ چھُ تراوان احساس ہیکس احسابہٕ تہٕ جذبہٕ کِس آولِنس منز یُس ہینہٕ ییہ
یوٗت دوے سہ خود کشی تہٕ کرِ کوٗ سہ کتھ چھِنے۔؟

محمود غزنوی چھُ بھارتس پیٹھ وارِیاہ لٹہٕ حملہٕ کران۔ کیٚنہٕ زِینان تہٕ کیٚنہٕ ہاران تہٕ۔ یِیلہٕ کٔشیرِ پیٹھ حملہٕ چھُ کران تہٕ پرونشرٕ منڈی تام واتان یِیتہٕ کٔشیرِ ہنٛد فوج تہٕ چھُ تمی سُند مقابلہٕ کران سہ چھُ واپس ژلان۔ ناکام گژھان۔ مگر امہِ حملک اثر چھُ تواریخ بدلاوان۔ قندہار تہٕ کوبلکی شاہ چھ تاج تختہٕ نِش گژھان۔ یِم چھِ پنجاب تہٕ کٔشیرِ کُن یِوان۔ کیٚنژن کالس چھِ دوٚیمین رازن ہنٛدِ مدد تہٕ راج تاج واپس پراوِنٕک کوشش کران۔ ناکام گژھان۔ یِم ژھیپھ دِنہٕ کٔشیرِ چھِ واتان تم چھِ یِیتہٕ کِس سیاستس منز حصہٕ نِوان۔ انتظامیس منز اژان۔ ژوٗیہ کران، تِمے چھ نگر ووداسی ناٹکس منز شاہ کور لِکی راجکمار آمتی وَنہٕ۔

IMP

راج ترنگنی ہُنٛد سُتمس تہٕ آٹھم ترنگ چھِنے کلہن پنڈت سُنٛدِ دورچ تواریخ۔ تسُند مول چمپک اوس راجہ ہرشدیو سُند وزیر۔ سُتم ترنگس منز چھُ اننت دیو، کلش دیو، ہرش دیو اکی خاندانکی ترییے اہم راز تہٕ یہ ناٹک چھُ اتھی ترنگس پیٹھ شلوک نمبر ۲۳۳ پیٹھ شلوک نمبر ۴۵۳ پیٹھ مبنی۔ ساری اہم کردار چھِ تواریخی شخصیژ تہٕ بیشتر واقعہٕ چھِ تواریخی۔ مینے چھ کلہن سُندین ژور شلوک مقامن منز کاشُر اوِتھ کٔرتھ تاوی رٔٹی۔ امہِ کِنہ چھُس بہٕ کلہن پنڈت سُند مشکور۔

ییلہِ ۱۹۷۶ء تس منز "نگرُ واٗسی" ناٹکُک گوڈنیک حِصہٕ ٹیگور ہال سرینگرس منز میانِس ہدایتس تحت دوٚیہِ لٹہٕ گِندنہٕ آو، ہتہٕ واد ڈراماوُ چھن ڈالہِن منز اٚسی رنگس ستی وابستہٕ فنکارو علاوٕ کٲشرِ ہنٛدی نوٚم ناموٚر ادیب تہٕ۔ جناب پی۔ این۔ پُشپ۔ جناب دینا ناتھ ناٗدم۔ جناب محمد یوسف ٹینگ پروفیسر رتن لال شانت۔ ڈاکٹر ششی شیکھر توشخٲنی تہٕ۔

یِمو اداکارو تہٕ گِندن گرٕ لو اَتھ منز حِصہٕ یِنٛہِ ہنٛدی ناو چھِ۔

۱۔ اننت دیو۔ غلام محمد گاش۔ زرارِ شریفُک ریوش۔

۲۔ سوٚریہ مُتی۔ شریمتی پرانا شنگلو

۳۔ سوٚریہ چندر۔ ڈاکٹر سوہن لال

۴۔ کھر بوٚپ۔ پران چندرا

۵۔ کورس۔ (۱) کنیالال (۲) گوری شنکر رینہ۔ بیٚیہِ تِھ ور اکارِ ہنٛدی ناو اَز یاد چھِنہٕ۔ یِتھ ناٹکس دٕ ژ ہے پتہٕ مین شٚین رِتن خبر کرنہٕ لٮ۪ہ نظرِ تہٕ ووٚنی ییلہِ بیوٚکھم زِ یہِ پزِ چھپاوُن تہٕ کوٚرم سُہ۔ بھارت سرکارٕ چ سینیئر فیلوشپ ترنہٕ کنی ہیوٚکم خرچہ تہٕ برداشت کرِتھ۔ سہٕ چھے وومید زِ کاشرس تواٗریخس کلچرس تہٕ ادبس ستی تعلق تہٕ دِلچسپی تھوون والی پاٹھک کرن یِتھ ناٹکس متعلق پننہِ رایہ ترئے قٲیم تہٕ یٔتہِ صِن ضرور ینہٕ المارِ منز تھاوٕنی۔ بٔ چھس محمد یوسف مسگر سُند شکور زِ تمی کٔر یتھ ناٹکس کتابت۔ شریمتی وجے گپتا لائبریرین کلچرل اکیڈمی جموں تھٕو سے کِتابہٕ پیش کٔش تہٕ شری رتن لال جوہرن پروف ریڈنگ لہذا چھس بٔ تہنٛدِ تہٕ سٕٹھا شکر گزار۔

جوٚم۔ فروری ۱۹۹۷ء۔ موتی لال کیمو

کِردار :-

کوٗرس :-

۱۔ مختلف وٲنٕسن ہٕنٛدۍ شیٚیہ برہمن ـــــ گوڈنیُک برہمن چھُ زٕٹھ برہمن۔

۲۔ اننت دیو۔ وٲنٕس شیٚتھ ؤری

۳۔ سوٗریہ چندر۔ پنٛژاہ ؤہُر۔ اننت دیوٗن طرفدار۔

۴۔ رانی سُریہ متی (اسبھٹا) ۵۵ ؤرِش۔

۵۔ کھیر لوٗپ۔ ۴۵ ؤہُر

۶۔ کیٚنہہ زنانہٕ۔ کیٚنہہ مرد

۷۔ راجکمار ہرش دیو۔ ۲۱ ؤہُر۔

۸۔ پارٕٹھۍ برہمن۔ یِم چھ باہ مختلف وٲنٕسن ہٕنٛدۍ

۹۔ مہاراجہ کلش دیو۔ ـــــ وٲنٕس اکتاجی ؤری۔

۱۰۔ کوٗرٕٹھلی :- (۱) ۳۵۔۴۰ ؤہُر۔ بُتھِ شُش تہٕ وُچھنہٕ تلہٕ اوٚنٛزھ باسان۔

(۲) ۴۰۔۴۵ ؤہُر مگر اوٚرد دوٚرہ

(۳) ۶۰ نزدیک۔ کھوٗژی کتھ کران۔

(۴) ۲۰ ؤہُر۔ کتھ کران زَنتہٕ سیاستدان۔ سارِنے کوٗنس۔

(۵) جوان، پوٚہل ہیوٗ۔ بڈٕ چھاتی تہٕ قداوار۔ ۳۰ ؤہُر۔

(۶)۔ پتہٕ جوان۔ آسہٕ وُن۔ بے خوف

(۱۱) تھکن ۲۵ ؤہُر - راز کُمارہ ہیؤہ باسان -

(۱۲) ترٛے سیوک - خدمتگار

(۱۳) ژٕ زنانہٕ تہٕ کینٛہہ شُری

(۱۴) ستہٕ وۄل مرد

(۱۵) نوٚلنکا - رانی سوٗریہ متی ہنٛز ژٕ وشنز

(۱۶) سینٹ - اننت دیوٚنی تہٕ سوٗریہ متی ہنٛدی طرفدار -

(۱۷) کھیمٹ

(۱۸) پاٹھر گوٚر - شٹ ۳۵ ؤہُر

(۱۹) پاٹھر گرٕنٹی - ۳۰ ؤرِش سوٗندر مال آواز لوٚبہ وٚلٕ

(۲۰) دیہ وٗتی - ۵۲ ؤرِش - چوٚنہٕ گجرٛاٹٕنی - راز ورن لاگیھ -

(۲۱) گنگادھر - اننت دیوٚنی ذاتی سیوک - جان واٹسٕ -

(۲۲) دنڈک

(۲۳) ولگا - سوٗریہ متی ہنٛز دوٚیم ژٕ وشنز

(۲۴) ترٛے ناپہ ٹہٕ کٕر - جوان واٹسٕن ہنٛدی

(۲۵) دوٗت - ۲۵ ؤہُر چوٚنہٕ جوان -

(۲۶) آنند - ہرش دیوٚن ذاتی نوکر -

(۲۷) بیٚیہ کینٛہہ نگروٲسی شُری تہٕ زنانہٕ -

--- ۵ ---

وق - ۱۰۷۹ تا ۱۰۸۱ عیسوی

نوکرانی - خدمتگار بنتھ
نوکرانی ہیوٚ یہ اوراد
سیکھ بیٚ گام نیبر

ہیوٚر سیٹھجس چھ ییٚتہِ مثرس ہیر پاٲوی تہٕ براند۔ اَتھ ءستی چھُ اندر گرٛھنک دار۔ دارِ اندر تہِ چھِ ہیر پاٲوی باسان۔ دار تہٕ براند چھُ دیلشور مندرس تہٕ دھرم سالن کُن اَتہٕ پٕرنہٕ وَتھ۔ یوٚن کھوٚور سیٹھجس پیٹھ چھِ اکھ کنوچوکی یتھ پیٹھ شےٚ زٕلہٕ ہکن بِہتھ۔ دٔچھنہِ سیٹھجہ رکنہٕ چھُ اندرازنک بر۔ باقے رنگ چھُ زنتہٕ آنگنُ۔ شِین برہمن ہُند کورس چھُ اَژان گوڈنیک برہمن چھُ زیٹھ برہمن۔

گوڈنیکُ برہمن:۔ کُس وَنہٕ اَز چھُ زیٹھُن دوہ۔ بَس چھ اَنُد وَندزانڈ لگِتھ۔

دوٚیم برہمن:۔ کُس وَنہٕ اَز چھےٚ وہتھ سوکھ سان وسان۔ تس چھ ہینہٕ بُھٹھ ودیر باسان۔

ترٛیم برہمن:۔ کُس وَنہٕ اَز چھےٚ بتراَتھ ہشہٕ۔ تس چھُ پاٲلی آدم پادن ہُند گوبر۔

ژوٗرِیُم برہمن۔ کُس وَنہٕ اَز چھُ کانٛہہ کاشُر بَبہٕ روٗس۔ پرٛتھ کانٛسہٕ چھُ پنُن بُتھ

وۄپرِ باسان۔

پوٗنٛژِیُم برہمن۔ اَز کُس ہیٚکہِ کرِ طرفداری۔ پرٛتھ طرف چھُ شنٛکایُن ہُند آگُر۔

شییٚم برہمن۔ اَز کُس وَلنوٚ تہٕ کُس بوزِ ساٲنؠ کانٛہہ کتھ۔ راز چھُ بیوٚن تہٕ پرٛزا چھہٕ الگ۔

گہٕ ڈٲنٛیُک برہمن:۔ اَز چھہٕ راژ گرس منٛز وۄپر ژۄپر۔ نگرس منٛز چھہٕ لکھ مندن

بَرَنہٕ ژۄپرِتھ بِہان۔

دۄیُم برہمن:۔ گرٕ ٹاپن ہنٛز آواز بوزِتھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ بسکین بےٚ

کھسوان وُنہٕ وُنہٕ ماگو یود شروع

ترٛیٚیُم برہمن:۔ راژ انٛنت دیون بوٗزِتھ گاٹلین ہُند۔ ارمان اوٚس

تہٕ بخشن راج پننِس پوٗترس۔

ژوٗرِیُم برہمن:۔ راجا کلش دیوس، یُس کوٚ سنگس منٛز آمُت ہلہٕ۔ از چھس

گامٕہ پرکرِتھ بدلیتھ۔

پوٗنٛژِیُم برہمن:۔ راجیُک پرٛتھ کانٛہہ ولقار مُتٛرِتھ یُس منہٕ کل گینٛمژ

بد اخلاق۔

شییٚم برہمن:۔ بدکردار چ! ایس اُندی پکھی از کل ڈوٗمبن ہُند سنگ۔

زلپوز ہیٚچھی بتہٕ ساز ندر چھس بےٚ ہتی مشوُر دان۔

زٕبیُم برہمن:۔ شاہی کوہکی کوٚ کرمی راز پوترٕ یُس راو راوٕمژ وکھ۔ تس

چھُ گوٗمُت مشتھے زِ پرٛزا ہہٕ ہُندی وُچھِ ہے داٚدی دگ۔

Imp.

دوٚیُم برٛہمن :- ژیجہٕ، پیٹھ راج، پاجہٕ تہٕ جیانٹھ! ہموے چھُ کوٚر مُت سہٕ پینہٕ نس ماٗلس نِش ہیوٚن۔

ترٛیٚیُم برٛہمن :- دام مار گچھہٕ کھوٚد ٹاپیٚچھہٕ زانہٕ وول پرٛمد کنڈ چھُ بنیوُمُت راژس گوٚر۔

ژوٗرِیُم برٛہمن :- نے واین وول نس ژوٚٹ چمک چھُ بنیوُمُت راژس شاہی موسیقار۔

پوٚنٛژِیُم برٛہمن :- بیٚنہٕ تہٕ ہِشی بدکردار چھہ از راژس پزٕ کرتھ ڈاٗلتھ کوٚرمن منٛز نٮ۪ڈ راوان۔

شیٚیُم برٛہمن :- کیتہٕ روزِ تیٚلہٕ راژس سہ دھرم یاد۔ کیتہٕ روزِ راژس تیٚلہٕ پزٕرا یاد؟

برٛہمن اوٚرہٕ لوٗر پھیران

گوڈنیُک برٛہمن :- کینہٕ کالاہ کوٚرٕ سوٗرے اننت دٕلوٕ برداشت۔ اما پوز یٚیلہٕ آب ہٮ۪ٹس تل دوٚتُس تہٕ گوٚو اکرِ دوہ کلش دیوس ہتھ کرٕ ترٛاوٕنہٕ

دوٚیُم 〃 :- مگر کلش دیوٕ یار سنگی آسی بروٚنٛہہ پٮ۪ٹھے پیٚیس واتِتھ۔ ہتو دِژہٕ اتھ کارس اَنہٕ مان

ترٛیٚیُم 〃 :- کینہٕ ہین نہٕ پوشتھ۔ راژ اننت دیوٕ دژاو سارے گرٕ ویٹھ ہیتھ راز دانہٕ منٛز پینہٕ نس نیچوٕس نِش روٚشتھ۔

ژورِیُم برہمن :- تہٕ آویور وجیشور! وِینچہٕ برۄر!! یِیتہٕ رێشنی تہٕ رتی چھہٕ
شانٛتی لبان ۔

پۄنٛژیُم ": اَکا پۄز اندٕت دلیوس نہٕ چھُ دۄہس سۄکھ تہٕ نہٕ راتس نێنٛدٕر
سِنٛو پۄزایہِ منٛز تہٕ چھُسہٕ لیوان وۄرٕ ووری ۔

شێیِم ": ژٕ چھکھ پریشان، من ژٕ نشہٕ ل، کرٕ وی نێچھر، ڈٲکس دزہٕ لدٕتھ
تہٕ زلو تیز تلوار ہش ریکان ۔ دمی باسان زن تہٕ تس واگ
نال وۄلمُت تہٕ دمی باسان زن تہٕ ہارو ہۄہ نیر لیودکرہ ۔

برہمن اوپرپور جاے یدلان

زیُٹھ برہمن کتہٕ رۄدی آدرش؟ نیاے؟ تہٕ پرزایہٕ سۄکھ واتناوٕنکی ساما نہٕ ۔

دۄیُم ": یِیلہِ دلیشس منٛز آسہِ راجُت چھکرِتھ ۔ ییوٚن بیوٚن آسن راژن
ہنٛدی آدیش، حُکم تہٕ پرواہ!!

تریِیُم ": پرزایہٕ ہنٛدی انگ آسن پانس تہٕ پرژھتہ انگ آسہِ
الگ وجوٗد تھوان ۔

ژورِیُم ": یِیلہِ رازس یپھ آسہِ تہٕ پرژھ رۄز مرٕ ۔ لکھ آسن کیول
دیہِ ناو سوران ۔

پۄنٛژیُم ": ییلہِ اننت دیون آسہِ پانہٕ سُم ژٹمرٕ، پرزایہٕ کوتاہ کال نیرِ
کولہِ گرٕ ھنس ۔

شێیِم ": گوژھا آدٕ کلش دلیوس راجُت سائنیُن؟

زیُٹھ برہمن :۔ یِس ہِندی اطوار بُھتی پھری آسن، پژ کرتھ بدلے ہٕ لوٗکن منٛز شک۔

دوٗیُم برہمن :۔ زِ یہِ چھاپڑی پاٹھی راج پُتر۔ یہِ چھاپڑی پاٹھی اننت دیوس پنٕن نیچُو!!!

ترٛیُم برہمن :۔ کُنہِ ہنہِ چھنہٕ پژھ مہارانی سوٗریہ مُتی ہیہہ ٹکُس کرِ شک۔

ژوٗریُم برہمن :۔ راز رآنی چھ پانہ راژ کوہ پلح، کانگڑٕ دیشچ، جالندھر نگرچ راژ کُمارٕی۔

پوٗنٛژیُم برہمن :۔ یِیمہِ مرٛیادایہٕ موٗجُب وہتھِ بھٹَن ہیہہ مٹھ تہٕ مندر کرٕی تآمیر۔

شیُم برہمن :۔ یِیمی برہمن ہنٛدِ خوشحآلی خآطرٕ اگر ہار ہٕ گرٕ گیُن کرٕ دان!

زیُٹھ برہمن :۔ یِیمہِ بوٗہنکس لیوٗترٕ ہنٛدس ہشوٗکس منٛز راژ مندورِ ہنٛد کوٗر تیاگ تہٕ کوٗرُن واس سداہشو مندرس منٛز۔

دوٗیُم برہمن :۔ یِیمی راژکوٗہ پلچ شان برقرار تھوٗہ، موٗکھ کوٗر پنُن خزانہٕ تام وِزٕ وِزٕ خآلی۔

ترٛیُم برہمن :۔ یِیمی تہٕ راژٕ ہنٛد پنٛچ چندرک رتن لآگِتھ تاج راژٕ گرٕ نیٛنبر کِنہٕ دیُت۔

ژوٗریُم برہمن :۔ تس راژ رانہِ ہیہہ کُس تُلِ اونٛگچ۔ کُس اَنہِ زلوٗ تہٕ کرٕ تسنٛز

غاٗبتھ۔

پوٚنٛژِیُم برٛہمن :۔ آما پوٚز بانہٕ ہتس دٕزِ ڈھانہٕ ہیتھ۔ زٕلیوٚ ہتس کیا کرِ زِ۔

شٔشیُم برٛہمن :۔ کرمہٕ لاگٔنس کیٚاہ کرِ زِ۔ اُمس راژٕ رٔیِنہٕ اوسُے پھٔس پوترس لایق بُھتھ بانہٕ۔ اَز چھےٚ راژٕ دانہٕ مۄشٕر نیٚبر، راژٕ گرٕ مۄشٕر نیٚبر !!!

" برٛہمن ہناہ ژھۄپہٕ کران۔ کٕلہٕ نوٚمبرِتھ اورٕ یور جایہٕ بدلان۔ پیٚتہٕ زٕنہٕ بُھتی پھیرِ ہوکھ بولان "

زُیٚٹھ برٛہمن :۔ باسان۔ از چھُ کُتام شاپ آمُت راژٕ کوٚلس پٮ۪ٹھ یَتھ دلیشَس پیٹھ وۄتلِتھ۔

دوٚیُم برٛہمن :۔ کمُی تام کوٚ کرِمیٚنَ چھُ ہیوٚتمُت زٕنم۔ یِمی سُنٛد لوٚر بہٕ پوٚترٕ بُتہٕ راتھ چھینہٕ ژالِتھ ہکان۔

ترٕیُم برٛہمن :۔ یِمی سُنٛد لو پالو سارے پٔرزاچھےٚ وۄنٛژِ۔ یِمی سُنٛد لو پالوٚتروٚمُت راژس پیٹھ کوٚ پربھاو !!!

ژوٚرِیُم برٛہمن :۔ نتہٕ کنِتھ پیٹھ گاہ مۄشٕر کاش دیلوس منوش اِسِتھ راکھٔس لوٚد۔ یِمی راجُت زوٗنمُت شُرِ گیٚنٛدناہ !!!

پوٚنٛژِیُم برٛہمن :۔ یَس اُنٛدِ یِکھی غرضمنٛدو وۄلِمُت نال ! بدلے آزار۔ بدلے وِشار۔ نتہٕ پھیرِتھ پٔرٕ کرِتھ گھرٕ مۄشٕر سینٛس۔

شٔشیُم برٛہمن :۔ وۄ چھو اورٕ چھِ لِوان سوٚر یہٕ چیٚندرٕ۔ اُمی سےٚ پٔرژھو

راز دانہ ہنٛز شیٚچھ !!!

" سُریہ چندر اَڈان، سہ باسان ہا ولقار

راجہ پوٗرش۔ برہمن تس اَلبہٕ وَلبہٕ لوان"

ساڑی برہمن:۔ تو ہیہ اَسِن آے تہ تھدن پاے۔

زیٚٹھ برہمن:۔ ڈلو مہرا توٚہۍ کتہ ہیچھ چھو لوان؟ راز دانہ ہنٛز چھو کینٛہہ خبر۔؟

سُریہ چندر:۔ راز دانہ منٛز چھہ راز اندنت دلوہ نیر نک شوٗک لوکن دِلن منٛز۔

شیٚیِم برہمن:۔ آسکھ نا؟ کو کالن چھکھ ہوٗمت بُتھ۔ تہ سوزن چھہ آمتی راز دانہِ منٛز نیرتھ۔

سُریہ چندر:۔ راز اندنت دلوہ راز دائی ترأوہ ہیتہ چھہ مہاراج کلش دیوس باسیوٗمت زِ زنہٕ نگر منٛز چھے ساڑے وہبوتھ تہ شوٗبھ دراہمنٛز۔

دوٚیِم برہمن:۔ ییٚھ کٔنٛز شاہمار زلنہ ہیتہ زمینہ تلہ کڈتھ نیوٗمت خزانہ چھہ خالی باسان۔

سُریہ چندر:۔ ساریوے وپلو نشہ اَتھ تھلتھ کوٗر مہاراج کلش دیون بجس ستی مشوٗر۔

ترییِم برہمن:۔ یہ گوٚو بجہ سیٚٹھی مأکس تہ پوترس منٛز ہیاس ترٛدد۔ سیٚٹھی کلش دیون کیتھ گرمن زنش رہ تبہ پرأوہ مو کھ کلش دیو بأندی بناوہ زشہِ بچھو۔

سُریہ چندر :۔ بجہِ نہ مشہور ستی بناؔوی مہاراج کلش دیلون جیانند سرواد ہیکار پہ وبہتھ ووتُرک واہ دیلو ہنوون دہ وار پتی ۔

ژوریُم براہمن :۔ یہ کمپن آدیش، سیناپتی کُس آو بناونہ ؟

سُریہ چندر :۔ وچھ مِتر!! یُس اکھ وزِ راژ گرہ کین پلو بنڈارن ہُنٛد انتظام اوس ۔ بنڈار کراوس ۔

پوشترُیم براہمن :۔ یہ کلش دیلون کیا ساہ پیٹھ بندہیوت کُرن خالی خزانہ برنہ موکھ؟

سُریہ چندر :۔ جیانند چھُوٚنی کین دَھنہ دیار ووزُم ژھاریتھ گنج کران ۔ جمع سہ چھُ اَز کل چنڈالن نِش تام دیار ووزُم ژھاران ۔ ٹیکیاز ۔ ٹیکیاز ۔

شتیُم براہمن :۔ تو ہیہ ماہر اکیاز کرو ژھو پہ ؟ ڈلوسہ کیاز چھُ یہ کران ؟

سُریہ چندر :۔ ٹیکیاز سُہ چھُ کلش دیلوس پینہ نِس مآلِس اننت دیوس ستی لوٗد کرنہ موکھ وُتش دِوان ۔

ساؔری براہمن :۔ اَننتھ ! اَننتھ !!۔۔ مگر کِیا مہاراج کلش دیلو پینہ نِس مآلِس اَننت دیوس ستی لوٗد !!!

سُریہ چندر :۔ سُہ چھُ حملہ کرنہ موکھ راز دانہ منٛز دژامُت !!

ساؔری براہمن :۔ اچھا ! سُہ چھا حملہ کرنہ موکھ راز دانہ منٛز دژامُت !!!

ژیُٹھ براہمن :۔ اَبہ پیٹھ راژ اننت دیوس یہ ساؔرے شیٛچھ باوِن !

سُریہ چندر :۔ بُتہ چھُس امی پیٹھ لوٗزنہ ژو بچاؔوی بچاؔوی راز دانہ ہیٛٹھ لور آمُت ۔

"ہیر پاو لو اٚندر چھُ راز اننت دیو نیران تہٕ رنگس اژان"۔

سأری برہمن :۔ وُچھو راز اننت دیو دژایہٕ لۄرِ۔ رازٕ تہٕ پٔرزار وٗزِن سۄکھی۔

اننت دیو :۔ تُہنزن آہیٚن آسہِ ہے کانٛہہ تٲثیر تہٕ مانہٕ ہا! تۄہی آسہِ ہۄ سۄکھی
تہٕ لۄت ما آسہِ ہۄ آہتی بارۄدِنہٕ! اُڑلو کۄسہٕ شیٚچھی چھو باونہٕ آہتی؟

سُریہٕ چندر :۔ مہاراج! سانِہ چھُ احساس زِ کیاہ کیاہ ناکارٕ گی چھِ سپدان۔ یگر
کمہٕ وِد پایہٕ ستی یا کمہٕ کرِہ ستی سپدِ جٲنۍ تتھ کُن چھُنہٕ کانٛہہ کمر گنڈان

اننت دیو :۔ چون مطلب کیا چھُ؟

سُریہٕ چندر :۔ مہاراج! تُہندِ نگر منٛز نیرہٕ پتہٕ چھُ مہاراج کلش دیون جیانند
سروادھیکار بنوٗومُت۔ وِجے رستر کمین آدیش تہٕ وزراہ دیو دواریتی
بنوومُت۔

اننت دیو :۔ دوکھ دِہی منٛز طاق جیانند تہٕ شاہ کو لکی یِم راجپتر بجہٕ پاجہِ۔ تہٕ
پیٹھ راج کرن نہٕ راجیتُت تہٕ اَدکُس کرِ! یِموے ڈاجی کلش دیوس
بود۔

سُریہٕ چندر :۔ مہاراج! یہٕ کتہٕ اَنہٕ زلوِ تہٕ کرِ ورنن زِ نگرس منٛز کۄسہٕ تیٲری آیہِ کرنہٕ

اننت دیو :۔ کۄسہٕ تیٲری آیہِ کرنہٕ! صاف صاف وَن؟

سُریہٕ چندر :۔ یِمو شاہ کو لکو راجپوترو کوٚر کلش دیو تۄہیہٕ پیٹھ حملہٕ کرنس آماد۔

اننت دیو :۔ کیاہ؟ ـــ کلش کرِ ثیا حملہٕ؟

سأری برہمن :۔ اَنرتھ۔ اَنرتھ۔ کُس پوترٕ کریہٕ۔ کورون تہٕ ڈاج نہٕ پیٹھ پڑگریتھ۔ پوترٕ کرِ راج
تیاگ کرِ مِتس مأرس پیٹھ حملہٕ۔

اننت دیو :۔ حملہٕ! تمبیک کارن؟

IMP

سُریہ چندر:- کارن چھُ زِ چندرٕ راج چھُ بانٛدرٕ وانہٕ منٛز آمت یلہٕ تراوٕنہٕ۔ تس چھکھ تۄہہ ہیٚتھ حملہٕ کرنہٕ مۄکھہ پیادٕ چھِوکھ ستی دٕژھمٕژ۔

اننت دیو:- چندرٕ راج! ٹھیک گوٚ۔ سُہ آسکھ بدلہٕ ہیٚنہٕ خاطرٕ وٕتشومُت۔ تس چھُ پننہٕ بلہٕ ویری ہُنٛد سٹھاہ گمنٛڈ۔ سُہ سوُرے گمنٛڈ کرٕ بہٕ تس چکنا چوٗر۔ سُریہ چندر! تۄہی کرٕو سارِنے ڈامرن، راز کمارن تہٕ ہمن میانین انٛگن آشناون شیٚچھ یم میانہٕ طرفہٕ چھِ زِ تم کرن پرٕتھ طرفہٕ ہُشیاری ییٚتھ زِ کُنہٕ وِزِ تہٕ اچانک سپدِ نہٕ حملُک مقابلہٕ پیٚیہ کرُن۔

تریٚیم برہمن:- پیٚتہٕ اوت نہٕ۔ آمہِ کیتھہٕ ہُنٛد گرٕژھِ ڈنٛڈو پیُن دِنہٕ۔ ییٚتھ زِ تم سارِی یم شاہ کوٚلکو راز کوٚمارو تہٕ کلش دیونو اطوارو چھِ تنگ آمٕژ ہیتہٕ کرن ہٕنٛز طرفداری۔

اننت دیو:- یہ چھُ نیک مشورٕ! بہٕ تہٕ وُچھِ زِ از کُس کُس آسہِ میانہٕ طرفہٕ تہٕ کُس کُس آسہِ یمن کوٚرمین ہُنٛدِ طرفہٕ۔

سُریہ چندر:- مےٚ چھُ باسان یم چھِ اَکِس سوٚنٛچھ سمجھتہٕ منصوبس تحت آسہِ ییٚتھ حملہٕ کرنہٕ لیوان۔ لوٚکن منٛز بےٚ تراوٕنہٕ مۄکھہ لیود پٔرھان کرُن تہٕ جاری پٔرھان تھوُن۔ ییٚتھ زن تم منٛز اون تۄہہ تہٕ کلش دیونین کوٚرمن کرن کھیما۔

اننت دیو:- مگر بہٕ کرٕنہٕ اَتھ کھیما! مےٚ ییٚتھ سپدِ حملہٕ تہٕ بہٕ روزٕنہٕ گرِ

دارِ بر ترٛوٚپرِتھ۔ ہرگز نہٕ! اگرٕ تھو پرِتھ کانٛسہٕ کرٕو خبر زِ بیار
روٗزِن۔

سُریہٕ چندر:- یِتھا آگیا مہاراج۔ "نیران"

زیٛٹھ برہمن:- کمہٕ دیُت شاپھ!!! یہٕ بیٛتہٕ رات زنیہٕ دوہ کھوہٕ دوہ زٕھوکان
یہٕ شروٗ کان۔ کُس ہیٛکہِ پرزایہِ اَمہ شاپہٕ نشہٕ۔

اننت دیو:- کُس شاپھ! یا گوٚ یِتھی سمےٚ چھینہٕ یِتھ کٔشیرِ منٛز یِمہ کالہٕ آمتی۔
مہرکل۔ شنکرورمن۔ ووٚنمتھ یہٕ چکرورمن۔ کیا یِمو رازٕو چھنا پرزایہِ
دوکھ واتناوی مِتی۔

دوٚیُم برہمن:- مگر راجیُت چھُ اَزٕ وُچھان مالِس یہٕ پوٚترس منٛز دوٚن جن
منٛز زنیہٕ باگرِتھ۔ راز گرٕچ گرِیہہ پیٛدایہِ ہُند پرِہاد چھُ
مہاراج! پرزایہِ ہیٛنٛڈ یہٕ پیوان۔

اننت دیو:- مےٚ چھُ راج تیاگ کوٚرمُت! تاج یہٕ تخت ترٛوٚومُت۔

تریٛیُم برہمن:- تیٚتھ کُس کرِ انکار۔ مگر پرزایہِ ہِندیٚن دادیٚن یہٕ مسلن
چھُنہٕ کانٛہہ واتان۔

اننت دیو:- یِہےٚ دگ چھُس یہٕ للہِ وان۔ پرزایہِ آسہٕ یہٕ تیوٚت دوکھ
لوٗت مےٚ چھُ۔ نہ دوہس قرار نہ راتس نیٚنٛدٕر۔

ژوٗریُم برہمن:- کُس کرِنہٕ اَتھ پرٛژھہ۔ سنگا سنگ لوٗبھ کمہٕ چھُ ترٛوٚومُت۔
کارکوٗٹ کولکہِ راجہِ یِتہٕ وُچھی ییٚمی دیشس کم کم رنگ۔ تہنزِ

مانہٕ اوس پانہٕ راج کرنُک تہٕ سِنگاسن چھاوُنک لوٗب۔ تیٚھنٛدر
کوٚلچہِ دِیہ رانہٕ کوٚر کھوٚر کھوٚٹ رٲیج کرِتھ دعوی دار رٕچھنَن
ہُنٛد ناش صرف سِنگاسنکہِ لوٗبہٕ موکھہ۔

اننت دیو :- چونکہ مےٚ اوس سُنٛدی پانہٕ پیٚٹھ سِنگاسن پرٛوٗمُت تہٕ تاج
چھوومُت۔ اَدے کریوٗو مےٚ از ہردہہ شراہ وٕری پیٚنہٕ زِنس
تروٗوُہہ ڈُہرِ جوان پوترس تاجپوشی۔ میٚے تاج تختُک لوٗب
اوس تروٗومُت۔

پلوٚشتریُم برہمن :- مگر کلش دیو گوٚژھہ تُتھ یِگی آسُن۔ تس کتہِ دراٰیہٕ تمہٕ گوٚن
ہیم اکِس رازس چھِہ شوبراوان۔

اننت دیو :- آخر پیٚیہ پانس بیٚلہٕ میٚون سایہٕ آسس۔ اَلو بھوکِس سابس
تل چھُ نیٚاے تہٕ دھرم پھانٛچھلان مگر کلش دیوس چھُ میٚون
سایہٕ شاید مقابلہٕ آرآیی کُن برٛاوان۔

ساٗری برہمن :- افسوس! اُہ کمہِ بُچھتہِ کرِ حملہٕ! تس روزِ نا اَچھن منٛز چھن
دگہِ ہُنٛد سر پٕہہ۔

اننت دیو :- گاٹلیو! تس اُیگی پوترس چھُ گومُت مُشتھ زِ مےٚ ما کریوٗو
وِتال ہیوٗہ ترِبھون ڈامر شُری پانہٕ یوٗدِ بھوٗمِکابہِ منٛز ژِلنس
پیٚٹھ مجبوٗر تہٕ اَبھنو ڈامر کرتلہِ ہُنٛد اکِہ ٹاسہٕ ڈھیر، کرِن
حملہٕ، کرِن، بُتہِ وُچھ! اکی سایہٕ موکلِہ یہ سوٗرے نیٚاے

...... کرٕن حملہٕ !!!

زیٚشٹھ برہمن :۔ یہ آسہٕ کٔشیٖر منٛڈلچہٕ تواریخ منٛز گوڈنیُک سمے ییلہٕ پوترس یہ مٲلِس منٛز یوٗد سپدٕ۔ مہاراج ! نو موٗنیٚسٕ دیہ کلہٕ کاپچ ژھٹھ وُچھنہٕ بروٚہنہٕ گژھن ساٲنٛز پران ہرٕنۍ۔

اننت دیو :۔ توٚہیہ کیاژ پنُن ہرد یلوت ژھوٚٹ کران۔ دیو یوٗد سپدنہٕ دیوٕ اُتھی ہیٚتہٕ یوگ پھیُر سپدٕ۔ دوٚیو منٛز اکھ ناشس گژھہٕ اکھ ہارِہ اکھ زینہٕ۔ یہ یوٗد گژھہٕ سپدُن۔ ضرور سپدُن۔

" آمی وِزِ کنِ گژھان دمامہٕ وزِنُک آواز "

لوٗزو ! وُنہٕ گژھہٕ وے کھیٚترس اندٕ وندٕ شیٚچھ۔ راجت تیارگی مٲلِس تہٕ مہاراج کلشؔ دیوس منٛز سپدِ یوٗد۔ یوٗد۔ یوٗد !!!

" آمی وِزِ نیران سُربہٕ متی نیبر "

سُربہ متی :۔ کُس یوٗد ! یہٕ کرِژھہ پارے ؟ ڈام ڈُم ؟ ڈٕلو تو ہیہٕ کتھہ بیٚٹھ چھُ کرُدو۔ ؟

اننت دیو :۔ گاٹلی برہمنو ! ڈٕلو ییٚمس راژ ماتایہ زِ اُمی شٔدٕرس سو پوتھر ہنٛدی راژ دھرمکی کرم تہٕ اطوار۔ ڈٔیٚتوس مہاراج کلشؔ دیو چھُ سیٚہ بیٚٹھ حملہٕ کرنہٕ یوٗرِ یوان۔

سُربہ متی :۔ اَپُز ۔ اَپُز ! یہٕ چھُ اَپُز !! یہٕ کمی ساٲنٛز شوترن چھیٚ شوٗوے ترآو میٚتر۔ پزٕ یہ ہٕنٛدِس کس اَنٛگس آوٕ سوٗن

یتھ جایہ ان زل کھیوٚن خوش اکس چھُ سُ یُس اَسہ لوٚت وٲتھ تہٕ چھُ پھاس ترٲوان؟

زٕیُمٕ برہمن:۔ راج ماتا! اَسہِ کیٚتہٕ اَلوٚ سو زلوٚ تہٕ کرو ورنن زِکلش دیوِن کم راج ٲگنیایہٕ چھِنہٕ جٲری کرِمٕژ۔

سُریہِ متی:۔ اَسہِ دِدِکھ تہٕ آزار وا تناوِ ہنجہِ، کمہ راج ٲگنیایہٕ چھِنہٕ؟ خبر کُس چھُ شوٚترٕ لاگیتھ راز دانہٕ ہیٚچھِنہٕ اَسہِ ستی ستی یتھ بجرس منز اَسہِ صبح شام بے قرار کران؟ ڈٕلوٚ کُس چھُ سُ یمیس سانہٕ زندگانی ہندی پُترم دوٚدیتھ شوٚدِ جیشورکس استھاپنس منز گُزاری چھِنہٕ خوش لوان۔

دوٚیُم برہمن:۔ کلش دیوٚ تہٕ شاہ کوٚتلکی راجکمار چھِ سینا ہیتھ لوٚری حملہ کرنہٕ سوٚ کھ راز دانہٕ ہیٚتھ دراہمتی۔

سُریہِ متی:۔ ہرگز نہٕ! ہرگز نہٕ! یہٕ سیدِ نہٕ شُکھ ہیٚتھ کرِیہٕ حماقت۔

"برہمن نیران"

اننت دیوٚ:۔ وے ترنی ندِ اپور تارن ڈوٚل سوٚ لوٚ پُھر چھُ ہینٛنہٕ ژٕکی در ہیٚتھ ٹھکی یار آزماوٕنہٕ تہٕ مٲلس ہیٚتھ وار کرنہٕ دراہمت تہٕ ژٕ چھکھ وُنہٕ ماتایہٕ ہنزِ مابہٕ بھرِتھ کیٚتھ کران۔ واہ! واہ!!

سُریہِ متی:۔ یہِ چھِنہٕ بے پٲردہ کیٚتھ۔ میوٚن کلش دیوٚ چھُنہٕ شُریُس بژمراونہٕ ہیہ۔ وُتشاونہٕ ییہ۔

اننت دیو :- تس چھےٚ بہٕ ڈٲجھتھ، نظر ڈٲجھتھ، تہٕندی آزار تہٕ وہشار چھہ
وہ پیر ہیتھ۔ توے تہٕ چھہ زبجہٕ تہٕ پھٕراج ہِوین بچن ہنٛد ہن
کوٚ سنگن آمت ہینہٕ۔

سُربہِ متی :- مگر تس کُس دی اَسہِ پیٹھ حملہ کرُنک مشورہ تہٕ کتیازِ ؟

اننت دیو :- چندوراج چھکھ بآندی واہٕ متنز تروومت یلہٕ۔ تس چھکھ مےٚ
پیٹھ حملہٕ کرنٕچ وُتش دِژمٕژ۔

سُربہِ متی :- یمو پنٕہ نو اَتھو روٚچھ اَسہِ سہٕ سَرُبھ۔ اُتس گرٕژھن یور
واہنچہٕ سارے وَتہٕ بند کرنہٕ ؟

اننت دیو :- سہٕ چھُ پیادٕ چھوکھ ہیتھ لوٗری کُن لکان۔

سُربہِ متی :- مگر سون کلش دیو کرِ نہٕ حملہٕ۔ سہٕ آسہِ کانہہ مُہم ہیتھ راجپُری
کُن گژھان۔ نہٕ تہٕ ما آسہِس کانٛسہِ ڈامرس سٟتۍ بغاوت ختم کرنۍ!

اننت دیو :- یہِ چھُنہٕ قیاس کرنٕچ کانہہ گژھ۔ وُنۍ اوس راز دانہٕ پیٹھ سوٗرہِ
چندر آمت تمۍ وُنۍ سائرے شیٖچھ۔ کلش چھُ کمپن سینا ہیتھ
لکان۔ لوٗزِتھے ؟ بہٕ کرلیوٗد! بہٕ نیر پانہٕ! ییتہ بیٲلیس گژھہِ
دوہ لۍ سپدن کانہہ فاصلہٕ۔

"سہٕ ہوان واپس اندر اژُن۔ ہیرِ کھسان۔
ڈُم ڈُمہٕ آواز تیران"۔

سُربہِ متی :- ٹھہرِو! اَمہِ برونٛہہ زِ توہی نیرو پانہٕ لیوٗد لوٗ مکایہٕ۔ بہٕ

کرو وۄاکھ وٕنتی۔

"اننت دیوٕ ٹھران تہٕ پتہٕ پوٚت پھیران"

اننت دیو:۔ کوٚسہ وٕنتی! چانہِ وین تیتھو واتہٕ نوٚوس بہٕ وہہہ کھینس!!

سُریہٕ مُتی:۔ مےٚ تے وار آسہٕ ہے بہٕ دِمہٕ ہا وچھس چاکھ مگر کریا مُاج ہے

چھس! بہٕ چھس وٕنکھت درمہٕ سنکٹس آمژ ہیٚنہٕ۔

اننت دیو:۔ کلش واتہٕ سینا ہتیہ۔ یوٚدکرہٕ یوٚری پتہٕ ژٕ روزکھ درمہٕ سنکٹس

منٛز۔ خبر کتھی نیٚتہٕ ہٕدی مٕنٛش مرن پتہٕ ژٕ روزکھ دھرمہٕ سنکٹس

منٛز۔ وِچے کھِتر بہٕ یوٚد بھوٗمکا پتہٕ ژٕ روزکھ دھرمہٕ سنکٹس منٛز۔

سُریہٕ متی:۔ اَدے رٕکنہٕ تہٕ چھم وٕنتی ژٕ ۔۔۔۔۔

اننت دیو:۔ وین تی آسم ژٕ بہٕ گژہٕ کلش دیوس پوٚشہٕ مالہٕ ترأو نہٕ ہتہٕ نیرُن

سُریہٕ متی:۔ نہٕ! نہٕ!! تہٕ چھُنہٕ مےٚ وٕنُن۔ مگر مےٚ دپہٕ توٚہی کتھ تہٕ کرنہٕ ۔۔۔

اننت دیو:۔ وَن؟ کیا چھُے وٕنُن؟

سُریہٕ متی:۔ توٚہہ نیٚرِ کلش دیوٕ یوٚری اَنُن بُلأوتھ تہٕ تس پانہٕ پیٚرٕ تُژھن

یمن حماقتن ہُند کارن۔

اننت دیو:۔ ہرگز نہٕ! بہٕ چھس نہٕ وٕنہِ تس پوٚتر نظرِ وُچھتہٕ کانہہ تہٕ

سمجھوتہٕ کرنس بیٚٹھ تیار۔ وٕنہِ گژھہٕ فاصلہٕ سپدُن

سُریہٕ متی:۔ کیا چھِوٕ وُنان؟ توٚہی چھوٚنا تس پوٚتر نظرِ وُچھان۔ سہٕ چھُناہ

سون سنتان؟

انںت دلو :۔ شاید نہ کینہہ۔

سُربہ متی :۔ تیٚلہِ تُلو تلوارہ تہٕ گرٕ ھو گُرٕ لوٚن ہینہٕ نن نیٚبرن تل پینہٕ ہنو اَکھو وَد۔ مگر گوڈٕ تُلو نوٚم ہینز زٕ اَچھہٕ تہٕ دپو مےٚ اَتھِس چیرٕ یُتھ پران ہرنم ییٚتی نس ۔۔ "انںت دیٖولٕ اَتھٕ تُلان"

انںت دلو :۔ "تھیٖہ تراوان" سنتان چھِس کاپِھان) بجُرس منز سوکھ واتنہٕ موکھ مُرِتھ بوٚنہٕ تار لگہٕ موکھ، ولِہنہٕ لوٚنس منز جاے پرٲدِنہٕ یہ کھ بگرامی نالا یفن تھوٚوس ہنہٕ یہ کاتنہٕ ہمتھ دیٚن لایق۔ زِنٛدٕ زُد۔ تہٕ مُرِتھ گُس شیٖہجار واتناوِ ؟

سُریہ متی :۔ بگر کلش دیو اُنیوٚن تِہی بُلاوِتھ۔ بہٕ پرٕ زِہ تس پانہٕ !

انںت دیو :۔ بہٕ چھینہٕ لو بترٕ دود دلہٕ ناد یٚخ وِز۔ مےٚ چھُ ہینہٕ نن سارِنی بلہٕ ویرن یو دلوٕ مکایہِ منز گرٕ ھنگ آدیش دیٚت مُت۔ مےٚ چھُ ازیٔ ٲنی پانہٕ نیٚپاے اَند واتناوُن۔ بہٕ نیٚبر پانہٕ۔ "سُہ اَزان اَندر"

سُریہ متی :۔ ناتھ! اَز لوٚزِو میٲنی وہنتی ؟ لوٚزِو ۔۔۔

"سو لِوان تہٕ کلہٕ تراوان ہیٚر پاوِن، کینژن برِ شنزہٕ ن روزان ژھو پہٕ پیٚتہٕ اَژِ نہف کورس بیٚیہِ اندر۔"

Modern Present

زٕ یُٹھ برہمن :۔ اِوتاہ دِوتاہَن زن چھےٚ زٕ لو گُجہرٕ تالس تہٕ اُچھن زن چُھکھ اَوبرٕ ھٕرِ ہِہتھ۔

دوٚیُم برہمن :۔ یَتھ ریٚشی وارِ کُن وُچھنس زنتہٕ چھُ تمو یہٕ ژن کوٚرمُت۔ کرُن گوٚژھہ کانہہ تیٚژُھ دہ پاے یُتھ زِ تم سپدہٕ ہَن راضی۔

ترٛیٖیم برہمن :- راجماتا! اگر و منہٕ منز کلیش دوٗر پتہٕ ہناہ تھاوٕو ہر دِس منز
درہ پتہٕ شانتی ۔

"سُریہ متی واپہ واپہ پھیرتھ تھوٚدوُ وتھان"

سُریہ متی :- کوٚسہ راجماتا! اگر ژھ راجماتا!! مےٚ ہہ ڈٕلو راجماتا!!! ہہ کوٚس
چھس وونی تیتھ یوگر ۔ یس ہہ پننٕ باژ کاتھہ ولقار تھوٚ!
یس پننٕ کنٕ سنتان نیر بنُھی پھیشُر!! یتیمہ راجٕت آسہ ترووُمت
!!! یوسہ وانگج بنتھ آسہ درمہ ستھانس بیٹھ دوہ گزٲری کران تس
ہہ ڈٕلو راجماتا!!!

زیٚٹھ برہمن :- ماتا! کرمہ لاٲنس کُس ووت؟ وَق گوٚ پھیرتھ تہ مےٚ چھ باسان
یتھ دیشس چھ کُس تام سُند پاپ واوٕ مالہ ہندی پاٹھی گتھ کران ۔

سُریہ متی :- کُس چھ سُہ پاپی؟ کیاہ چھ تمی سُند پاپھ؟ کیا چھ سُہ پاپ یتیمی سانس
تھدِرس ناوس رب مُشرھ؟

باقے کورس اژان اَندر ہکہ ۔

کورس :- راجماتا ۔ راجماتا!!!

ژوٗریم برہمن :- راجماتا! کیا ہتام اَشبھ چھ ہیہ وُن!

سُریہ متی :- کیاہ؟ کتھ ہیٹھ؟

پوٚنٛژیم برہمن :- ژٕ کر دھرمندرس منز چھ زیٚٹھ پارشدی برہمن باوٕر گومت ۔

سُریہ متی :- کُس؟ زیٚٹھ پارشدی برہمن چھا باوٕر گومت ۔

شیٖیم برہمن :- ماتا! سُہ چھ کنٕ واکھ پتہٕ وژن لبہٕ لبہٕ وُنان گرزھان!!

سُریہِ متی :- کیا چھُ وَنان ؟

ژٕورِیُم برہمن :- زِ راژ کو لگہٕ وَہناشُک گوڈٕ دوہ آسہِ لِگاہ !!!

سُریہِ متی :- کیا چھُ لکان ! اَناپ شناپ وَنان ۔ پاوِر برہمن ! ــ بہٕ ــ بہٕ ــ دِمہٕ نہٕ یہِ وہناش سپدنہٕ ! ہرگز نہٕ ! بہٕ دِمہٕ نہٕ

ڈٕومِبس تہٕ ڈٰکس منز لوٗدسیدنہٕ ۔

ژٕیٹھ برہمن :- پاپن لوٗگ پوٗچھر تہٕ بارگو گوٚب ! ہی وجیشورِ ! اسنکہ ژالہِ منزِ کڈُن منوش !!

سُریہِ متی :- پاپ - پاپ - پاپ !! تو ہرکو نہٕ چھوٗ سنزِ تھ وَنان ۔ کُس پاپ ؟ کمُ سُند پاپ چھُ تیوٗت لوٗڈ یمتھ نہٕ لنوارن سپدِ ؟ یمتھ نہٕ پرایاہچھتھ سپدِ ؟

شیٹیُم برہمن :- کینہہٕ پاپ چھِ تِم یم نہٕ پژایاچتو ستی چھلنہٕ ین ۔ تِم نہٕ ترتھن تہٕ استھاپن گژھنہٕ دوٗر سپدن ۔

دوٚیُم برہمن :- تِم پاپہ یمن ہُند کو پربھاو راژگرن تہٕ پٔرزازن ہیمٹھ چھُ ٹاکارہ ہیوان ۔ یہ تِتہِ پرہٕ تین تیہ رلیُش تہٕ مٔنی زنن ہنزِ سیوایہِ تہٕ یاد چھلنہٕ تہٕ چھُنہٕ تِہُند کو پربھاو ژلان ۔

سُریہِ متی :- تیلہِ یہ باوی آسہِ تِتھ کُس ہیکہِ رُکٲوِتھ ؟

پوٗنژِیُم برہمن :- پارشدی برہمن سُند باو رگژھتہٕ کو کمتھ موکھ منزوننہِ تہٕ چھنہٕ بے معانے ۔

سُریہ متی :- رتم چھتے بے معنی ۔ مُتی کہتھ ، باوروا کھ !!! بہ ۔ بہ دِمہ نہ پننہِ راژہ کو دلگ ناش سپدنہ لوٗ تام ۔ یوٗ تام بہٕ زِندہٕ چھس ۔

"برہمن گرڈھان پہتھ تہ پتہ اَکہِ اَکہِ شیران"

کورس :- ژٕکر دھر سٲمی کرِن راچھ
رازس تہٕ پرژ زا یے
وجیشورسٲمی کرِن راچھ
رازس تہٕ پرژ زا یے
"ڈم ڈھمچ آواز وو تلان تہٕ کھپر لوٗپ اژان
نیبر پہتھ اندر"۔

سُریہِ متی :- کُس ؟ کھپر لوٗپ ! ژٕ کمہِ پرِ یوزنہٕ آکھ یور ؟

کھپر لوٗپ :- راجماتا ! ۔ کیٛاونہٕ ؟ مہاراج کلش دیون چھ سارے سینا ، ہیتھ وجیشورس پیٹھ حملہ کرنہٕ موکھ اوٗنتی پورپنٕ پڑاو ترٛاوِمت !!

سُریہِ متی :- اچھا ؟ ۔ تس چھا پنڑی پاٹھی ماٗلس پیٹھ حملہ کرنک ارادٕ ؟

کھپر لوٗپ :- ماتا ! اُسہٕ چھُ اَمی پریوزنہٕ پننہِ سنگی ۔ سٲتھی تہٕ راجپرش ہیتھ راژہ دانہٕ پیٹھ درامت ۔

سُریہ متی :- تس کٲژاہ سینا چھے سیتی ۔ ؟

کھپر لوٗپ :- ماتا ! اُسہٕ ہیٛکہِ نہٕ کُنے رنگہٕ پاٹھی سون مُقابلہ کرِتھ ۔ دوٚد گو تس آسہِ کُنہِ ژھلہِ بلہٕ حملہ کرنک ارادٕ ۔ مختلف طرفا تو کینہٕ ۔

سُریہٕ متی :- ژٕے کمٕی پأوٕے ہہٕ شیٖچھی۔

کھیر لوٗپ :- ماتا بے میأنۍ مٕو ہنٛوٗی آیہٕ وُنۍ نو نگر وُڈار ہیمٕہ منٛے ہہٕ شیٖچھی ہیھ وُنۍ کین چھہٕ سانہٕ طرفکۍ ڈامر۔ تہندۍ سپاہ ہٕتہٕ بلہٕ ویر۔ وِچ کھیترس ہٕنز سمان۔ منٛے چھہٕ ہنٛی مٕو ہنٛوٗی ہٕتہٕ گُپت ژٕر وِچ کھیترس ژٕو پأرۍ تھأوی ہتی۔ ہیمٕہ ہٕتہٕ طرفہٕ اسہٕ ہیمٕہ سپدِ حملہٕ تمہٕ طرفکۍ رأچھدر ان شیٖچھی۔

سُریہٕ متی :- کلش دیوس کر آسہٕ حملہٕ کرنُک ارادٕ؟

کھیر لوٗپ :- تمۍ سٕنز و تیأر یوٗتلہٕ چھہٕ نُنان زٕ کرِ پگاہ ہیٗراتا کالِ ہیتہٕ کُنہٕ وِزِ کُنہٕ ہٕتہٕ طرفہٕ حملہٕ۔

سُریہٕ متی :- ہٕٕ- ہٕتہٕ- ہٕٕ- ہٕ دِمہٕ نہٕ تس حملہٕ کرنہٕ۔ کھیر لوٗپ! ہہٕ حملہٕ گژھنہٕ سپدُن۔ یہٕ یلہٕ دگژھہٕ نہٕ سپدُن!

کھیر لوٗپ :- ماتا! اَتھ کُس ہیکہٕ رُکأوِتھ؟ یلہٕ دوٕے راژہٕ اننت دیوٗن ہٕنٛز ارادٕ آسہٕ بدلوٗمُت — سو گیہٕ وکھر کتھ۔

سُریہٕ متی :- ہٕ بدلاو یہٕ — ہٕ بدلاوٕ یہٕ — ہٕ دِمہٕ نہٕ کوٗلُک وناش سپدنہٕ یہٕ یلہٕ دلیلا گژھہٕ نہٕ سپدنٕ۔

"سو ہکہٕ، ہٕران اندر اَژٕنہٕ مٕو کھہٕ سرٕ پاوٕن کُن
گژھُھ اوٕرٕ نیران اننت دیو صلح پأرِتھ ننگہٕ تلوار
اَنھس کیتھ ہیھ۔"

سُریہٕ متی :- سٲمی! کلشن چھُ سینا ہیھ اَدٕنتی پوٗرہٕ ژٕنٕ پڑاو ترٕوٗمُت۔ یوٗدوٕے

توٚہی میانٛز وٕنتی کرِو قبول یہِ یوٗدٕ ہیٚکہِ رٕٹِتھ۔

اننت دیو:- ژٕ چھکھ نادٲنی شان ۔۔۔ بہٕ چھس صلحٕ پارٕ ٹھ۔ یوٗدٕ ویرِ شندِس رٕچھس منز۔

سُریہِ متی:- مگر بہٕ چھس پنٕنِس سٲمیِس تہٕ کلش شندِس مٲلِس پرارتھنا کران۔

اننت دیو:- تیٚلہِ گژھہِ یہٕ یوٗد سپدُن۔ تکیازِ اُکس راج تیاگی مٲلِس بیٚیہ چھُ تمی سُند پوتر حملہٕ کران۔ تس چھےٚ خبر نہٕ زِ شاید میٚ ما چھ ہیٚتھی یار تہٕ تیاگ اِتی۔

سُریہِ متی:- مٲلِس تہٕ پوترس منز یوٗد سپدنُک انجام کیاہ آسہِ؟

اننت دیو:- دوٕیوٗ منز زِ ینہٕ اکھ تہٕ اکھ ہارِ۔ پرٛتھ یوٗدُک انجام چھُ یِیے آسان۔

سُریہِ متی:- تہٕ یِمن دوٕن منز آسہِ اکھ میون ڈوٗمبہٕ تہٕ بیاکھ ڈیکہٕ۔

اننت دیو:- وُنی کینٛہہ ییٚلہِ یوٗدکرنُک فیصلہٕ سپُد نہٕ تیٚ پیٚزی پوترٕ ماے ترٛاوٕنی۔

سُریہِ متی:- زہ لوٗستی یہٕ وٕنُن چھُ سہل مگر ہردے کیاہ چھُ وَنان تہٕ چھےٚ میٚ خبر۔

اننت دیو:- بہر حال بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ یوٗت پھیرِتھ۔

سُریہِ متی:- توٚہی چھِو شترٛان زٕ لکھ کٔمہٕ کٔمِتھ کرن۔ یوٗدوے راژگرن منز پرٛتھ دشا روزِ تیٚلہِ کیاہ سپدہِ بربادہ ہنٛدِ گرن منز

کُس کرِ تامٔلس تہٕ پوترِ سٕندِس رِشتس پیٹھ پٔرٕ۔ کو سہِ مثال
روزِ لوٗکن زٕنیوٗ پیٹھ؟ یِ زِ تامٔلی پوترن نہ رٕود ہشر نہ روزِ کھ
کُنہٕ کتھ۔ سٲمی! یوٗدکرِنس گژھہ کانہہ کارن آسُن۔

اننت دیو:- کارن! بہٕ چھُس تہٕ اکارن پننی، جاینِ تہٕ وجیشور کین بسکینن ہنز
رکھیا کرنہٕ گژھان۔ یوٗد وے بہٕ یوٗد سپدہٕ چھون لالہٕ پھوٗل۔ کشیر
مُنڈلُک راژ کرِ یتھ وجیشورس لورِ پار۔ یتہٕ کیا تھوٗن لُکھ یاد؟
یہ زِ کلشس دیوٗن کوٗر وجیشورس پیٹھ حملہٕ تہٕ اننت دیو بیوٹھ نرزِنگہ
وُٹھتھ سُریہ متی ستی کتھا سُرت ساگر پران!!

سُریہ متی:- یہ کُس سمے چھُ توہی دیوٗ مٔے کتھا ساگر پرنچہ پامہ۔ میانی چھو
کُنی وہنتی زِ مٔے دیو توہی وعدٕ زِ توہی کرِو نہ کلشس پیٹھ حملہٕ؟

اننت دیو:- واہ! واہ!! جوان نیٖچوی سٕنز زِندگی چھےٚ تاٹھ تہٕ میانہٕ بجرک
چھےٚ نہٕ پرواے!!

سُریہ متی:- توہی چھو میانہٕ کتھِ نو قطٕ ژھاران تہٕ کتھٕ کڈان۔ بہٕ چھس
گاڈِہنٕدرِ پاٹھی تلنہٕ یوان تہٕ توہی چھو ہنزل کران۔ میوٗن سٲمی
تہٕ پوترِ کرِ یانہٕ واتِ ہرتہٕ بہٕ روزہ اَتھہٕ زٕ وُٹھتھ تماشہٕ وُچھان؟

اننت دیو:- کھیر بوٗپ! توہی کیتھ پاٹھی چھو آیتی۔

کھیر بوٗپ:- راژن! بہٕ اوسُس یہ نٕیچھ بادہٕ آمُت زِ مہاراج کلشس دیوٗن چھُ
پینُن سپاہ اوٗنتی پورِ تروٗمُت۔ چندوراج چھُ وِلشوکُنی دژامُت۔
ہمن آسہ کُنہ ژھلہٕ بلہٕ حملہٕ کرُنک ارادٕ ______ مُمکن

چھُ تم گرن لگاہ پراتاکالہٕ پتہٕ کُنہٕ وزِ تہٕ یاکُنہٕ دوہ تہٕ حملہٕ۔

اننت دیو:۔ ٹھیک چھُ۔ توہیہ نیرِو تہٕ وِچھِو کھیترکِن پیٚرتھ طرفس تہٕ وٕلوکھ ہوشیار موہنِو یمتھ زن تم سمیس بیہتھ حملہٕ پدٕ نہٕ شیتھ انن۔

کھیر لوٗپ:۔ یتھا آگنیا مہاراج!! "نیران"

سُریہ متی:۔ ڈٕلِو! توہیہ دیوِ مےٚ وعدٕ زِ توہیہ کرِو نہٕ کلش دیوس بیہتھ حملہٕ؟

اننت دیو:۔ یوٗ دِلوٗ مکایہ منٛز کیا حالات روزن۔ کیا خبر؟ یہ کیہتہ کٔنی ہیکہ یہ وعدٕ دِتھ۔

سُریہ متی:۔ مےٚ چھےٚ پوٗر پٔژھ۔ کلش کرِ نہٕ توہہ ہیہتھ حملہٕ۔

اننت دیو:۔ سُہ سیہ پانہٕ زور ازماوِ نہٕ مگر جندوراج کیتھہ بیہتھ چھُ دژ امت سینا ہیہتھ؟ شاہ کوٗ لکی راج پوتھر کیتھہ کٔنی چھس ہیتی؟

سُریہ متی:۔ تم پراوٕن کوٗ کرمن ہُند پھل۔ یوٗ دوے توٗ ہہ تہٕ کلشس منٛز یوٗ دوٗ سپد ساری ہہن تماشہٕ گیر ہوی وُچھنہٕ تہٕ زِکھتھ کیا وَنہٕ؟ کھتمرن اکاکی؟ ایمبرت؟ تہٕ کتی گژھن چھوکہٕ لد؟ کُس ناد روزِ سون بیتھ دیشس منٛز؟

اننت دیو:۔ رِچھ فکرِ بینزِ ہےکرِ کلشس پیٚس کٔشیرِ ہُند راز چھُ۔ یہٕ کرِ تٔہٕ یا مےٚ؟

سُریہ متی:۔ تس چھکھ ڈٕاجمٕژ لوٗد تہٕ کیا کرو!! تس چھہ اٚنٛدِ کٕکھر اکھس آیتی بارس! ڈٕلِو! توہیہ دیوِ لگاہ سِری لوسنس تام کلشس بیہتھ حملہٕ کرنک وعدٕ؟ بہٕ سوزٕ تس شیٚتھ! مےٚ چھُ بھروسہ یہ یوٗ دسپدِ نہٕ!!!

اننت دیو:۔ مےٚ اوٚس آش۔ ژٕ آسکھ رتن دیپ تھال ہیتھ میانہِ آرتی آلو نہٕ خاطر دارس بیہتھ تیار۔ مگر ہنٛز پتوٗرت دھرم مُشرِتھ چھکھ ژٕ لوٗ تہٕ ہنٛز طرفدارٕی کران۔

سُریہ متی:۔ دھرمہ سنکٹس منٛز آسِتھ چھس بہٕ شوب یُژھان تہٕ توہہ دوشونی ہُند تےٚ کانٛچھان۔ بہٕ کمو نزلوکِ ہٕتھنٛز آلتھ تہٕ یٔژھ پوتر سٕند

مُرن۔ بہٕ بیمو پادن میٲنٮ۪ وہنتی کرٕ سولیکار۔

"سو پادن پیوان"

اننت دیو :۔ ٹھیک چھُ ! بہٕ چھُس وعدٕ دِوان بہٕ کرٕ نہٕ کلشس پیٹھ حملہ مگر۔

"ہکہٕ سُریہ متی تھوٚد ووتھان"

سُریہ متی :۔ مگر کیا؟

اننت دیو :۔ یوٚدوے تمی توٚرمے پیٹھ حملہٕ کوٚر بہٕ ہکہٕ نہٕ پیٹھ روزِتھ!

"سیران"

سُریہ متی :۔ سٲمی!!! اسے واے!۔۔ میون ہیوٚہ مے گرٕھن کانٛسہٕ؟

اکہٕ طرفہٕ چھُ میون سٲمی مے پامہٕ دِوان۔ دوش دِوان۔ ہزل کران تہٕ دویمہٕ طرفہٕ میون کُن لوبھر میٲنِس شیر تاجس حملس لوان۔ کس ڈٕرس ہیکہٕ ونِتھ شوٚہتر دوٚر؟ کیاہ کیاہ چھُم تمو پاٚلی اُچھو وُچھن؟ دو شوٚہرے اَندو آیس ہیۓنہٕ! کیاہ کرٕ۔ مےٚ پیٚیہٕ کلشہ دیوس سوزنی شیٚچھ! سہٕ گرٕھہٕ نہٕ حملہ کرُن! تس کمیچ کمی چھےٚ؟ تس کُس بے چھُ؟ سول ماج چھس یتہ استھاپنس مغز بجُر کی دوہ کڈان۔ افسوس! تس کوٚ بہٕ واسنا گنڈٕن۔ بہٕ سوزس شیٚچھ۔ پین۔ پیم برہمن۔

"سُہ بیٚہان بادِن پیٹھ تہٕ اوراڑان برہمنن ہُند کورس"

"سو تھوٚد ووتھان"

سوریہ متی :۔ اَے کاٹلی برہمنو! مےٚ چھہٕ تو یہٕ پیٹھ دز ڈیٚڑہ اُتھدِس گاہے جارس تہٕ کیتھ

ہندِس واتہٕ ناو ورِس پیٹھ پٔرٕدٕ ۔ مےٚ چھُ پوٗرٕ وِشواس زِ تۄہیہِ اَلو

میانٕ اَکھ کام سٕرٹاینک ہنتی سان بامل ۔

زیٹھ برہمن :۔ ماتا ! پٔرٕدٕ چھےٚ برہمن ہندِس کرمس تہٕ وانی پیٹھ پوٗرٕ کام

تۄہہِ سٲنِس پوٗسہٕ اَلوا انجام یوٚدوے تہتھ منز دیشکُ تہٕ دھرنک

شوٗب آسہِ ۔

سُریہ متی :۔ تۄہیہِ چھِوٕ برہمن ہندی زِٹھی ! پوٗرٕ کام بہٕ تۄہہِ سٲنِس تہتھ منز

چھُ یِیمہِ دیشُک تہٕ راجٕ گرُک شوٗب ۔ پتہٕ زاپِہ ہُند شوٗب ۔

?

دۄیِم برہمن :۔ تیلہِ آسہِ یہِ سٲنہِ باگیہ مانی یوٚدوے تۄہیہِ آسہِ پٔرٕدٕ کانہہ کام

انجام اَتہٕ تنس یوگہِ زٕ اَلو !!

سُریہ متی :۔ اَے برہمنو ! تۄہہِ نیرِو وونٕ گرٕن کیتھ اوٚنتی پور ۔ کِہ جایہِ

گرِی زٕ پو تہٕ ٹھہراو !! تہٕ وُلو میانہِ شیٚچھ کلش دیوس ۔

ترییم برہمن :۔ ماتا ! اَسہِ کیا آسہِ تس وَنُن ؟

سُریہ متی :۔ وَنیوٗس ۔۔ اَے کلش دیوٗ !! اَز روٗ چھکھ مأنی ماجہِ یِیمی دوہ

خاطرٕ ؟ یُتھ زن تہٕ ہمن دِکھ نہٕ بجہرٕ کی دوہ سوکھ سان کڈٕنہٕ ؟

وَنیوٗس ۔۔ اَے کلش دیوٗ !!! چانہِ راجٕ بود ۔ کیتھ پیٹھ چھےٚ

ڈٕجہِ ؟ کیتھ پیٹھ چھکھ پانٕ پانس اَندی اَندی چاہ کھنان ؟ کیتھ

پیٹھ چھکھ مُرکھ پونیرِ ہندی پاٹھی مأنی ہندِس کروٗدٕ اَگنس

good

منز دزنہٕ یوان ۔

ڈُنیوٗس ـــ اَے کلش دیلو !!! چھےٚ نا خبر چانٛی بلہٕ وپر پتاہَن کِتھ کُنیٚ گرٛی پننِٛ دشمن یودن مشر ختم ؟ یاد تھاو یُس کروٚدٕ وِزِ ناہٕ ترٛٹھ ہیوٚہ چھُ تیٚنزان یودوٚے اکِ لٹہٕ گرُس کھوٚت تہٕ یو ڈُکھ شنکھ وایہِ ـــ تیٚلہِ کُس کرِ چانٛزتہ چانِہ سِپاہ چھوکہِ ہشنز رکھیا ـ ؟

ڈُنیوٗس ـــ اے کلش دیلو ! تہٕ کانٛتیاہ پیادٕ ہیٚتھ ـ کانٛتیاہ رتھ تہٕ رٛتھی ہیٚتھ ـــ کانٛتیاہ ہُسی تہٕ نیزٕ بردار ہیٚتھ ـ کاتیاہ گرٛی سوار ہیٚتھ چھُکھ بلہٕ وپر مانٛس سیٚتی لوٚدس یوان ـ

میانِہ طرفہٕ ڈُنیوٗس ـــ اَے پوٚترٕ ! اگر دِ چھاو راجتیٚنگ الشوری ؟ ژِیے ماٗلِ پانہٕ راج سوٗنیمت چھُےٚ تہٕ وۄنٛ کِتھ ہیٚتھ چھےٚ مانٛلِ سُند بے ؟ مول چھُےٚ یِتھ وِجیشورا ستھاپنس مشرٕ بجرِ کۍ دوہ کڈان تہٕ ژٕیےٚ کُس دۄکھ ووتے ؟

ڈُنیوٗس ـ اَے کلش دیلو !! رتم یم ژٕیےٚ تہٕ چانِس مانٛس درمیان بھاسس چھِ تراوان ، گنڑھن پانٛز پانہٕ ختم مگر لِعد وۄے ژٕ ہٕنزن کیٚتھن تہٕ ژوٚین ہُند رشتکار سِپدیوکھ ژٕےٚ سپدی ناش !!!

لہذا اَے پوٚترٕ ! گژھ راز دانہٕ وانٛس ؟ پھِرکھ سِپاہ تہٕ سینا پوٚت ـ تہٕ گژھ یوٚ تام چانٛی ماجی سُریہِ متی چھےٚ زِند توٚ تام وانٛتی تہٕ مانٛلِ ہُند رٕدُسی کانٛہہ آزار ـ بلکہِ یوٚ دوٚے تنگی پنٕن سادھارن دھرماتما . پرُش مول کرُن پنٕنوٚ پہٕ تھوکرموٚ تہٕ وۄنٛ نوٗ سیٚتی خوش !!!

برہمن :ـ ماتا ! یوٚدوٚے تہٕ یہٕ کرِ قبول اُسی مالوٗ آکاشگنٛ دِتہٕ ہَن ہُند احسان

سُریہ متی :۔ سُہ کرِ یہِ ضرور قبول ۔ اَتہ منز چھُ تمیُ سُنٛد کلیان۔ آخر کمہ

ہیٚٹھ کرِ سُہ پننہِ وہناشُک سنٛز!!

برہمن :۔ تیٚلہِ نیرَو اُسی تہٕ اَلوٚ یہ کٲم انجام۔ اُسی اَلوٚ یہِ کٲم انجام

راتھ تہٕ پٔرزا رٔوزِن سوٚکھی!!

سُریہِ متی :۔ وجیشور سٲمی کرِن تھُنٛز رکھیا! الوٚ تام توہی یہٕ شیٚچھی ہیتھ

واپس، پھیرِو یہٕ ـــ یہٕ رۄزٕ ییٚتھی جایہ نِراہار ـــ

پراران ۔ پرران۔ پراران ۔

برہمن نیران تہٕ سُریہِ متی مُدے گنٛڈِتھ دٔر

دُچھان تہٕ پتہٕ واہٕ واہٕ پھِر بیہان ۔

## گوڈنیُک زٕھین

گوڈنِکس حِصس منز ییٚتھ مہارانی سۄربہ متی چھِ آسان بِہِتھ تہٕ

نس چھُ زیٚٹھ برہمن کلہ نوٚمرآوِتھ آسان۔ زنتہٕ چھُ دیس کُن نمِتھ

گٲش زالن وٲلی چھہ تایہٕ کِ زانگی زالنہِ اَتھان ۔ تمِن پتہٕ آتھان

برہمن ہُنٛد کورس۔ زیٚٹھ برہمن چھُ کینٛہہ کالہٕ پتہٕ تمِن سیتی رلان۔

یم سارۍ چھِ متابقن ہُنٛدِ موٚڈ مطابق جایہ بدلان۔

روزان. کیٛنہٕ کالاہ ژھنو پہٕ روزنہٕ پتہٕ چھُ نہٕ ژیٛنُٹھ برہمن اَتھ پٔنہٕ کلہٕ تھوٚد تھاوتھ بلہٕ پتےٚ برہمن ستیٚ ژٕلیتھ پننہٕ مقالمہٕ وَنان ژٕ اَنگی زالن واڑی چھ اَندر کُن اژان

زیٛٹھ برہمن:۔ ہی وِجیشور سأمی !!! گاشہِ راوُن! اَگہٕ مَنز پھوٚٹمُت زِگھتھ گاشہِ راوُن یُیتھ زن لکن مُنک کرِ ہنیار تہٕ اُچھن ہَنز ژوٚھانپھ ژٕلہِ۔ ہکہٕ ژٕلہِ۔

دوٚیُم برہمن:۔ گاشہِ راوُن وِجیشورُک اوٚند پوٚکھ۔ گاشہِ راوُن کشیر منڈل یُیتھ زن کوٚ کرِمی پھٹمتھ نیرن تُنکی تہٕ ژٕلن وَنن کُن۔

ترٛیٚیُم برہمن:۔ نہٕ گژھ شیشہٕ ماہن تل، نہٕ رٕوزن ژٕھیپھ دِتھ ژوٗرِ گوٚپھن تہٕ غارن منٛز۔

ژوٗریُم برہمن:۔ تِمن کیٛا کرِ گاش تہٕ گیہ یُہُند مدعا آدمی رتس بأپار کرُن چھُ۔؟ یُہُند مدعا گرِ ہنٛز شانتی بھنگ کرٕنی تہٕ باٹن منٛز پھاس تراوُن چھُ؟

پاںژیُم برہمن:۔ یِہنٛز کام پژزایہٕ چھلہٕ چھانگر کرٕنی چھےٚ۔ پژنہٕ طرفہٕ خوف تہٕ بے تعاوُن چھُ۔ لوٚکن نیٛبر نیرنس کامن کرٕنی چھےٚ۔ تِمن کیٛاہ کرِ گاش !!

گوڈنیُک برہمن:۔ وُنہٕ گیہ صرف رٕہتھ، پچھاتہٕ کیٛنہٕ دوہ پیٛلہِ کلش دیلو سینا ہیٚتھ اوٚتی پورٕ پیٛٹھہٕ راز دانہٕ کُن واپس پھیرے لیوٚو۔

دوٚیُم برہمن:۔ یکبارٕ آسی کرِ یہٕ رازٕ کلش دیوس، رازٕ ماتا شُریہٕ متی ہِنٛز وِلہٕ زارِ تہٕ ممتایہٕ ہنٛز باوتھ تہٕ سہٕ پھیرے لوو لوت۔ اَسہٕ کرے لیوٚو دیوی دِوتا ہن ہُنٛد شانتی پاٹھ۔ اَسہٕ زانےٚ لیوٚو زِ ووت ماتالی لوٚترن ہُنٛد نیٛلے اَند۔

ترٛیٚیُم برہمن:۔ یوٗد سید لیوٚو ہیٚ کیٛنہٕ۔ رازٕ اننت دیوں تہٕ رازٕ ماتا سوٗریہٕ متی زانیٚو زِ وۄنہٕ کڈھن زندگی ہُنٛد یُم دوہ پوٗزا پاٹھ کران سوکھہٕ سان۔

ژوٗریُم برہمن:۔ مگر تِمن کیٛتہٕ آو خوش۔ یُم رازٕ کلش دیوس لوٚد چھ ڈالان تِمن چھےٚ رازٕ گرٕچ خوشحالی اَچھی کرتُھ۔ ماٗلس تہٕ پوٚترس منٛز گژھ کیٚتھ آسنی تہٕ اَچھی کرِتھ۔

پوٗنشِریُم برہمن :- راژِ گرس منتر سمہٕ ژار- دھر موٗ سنسکارن کُن پروٕرتھ تہٕ پژزایہ ہِنٛدِ موکھ پرتی کار کرنٕ اُچھی کِنٛتہٕ- ییہ وے اُچھی کرتُ نیرِ ہے راژِ گروٗک نیائے وانِ ہے اَنٛد- لوٗکن ژلِہے ووٕ دٲسی بدحٲلی تہٕ بے۔

اکیُم برہمن :- پژزالبہٕ ہے سوٗکھ تہٕ شانٛتی. گرِ ٹاپن ہُنٛد صدا لوٗنہ تھاو ہٕن تہٕ لُکھ دوہلی دارِ سر تروٗ پیرِ تھ۔

دوٗیُم برہمن :- کوتاہ مشکل! کوتاہ مشکل چھُ ویرِ گاٹُن- ییتھ کٕنیہ نیوٗمُت یلو چھُنہٕ ٹیبہٕ دی دی تہٕ لوان، تیتھے کٕنی چھپہ شوٗ ترتھ اکہ لٹہٕ ووٗتلتھ یتھ گنڈو، گَمہٕ جوٗرُو تہٕ سمجھو تو ڈسی تہٕ پایہ دوٗر روزان۔

Kennedy [illegible]
IMP
To be discussed with Kunj Saha

تریُم برہمن :- پرانین زخمن تہٕ چھوٗکن چھُ ابلوُنے کرالی تُلنہٕ یوان- تہٕ کیا نہٕ پردیشکی راژہٕ کمار چھ کشمیرِ منڈلس پیٹھ سٲل گاہ، شکار گاہ تہٕ آرام گاہ مانٛتھ راجیُت یژھان چھاوُن۔

ژوٗریُم برہمن :- یہ تین تہٕ نیک منوش چھ انان تنگ- یم منوش تہٕ بلہٕ ویر ہم راژا اننت دیوٗنہ طرفہٕ دژایے یوٗد کرنہٕ لاگِھ نانا پرکاری عذابن۔

پوٗنشریُم برہمن :- گوٗژھنا کاتھہ یایا، ووٕ یاپایُن کرنہٕ ہیتھ زن یہ مُژکری بد طعونی تہٕ پھاس اَنٛد وانِ ہے- راژہٕ گرِ روزِ ہے سوٗکھی- پژزا روزِ ہے سوٗکھی- تہٕ ووٗپاری روزِ ہے دیش سوٗکھی!!!

IMP

"سٲری برہمن یتہٕ اتہٕ وُنس ہرس بُتھہٕ روزان"

اکیُم برہمن :- وٕلو راژہٕ اننت دیوٗ آسن ووٕنی واپس پکان شراٗن سندھیا

کرِتھ۔ ڈ۪لو روزِتھ تامتھ پور کُن ہے وچیشور سٲمی !!!

"کینہہ برتسزِ ژھوپہ پتہ ہتھِ اَژان اننت دیو۔

تس آسان نہ زٲنی ستی۔ اَکھ چھیتر ہتھ تہ بیاکھ

المہ ہتھ۔ یِم دو شوٗ رے مندورِ اندر اَژان راہہ

اننت دیو برہمن ستی ہم کلام سپدان"۔

سٲری برہمن :۔ راہہ رٔوزِن سوٗکھی! پترزا رٔوزِن سوٗکھی!! دے کٲرِن راہہ

گرِچ وٚیاد تہ پترزا لگِن پرتھن گرمن کُن۔

اننت دیو :۔ تی سپدِن! تی سپدِن ہے وچیشور سٲمی تی سپدِن۔ ڈ۪لو

کیا چھوِ ہاوِنہ آمتی۔ یگیہ کرنک کانہہ سنکلپ چھوِ کوٚرمُت

کِنہ کُنہ یاترایہ کُن چھوِ دزاہتی۔

زیشٹھ برہمن :۔ نہ گت کلیانکی یگیہ کرنہ۔ اہو تی ہمنی چھ سانین نیتی کرمن

منز اَکھ۔ مگر رازن! اَسی چھ اَکِہ شیچھِ پتہ بیاکھ بد شیچھ لوٗزی

لوٗزی کانیان۔ یے تہ تراس کھوان۔

دوٚیُم برہمن :۔ من چھ اشانت روزان۔ مندرن تہ استھانن منز چھینہ

دِوے پرانہ شوٗبہ تہ اَنمانہ لگان۔

اننت دیو :۔ کارن؟

ترییُم برہمن :۔ مُلکھ چھ شاہ کوٚلکین راہہ پوٚترن ہندی بداطوار وٚچھتھ گرِ نیبر

نیرِن نہ تہ شاپھ مانان۔

ژوٚرِیُم برہمن :۔ دپان یادِ شکیل کوٗرِن چھ مالین ماجین رنش جبراً تُلان تہ کولہ

مریادن چھ بھنگ گران ۔

پوشہ نُم برہمن :۔ راژہ پوٗرش تہٕ قوتونکی محافظ چھ پانہٕ اکھ ہتہٕ یا بیٚیہ ہتہٕ پَرزایہ

تنگ آنان ۔ کوٗژھ ہیٚنہ دِنہٕ ورٲے چھنہٕ کانٛہہ کٲم اَندان ۔ IMP.

اننت دیو :۔ کانٛہہ رُت پوٗرش، بلہٕ ویر، دیشہٕ دھرمُک رُت زانن وول

چُھکھ ناکینٛہہ تہٕ وَنان ؟

برہمن زیُٹھ :۔ ییٚلہٕ نہٕ وَنہٕ نس تہٕ کرنس منٛز ہشر آسہٕ ۔ ییٚلہٕ نہٕ من رلن ۔

وِشہ ار رلن ۔ ییٚلہٕ نہٕ کولہٕ ستکارن کُن پروٗرتھ آسہِ ۔ بیٚیہ

کرتل تہٕ موکھس ہیٚنٛھ دِنہٕ ناو سورن آسہٕ ۔ راژن مکاری

ہنٛدِس تنھ زگتس منٛز کو سہٕ قدر تہٕ مول آسہٕ ۔ تہٕ تِمن بلہٕ ویرن

گاٹلس تہٕ گیانہٕ نن ۔

" امی وِزِ چھے نیٚبری زنہٕ وَدن بارکہٕ گژھان

کینٛہہ زنانہٕ ، مرد کریکہٕ دِوان دِوان اَژان "

آواز :۔ ہا ماتا ! ہا پِتا ! ہا راژن !! ہا راژہٕ ماتا !!!

اکھ زُنی :۔ اتیاچار راژن ۔ اتیاچار !

اکھ مرد :۔ ہا ۔ ہاکار راژن ۔ ہاہاکار ۔

" تمن چھ راژہٕ پوٗرش زکاوان "

اننت دیو :۔ کُس چھُ ہاہاکار کران ۔ کُس چھُ وَنان ؟ کس سٕید اتیاچار ؟

تراوِو وُن اَندر ۔ کانٛہہ مہ زکٲوِو ن ۔

اکھ زُنی :۔ ہی پِتا ۔ اُسی کیا کھیمو ؟ شرہ بن کیا دِمو ؟

بیاکھ زُنی :۔ گاگُون ، گِپنن ، پوشن کیا دِمو ؟

مرد (۱) :۔ رازن اسہ چھنہٕ تران فکرِ سون سوآمی کُس چھ؟ سون راز
کُس چھُ؟

دوٚیُم مرد :۔ یِوان چھُ اکھ تہٕ چھُ منگان راز گرٕ موکھ فصلک اکھ حصہ۔
یِوان چھُ بیاکھ تہٕ منگان استھاپن تہٕ اگر ہارٕ موکھ بیاکھ حصہ
یِوان تریٚیُم تہٕ ہیم بیہ تہٕ تلوارِ دھارِ تل نِوان کُچھِ خالی کرِتھ۔

اکھ زنانہٕ :۔ یِوان ژوٚرِیُم تہٕ کرِتل دارِ تل نِوان ہٹیک تہٕ ہُنگ سون کڈِتھ

اننت دیلو :۔ مگر تم کم چھ۔؟

اکھ مرد :۔ گرٕ یِوان جیانہٕ ژٕ موہنوِ۔ بے ہیم ہاوِتھ ژلان جنس ہیتھ
یِوان وراہ دیوٕ ژٕ موہنوِ تہٕ پلو دلو دُسہ پشمینہٕ ژلان ہیتھ۔
ژُ ماہرِ نتہِ بچنہٕ موکھ چھنہٕ چارٕ لگان سن ژٕ بیتھ تمن حوالہ کرنس۔

اکھ زنانہٕ :۔ رازن! اُسی کیاہ کرو؟ اُسی کیا کھمو۔ کِتھِ کنٕ روزو زِندٕ؟

بیاکھ مرد :۔ کیاہ کرو رازن؟ کیا کرو؟ ژور رچھوا اکیہ گرٕ تہٕ گرو بیٹھ!!
زمین زِراعت کماوو کِنہٕ گرٕ ترٕو پرِتھ بیٹھو تالو پچہ گنزراں۔
یمہ رازن کرو انتظار۔ کیا کرو رازن۔ کیا کرو؟؟

بیاکھ زنانہٕ :۔ اسہِ کم پاپ چھ کرِی متی۔ یہ کُس سمے آو رازن!

اننت دیلو :۔ پاپ چھ کرِی متی مے، شاپہ لدِ چھس نہٕ۔ مگر ظلم چھُ سیدان
پرزایہ ستی۔ کینہٕ تہٕ کینہٕ پتیہ کرُن۔

اکھ مرد :۔ رازن! تُو تام کیا کھمو۔ شرین باٹن کیتاہ دِمو۔؟

اکھ زنانہٕ :۔ بیٹھ چھ وَندِ بیہٕ وول۔ تہٕو کیتاہ۔ وُلو کیتاہ۔ وُرن دَھرن...

اَننت دیو :- من کٔرِو شانت ! شانت ! رٕ آ ژٕ ہُنٛدوَق چھُ - اَتہٕ وانٛدر وِجیشورس منٛز کٔرِو تو ہیٚتہٕ واس ... پکوٗ اَتہٕ وانٛدر .. پکو -

" یِمن ژٕانان مندورکُن تہٕ اورٕ یور کران ۔

برہمن ہُنٛد کوٗرس چھُ وُچھان روزان "

اننت دیو :- بٕ کرٕ - بٕ کرٕ - کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ - بٕ کرٕ -

زٕ یُٹھ برہمن :- راژٕ ریوٚش کیٛاسنا کرِ ؟ چھا کانٛہہ پایا ، تدبیراہ ؟ دوٚ پایا - ؟

" اننت دیو گوڈٕ وچھان آکاشس پیٚتہٕ

پھیران پوٚت وُچھان وجیشورس کُن "

دوٚیُم برہمن :- یِم کلشس دیوِنٛز طرف داری چھِ کران ۔ یِمن ستیٚ گوٚژھہ تیٚ کرُن ۔ تیٚ سپدُن یہِ تِم تِہنٛدٕ ہمدردن تہٕ طرفدارن ستیٚ چھِ کران ۔

اننت دیو :- ( پوٚت پھیرِتھ ) نہ - نہ - ہرگز نہٕ ! سنتوشس تھاوُن تہٕ سہن شیٖل روزُن چھُ سون دھرم - اَکُے پاے چھُ —— کیول اَکُے پاے - راژٕ نیٚژُن بدلاوِتھ ۔

" بلہِ تیٚ برہمن تس زنتہٕ گیرٕ کران "

ساری برہمن :- کیٛاہ — راژٕ نیوُن بدلاوِتھ -

اننت دیو :- آ — شنونگ راج نین پوٚترن کرِو راج حوالہ تیٚ ہیٚکن کشیر منٛڈلُک سنکٹ دوٗر کٔرِتھ -

" برہمن الگ الگ سپدان "

زیٚشٹھ برہمن :۔ گو توٚہۍ گرِ لوٚن کلش دیو برطرف !!!

اننت دیو :۔ اَمہِ رٔوس کُس پاے چھُ ۔ چھا کانٛہہ پاے ۔ ڈٔلِو ۔ ؟

دوٚیُم برہمن :۔ کلش دیو تہٕ تسٕندی ساتھی شاہ کوٹھکی راژ کمار جیانٛشد وراہ دیو بیترِ ماکرن بغاوت ۔ کمراز مراز ماگرٹھہِ یہِ دس منٛز گیر بیٚنہٕ ماگرٹھہِ گرِہ گرِہ راج شروع ۔ افراتفری ما ووتھہِ ۔ لکھ ماواَین اکھ اَکس کرتَل ۔

اننت دیو :۔ اَسہِ کرِو تِمیٚنٛک تدوُرک ۔

تریٚیُم برہمن :۔ گو نا یوٚدھ ۔ وِہنا شکارٕی یوٚدھ ۔ تو ہرِ تم تہٕ یور توٚہۍ پانہٕ ۔

باقے برہمن :۔ یوٚد ۔ یوٚد ۔ یوٚدھ ۔

اننت دیو :۔ آ ۔ آ ۔ یوٚدھ ۔ تہٕ یہِ یوٚدھ گژھہِ فٲصلہ کُن سپدُن ۔

"رٕژھہ کھنڈ روزان ژھعہ پیہ"

ژوٚریُم برہمن :۔ تمو نگ راجینس پوٚترن منٛز کس اَکس کرِو راج حوالہٕ ۔ رکینہٕ دوشوٚنۍ ؟ ــــ یوٚدوے دوٚشوٚنۍ نیٚبلہٕ ما ووتھہِ بٔیِنہِ گرِ نیاے ؟

پوٚنٛژیُم برہمن :۔ پٔنُن گرِ مچھہِ تھاوِتھ چھےٚ توٚہۍ بیٚیس گرس تہٕ بیٚیس کوٚس راج ساتھ نیاے یترھان تُلُن ۔ اَمہِ سِتی ہَمہِ نہٕ کانٛہہ مسلہٕ

برہمن زیٚشٹھ :۔ راژن ! کلش دیوُن پوٚتھر ۔ راژہٕ کمار ہرش دیوٚے جوان چھُ ۔ سُہ چھناہ اَکھ یکہٕ ؟

اننت دیو :۔ سُہ چھُ ماٲلۍ گرس منٛزے بند تھوٚومُت ۔ اَتھ دِکھی چھِنس راٹھی در تھاوِکرمتی ۔

دۄیُم برہمن :- سُہ گۄڈٕ کُنہِ ژھٕلہِ یور آیہٕ نادُن۔ سٕتہٕ رٲچھو درن گۄڈٕ دِتھ

یا ہژم دِتھ سۄ کلاوِتھ اَنُن تہٕ تُسی گرٕڑدہِ پیٹہٕ تاجپوشی کرٕنۍ۔

اننت دیو :- مشوٗرٕ اوس رُت۔ سیٹھاہ رُت۔ اَما پۄز سُہ کیتھ کٕنۍ واتہِ یور۔

تس کُس آیہِ تمِن ہٕتھی یارٕ بندٕ رٲچھو درن نِش سۄ کلاوِتھ یور۔

## — لہِنٛدا —

ساری برہمن :- لہِنٛدا۔ مہاراج کیا؟

اننت دیو :- لہِنٛداکرٕ بٕ تی بہِ سے چھُ سوٗچمُت۔

ترٛیِم برہمن :- کھماکرِد رازن اب رازٕ ماتا سُربہتی دیوی چھا اَتھٕ رٲضی؟

اننت دیو :- تس پٮ۪ٹھہِ اَتھ فٲصلس پیٹھ رٲضی سپدُن۔

ژوٗریُم برہمن :- تُہنٛز طرفٕکی اَنگ آشناو۔ ڈامرٕ تہٕ زِٹھی راجپُترشن آسیا بہٕ

رائے منظوٗر؟

اننت دیو :- رتم مٲلی راد کھ بٕ۔

پوٗنٛژیُم برہمن :- لُکھ ما تلن کربکہٕ ناد۔ لۄکن منٛز چھُ ہرش دیو سیٹھاہ مقبوٗل

— لۄٹھ۔ سُہ شۄ بایہِ مان چھُ پرٕتھ ودیایہِ منٛز تاق۔ سُہ

چھُ پانٛژ ستھ زبانٕ زانان۔ بیٚٹھ چھُ بد، شلوک تہٕ کوِیتایہِ وَنہٕ

رٕکنۍ زیادٕے لۄٹھ۔

اننت دیو :- مگر سُہ کیتھ کٕنۍ واتہِ یور۔ سُہ آسہِ مٲلی پانس کُن پھیشرمُت تس آسہ

پنُن خرچ برٕرچ ترٲن۔ اَب ساریہِ نے مٕریتھ چھُ راج تاج لٕسنٛدِ۔

گۄڈنیُک برہمن :- تیٚلہِ چھُ تہنٛز رائے زیادٕے کرٕ ہٹھ باسان تۄہی سٲنہِ پور راج

تنونگ راج ننن پوترن تہ کلش دیو تہ ہرش دیو کرن ناژ لِتھ
سپلِتھ لغاوت ۔

انند دیو :- تہ چھہ سٹھاہ ممکن ۔ یِژھِ حالژ منز دِیہ پژزا تہِ تمن ساتھ ۔

ساگری برہمن :- تیٚلہِ گژھ ہنا بیٚیہِ وہژار ۔ دلوٗرت حل نیرِ مسلن تہ مشکلن ۔
"کیٚنہہ پزِ نزی روزان نہ ھو یہ ۔ ساری اور یور
لپکان پھیران"

گودنیک برہمن :- کوتاہ جان گیٚو یوٚد وے توٚہیہِ تہ کلش دیوس ہشر سید
ہے ۔ گرِ کھسہِ ہے نہ تہِ ۔ پژزا البہِ ہے سوٚکھ تہ شانتی کیتھ بیٚیہِ
ہے نہ عامس تہ خاص منز ۔

دوٚیم برہمن :- سُہ لگِہ ہے دھرمس کرس کُن ۔ سوکھ تہ شانتی بھوگہِ ہے ۔
پژزایہِ ہژدِن دوکھن تہ دادِن سنہِ ہے ۔ پژھتھ انُدآسہِ
ہاہس جے جے کار ۔

انند دیو :- تمی پژھایہِ رکُی ساپنیٚو منے تس راج ۔ مگر گژ ہِدی رُودی
دوہے وہ پیر ہیتھ تہ شورژ رُودی سرس ۔ خت گران ۔ ٹیپ
ژمان ۔ ناو تہ رہژھ کڈان ۔ افسوس یہ سوزِے یِتھہ منے
پانس خطاہ ۔ گراسو نِکم پرزایہ ہُشدرُت تہ گرا راژ گرُک
گرا آس مہار آنی ہنیزرن لولہِ کھتن منز ہینہ تہ گرا جوان نیچوِس
وِتہ ہاوُک بُنتھ اکِتھ روٚٹ کرِ نہ کس جنونس منز ۔ مگر
تس آسی ہنی کرِ ہیٹھ تہ وہ کھژ ارمان ۔ دُراژ ایہ گی ۔ وہ پرن

V. Imp.

ژۄپرن ستھ رانہٕ مرٕیادابن ٹکھ دِنکی۔ افسوس!

"مندورِ مشنز سیران واہ واہ سُریہ متی ساری
بُرشنز کھنڈ ژھوپہ کران"

برشنزِس مشنز بدلیوو۔ مالِس ماجہ تہٕ چھُنہٕ سنتان سُند آژرن پرز ناوُن تگان۔ کینہٕ یہِ چھِہ تاجس تہٕ تختس صِفت برشنزِس مشنز چھُہ منوشس سۄ بھاو وستار کل تہٕ آژرن بدلاوان

ہائے افسوس!!

سُریہ متی :۔ سامی!! ہرشہ دیوئی مالۍزِو کاہہ شیٚچھی۔ سُہ ماوۄت لیور

اننت دیو :۔ کوسہ شیٚچھ! سُہ کمہ پکچھہ لاگِتھ ییہِ لیور۔ تس چھکھ ژۄپاری پہر بیٚہناوِمت۔

سُریہ متی :۔ مےٚ چھےٚ تس شیٚچھی سۄز مٕژ، لیور ییِنچ۔ جل واتِنچ!!

اننت دیو :۔ واہ! واہ!! ژےٚ سۄزِتھ تس شیٚچھ تہٕ مےٚ چھنہٕ خبرے؟ کر سۄزتھس شیٚچھی۔ کس . . . .

سُریہ متی :۔ اَز چھُہ پۄشنژِم دوہ۔ تۄہہِ کیٚاہ سارِنے ژۄرِ سۄزمس شیٚچھی۔ قسم موکُل تھاوِہ نہٕ موکھ۔ زِ۔ مےٚ چھُہ تٕمی سُند سۄہاہ لول آمُت۔ بہٕ چھس تس بتھہ یژھان وُچھن۔

اننت دیو :۔ اوہ! کیٚنہہ اَنزتھ گژھِہ نہٕ سیدُن!! دِیا تس کلش دیو لیور واتنہٕ؟ لۄدوے سُہ لۄت واتِہ کلش دیو ماکرِ کانہہ ژھل بل استعمال۔؟

سُوریہ متی :۔ توہہ بوزُونا کلش دیوس چھتے شینۍ گاشر۔ ژتوہۍ چھو 1HP.
تس ہر طرف کرنگ یرادِ تھاوان۔

انت دیو :۔ ہاہتہ ! ژہ ییٔ کمی باوٕ رے یہ شینۍ ؟

سُوریہ متی :۔ بر آش متی واتہ از منزہن یور۔ تمہ تہ ووٕن زِ کلش دیون چھ ہرش دیوس اندی پکھی پہرہ دار تھاوی متی۔ تس چھکھ راز دانہ منز نیرنس وَتہ بند کرِ متھ۔

انت دیو :۔ افسوس ! تیلہِ گوٚژھہ نہ انز تھ سپدُن !! یہ کیاہ کوٚرتھ ؟

سُوریہ متی :۔ ہے کیاہ گوم ! کیا انز تھ ؟ کیاہ کیاہ۔ ہرش دیوس ہیکوٚ نا اُسی بُتھہ تہ وُچھتھ ۔؟

انت دیو :۔ ہرش دیو کرِ تن راز دانہ نیبر نیرنچ سپِل تہ مالی ہندی لوٚڈ کرِ تنس حملہ۔ کُنی سے ژُنس کرِ تنس اِہمیو ہندی پاٹھو اندی اندی گیر۔ ژ کر دیو ہس منز پھسہ۔ اَمہِ بروٚنہہ زِ یہ سپد ہے پزِ تنونگ راجنیو پوٚترو منز اکس راج ساپنک اعلان کرُن۔

سُوریہ متی :۔ کیاہ ! ــ توہی واتی وِ یہ کرنس ــ مےٚ تہ پزِ ژھو زِ ہو۔ لوٚت کیاہ کرُہن شین وولُن زِ توہی بخشاوِو وِچے کھیترُک راج بنیٚس کوٚس۔ اَکھ وُیتر تھوٚوِہن بالہ پانے توہہ کوٚنگ رازہ تہ بیاکھ چھم از باندی بنتھ مالہ ہندس زالس منز تہ توہی کرِو ووٚپر کوٚس راج دِنک اعلان ! یہ کیٚتھ فاصلہ ؟

یہٕ آسہِ یمن برٛہمن ہُنٛد مشورٕ ؟

ساٹری برٛہمن :۔ ہرگز نہٕ ! ہرگز نہٕ ! اسہِ آنٛز وۄ ڈٲسی من کرٕن نہٕ زاہنٛہ راجہٕ کارس منٛز مُداخلت ! ہرگز نہٕ !!

برٛہمن زیشٹھ :۔ اَسی ہیکوٚ شاسترو تہٕ پرمپرایو مطٲبق خالص راے ترٛاوِتھ وُنہِ فاصلہٕ چھُ راجن ہُنٛد آسان۔ سون نہٕ۔

سُریہ متی :۔ مےٚ چھےٚ خبر۔ ییٚتہِ کینٛہہ لُکھ چھُنہٕ لوٚتام کھۄن ہےٚ وسان لیوٚتام نہٕ تم راجہٕ کیوٚس زِکھ واتناوٕنہِ کیتھہٕ کرن۔ کوواد تہٕ راجہٕ نندیا چھہٕ پرٛتھ گاٹھس بیٚٹھ شران سندھیا کرنس ستہٕ ستی سپدان ہُوتہٕ۔ اکوادس کُن نےٚ دھیان دِہِن لُکھ آسہٕ ہَن سوکھہٕ سان دوہ گُزٲری کران۔ یمن چھُنہٕ ہرِ بلوٚنےٚ لوٚتام دام وسان لیوٚتام نہٕ لُو لُو شووے ترٛاوُن۔ ییٚتہِ کس پرٛتھ اُکس لبکینس گوٚژھہ راجہٕ گرٛ پرٛتھ کانٛہہ وۄہیوٚتھ بروٚنٛہہ کُن واتناوُن۔ تیٚلہِ زانہٕ ہَن سوری سمار چھُ سوکھہٕ سان لیکان۔

زیشٹھ برٛہمن :۔ راجہٕ ماتا ! اَسی چھِ راجہٕ گرٛک رُت کانٛچھان۔ تہُنٛد کلیان یژھان سانہِ فکرِ تہٕ وۄ ڈٲسی ہُنٛد کارن چھُ ــــ راجہٕ گرٛک نیاے ! یہِ نیاے گوٚژھہ ڈٲلی ڈٲلی آنٛد واتُن۔ ٲلیوٚ ترن گوٚژھہ ہشر سپدُن کلش دیوس گژھہ یہٕ ژیرا بیٚتھ پیٚنز۔

سُریہ متی :۔ گرٛ نیاے آنٛدِ یا آنٛدِ نہٕ۔ توہہِ کُس آزاد دِوتُو۔ بانس تہٕ بانس چھُ ٹھس گژھہِ وُنےٚ۔ پرٛتھ گرس منٛز۔ وۄنی گوٚ راجہٕ گرٛکی

کٔنس چھ کھان نیٚتھن تہٕ نارٕ ہن ۔

پوٚشٕنٛبرٕ برٛہمن :۔ ماتا! راژٕ گرُک نیاے چھُ پٔرزایہِ وسوآسی بناوان۔ یوٚدوے راژٕ کلش دلیوٚ دِرمچھ وَ تہٕ ٹیکھ نیاے وَرتاوِ ہے اٚسی کیٛہ کرِ ہوٚتوٚ ہہٕ نٕش یتھ دِلہٕ زٲری۔ ماتا اٚسی چھِ وسوآسی! اٚسی چھِ وُداسی۔ اٚسی چھِ وُداسی۔

باقے برہمن :۔ دَے کرِن راژٕ گرِچ دِیاد دوٗر۔ دوکھ تہٕ سنکٹ دوٗر۔ راژٕ تہٕ پٔرزا روٗزِن سوٗکھی۔ سو کیٛہ ساوی روٗزِن راژٕ تہٕ پٔرزا۔ ہی وجیشور سٲمی!!!

"سٲری برہمن ڈیٚڈِ تل یِتھ پاوِن پنٕنۍ نمان تہٕ پیٚتہٕ لوٚکن کُن تھر کرِتھ روٗزان ۔ اننت دیو تہٕ سُریہ متی چھِ بروٚنٛہہ سٹیجس پیٚٹھ"

سُریہ متی :۔ یہ سوٗرے چھُ تہُنٛزِ شرافژ تہٕ کمزوری ہُند نتیجہ۔ جل جل چھُ لکہٕ کو وادس کُن تھاوان۔ یُتے پِی وَنہٕ تہُنٛدی چھو پٔرزہ کران ۔

اننت دیو :۔ پنٕنِس کالس شاہ چھُم تِہندِس کالس روٗزِمژ آنگن بر پٔرزا زنن ہُندِ موکھ پٔرتھ وِریلہٕ۔ کانٛہہ ہیکہِ کُنہِ وِزِ تہٕ یتھ تہٕ پنُن حال باوِتھ۔ راژٕ کوٚلک یہ سنسکار ہیکہٕ نہٕ بہ یتھ کُن ترٲوِتھ۔ مےٚ چھُ پٔرزایہ ہُندی دٲدی لوٗزِتھ جِگرس تَچھن ووتھان تہٕ بدلوٚ تلہٕ میٚتر ہنزِ تھٕ ژلان۔ ژٕ چھکھ اَتھ لکہٕ کو وادو نان۔ بہٕ کیٛتھ کُنہِ زِیِہ زِمیاُنس کُنس پوتُرس ڈالن پر ملکی راژٕ کُمار IMP

بوده ته اطوار وڈسی آنہ رتین شۆدین لۆدین تنگ۔ چھنہ کانہہ
تس ٹلی بانسرہ لاگان ته تکسیر کھاران زِ تِیُتھ یی ماجہ بنبار
وۆتلِتھ۔ گوڈیُس چھ سون دراوُسہ آسیا پیٹھ زابہ ہُش۔ تِھنڈی
کارِ بد لۆزی لۆزی چھم دوہلدس دستارس رب پِوان مِتھنہ۔
کانہہ ولقار تھوُون تہ! کانہہ ولقار تھوُون تہ۔

سوریہ متی:۔ یہ سوُرے چھ تۄہی پانس تکسیر۔

اننت دیلو:۔ آ۔ راز کۄ لُک سارنی زیٹھ آسنہ کینہ چھُ مۓ تکسیر۔ تُمے اوت
چھُس نبر بل منوش بہتہ کشیر منڈلس منز، باقے چھ دیلوی
دوتا۔ لۆزنی زن!!

سُریہ متی:۔ تۄہہ دِزِو نہ کلش دیوس یاوُنہ کین دوہن راجیُت چھاوُنچ
اَتھ وَتھ۔

اننت دیلو:۔ لۆز چھ سورُے چھُ مۓ تکسیر۔ تکیا ز تہ تیُتھ تُمی زِ لو کاڑ ہش
پکہ ناوِی تہ بُہ چھُس چون کرِپ لۆز تہ کلان۔ مُشران چھکھ
زِ چاڑ ہے وَننہ نس بیہِٹھ کریُو مۓ تس راج ابھہ شیک۔

تاجپوشی۔ کشیر منڈلُک راز راجا کلش دیلو!! مگر تہ کتھ لۆگ؟
راج کاج مُشرِتھ بد اطوارن، بدکارن۔ تمی زاڈ راز کرِ عیاشی۔

سُریہ متی:۔ یہ چھُ تۄہی تکسیر یُس اوس ناوِ کے راجہ۔ یہ سارے راز کے
اُتھس تۄہی زِنش۔ ساری ہے منز اُس مداخلت تہ تھنز۔

اننت دیلو:۔ تہ چاڑی نہ بالکل کینہہ! تہ کہ چھکھ تُرِیا نہ رتر چ۔!!!

أمی زِیُوِ اَکھ کتھ تہٕ اَمی زِیُوِ بیٚاکھ کتھ۔ دوٚہدِش روزِہم پتے زِتمِس ساٚنیو راج تہٕ دیٚاونوٚ تھس تس راج پاٹھ۔ کالہٕ اَسی اَسی دوٚ شوٚے مہاراج تہٕ مہاراٚنی تہٕ تس راج دِتھ اَسی راٚنہٕ گرس منٛز زِنتہٕ ابھیاگتھ۔ پتہٕ دوٚ پتھ سُہ چھُ کران شُری باشہٕ مداخلت پٮ۪یم کرِنہٕ۔ پتہٕ دوٚ تھی دوٚہدِش نیٚلے، مُشرکری اختلافات۔ نہ رُود زِ چھرِ کانٛسہٕ نہ روزمان مریادا۔ ولے!! میٚانہٕ سرپرستی تل ہیٚچھِ ہے وادیاہ۔ شُری گی ژٕلہِ ہس تہٕ بجر پٔراوِ ہے۔ بجر۔ ژٕ کروِرت راٚنہٕ ہیٚکِہ ہے بٔنِتھ بگر —!!

شُریہِ مِتی:۔ توٚ ہسِ تہٕ کھاٚرِ ووٚکھ پرداہٕ کرِ تم شاہ کوٚہلکی راٚنہٕ نکھس۔ تہٕ کلش دِپوس تہٕ ڈاجی رتھنٛد لوٚراٚنہٕ کُمار وبعدہ۔

اننت دیو:۔ ژٕ چھکھ مُشران اَکھ موٚلہ کتھ۔ سوٚ چھٔے۔ سوٚ چھٔے زِ تم راٚنہٕ آیہِ پننہٕ مُلکہٕ نیٚبر کڈنہٕ۔ راج تاج کھیٚوٚکھ۔ تکیازِ پردھرمی شاہ چھِ آمتی بارسَس۔ یم اَکہِ بیٚاکھ دیٚش چھِ داکس بناوان۔ یم دھرمہٕ پُستکہٕ چھِ زالان۔ مُرژن چھِ ژٕن کران۔ مندرن چھِ ناش کران۔ تہٕ اَسہِ چھِ پننہٕ نٮ۪ن سرحدن راٚچھی کرنہٕ موکھ یمن شاہ کُمارن ہُندِ اَنہٕ بھوٚک فاٚیدٕ تُلن۔ نتہٕ واتہٕ ژھٹھ یتھ کٔشیر تام تہٕ سوٚرے راوِ۔ سوٚرے راوِ۔

شُریہِ مِتی:۔ ہوٚنہہ! دیٚشیچ فِکر کرِ توٚ ہسِ۔ کُس کرِ انکار —

مگر پننہِ کوٚلِچ ؟ ساری تکبیر چھےٚ کھارن پننس شُرِس.

انںت دیو :۔ شُر چھُ ؟ چانٛہِ شُری کرِٛ رِتم اطوار یِم نہٕ کانٛہہ کرِٛ۔

سُریہِ مٔتی :۔ توٚہہ تھاوِو تسنٛزِ وَتہٕ بند۔ سوٗرِے گنٛج رٔٹو پانس نِش ۔ راز کرٔے چھےٚ سپدان دیارٕ وٕستی رِتم کتہٕ آسی تس. سُہ بچھو رکمہِ وسیلہٕ پکہِ ناوِہے راجیث. تس اوس پرٛتھ وِزِ تُھنٛزِ آگنیایہِ پرٛاٗرُن. توٚہہ آتھ داٗرُن ۔

" برٛہمن ہُند کورُس چھُ لوٗکن کُن پھیران "

انںت دیو :۔ وٗنان گژھ۔ وٗنان گژھ۔ بیٚیہ ما چھےٚ کیٚنہہ وٗنُن۔ تہٕ سوٗرِے سپُد چانٛہِ سے مشورس بٔبتھ تمی ہٕندی بجالی تہٕ پاپر جالی خاطرِ۔ ژرٕے ہانٛے ملی کانٛہہ آسکھ۔ یُتے مندرن استھاپنن منٛز دان دکھشنا دِنہٕ موکھ ژریے منگان اوس سُے۔ ژرنہٕ تسے گنٛج ژرِیے نِش چھُ۔ ساری جنس تہٕ نقد رازہٕ کرٛاوس سُے رٹان. مےٚ یاژتے کیاہ اوس تمہِ منٛز پرٛاوُن۔ کیاہ اوس پرٛاوُن. کیاہ اوس پرٛاوُن۔؟

" برہمن واہِ واہٕ لِوان اَننت دیو تہٕ سوٗریہ متی کُن "

زیٚٹھ برہمن :۔ راجماتا ! ہے پتا ماہ !! یہ کُس سمے چھُ پرٛانن کِتھن پھیٖر دِنُک۔ توٚہی چھِو اَمہِ وٕستہِ پٔنُن پرٛان دُکھی کران۔

" اچانک برٛہمن نیٚنبرِ مس برس کُن نظر پیوان۔ تم آکہِ آکہِ تیاری کُن وُچھتھ دٕنان "

دُچھو نیٚبر چھُ کُستام ہا مبری با مبری لیوٗری لپکان۔ مےٚ چھےٚ ڈھلے لبنہٕ یِوان۔ دُچھو۔

دوٚیُم برہمن:۔ " برچِھ ڈُندرِ پینٹھی نظر دِتھ"۔ شاید چھُ کُستام راہزٕ پُرش۔!

مبارک۔ مبارک:۔ شاید چھُ ــ راجکمار۔ ہرش دیو۔

سُریہِ متی:۔ اچھا تُجی سِہ بلایہ!! ہرشِہ دیو چھا! پُزی پاکھٕی پہیوٗ دٲرِتھ دوٗلی اَندن ساری نیائے ـ!!

" ہرشہ دیو اژان ہیکہِ۔ سُہ پہوان اننت دیوس
پرَن سُہ چھُس نا پرِ مِستہ لٹان۔ یِتہِ پہوان سُریہِ متی
پرَن سو چھس مُتی تہٕ میٹھی کران"۔

ہرشِہ دیو:۔ پِتا ماہ! پادٕ پرٕنام!! ــــ پِتا ہی! پادٕ پرنام!!
"بلا تے برہمن تِمن ژندرا کار گیر گرِتھ زے زے کار کران"

ساری برہمن:۔ مبارک! مبارک!!

راہزٕ کُمار ہرش دیوس اَتھ آے تہٕ تھُدرِ پیاے۔

دجیشور سامی کرن لو ہرکولہِ کین راژن تہٕ راہزٕ کُمارن دکھیا۔ Imp.

دجیشور سامی دِی نکھہ ہیٚز بوٗدھہ تہٕ پرژوتھ ہاوی نکھ!!!

ہرشدیو:۔ پِتا ہی۔!! مےٚ چھُ گرٕ نگرٕ بہہ ٹھیوٗ تام واو یکہ لوٗ مُت۔!
پاشترن گرہن منزٕ وُٹس راہزٕ داپہ بیہٹھہ لیور۔ پیوٗز گوی زِ مےٚ چھُ ساری سے شہریرس گری سوارِ ستی کِنی گومُت۔

" سُہ چھُ ژمرٕ و کمچہِ اَکس کِنی دِوان دأرِتھ"۔

اننت دیو :۔ ژٕ ووتکھ سوٚکھ سان اُسہِ نش۔ یہِ چھُہ لوٚڑ مبارک۔
ہاٚلی ما چھنے پیاد تہٕ ژھتی پتہٕ ترٛاوِ متی۔

ہرش دیو :۔ مےٚ ژلیہ وُن وُچھتے دژایہ کینہہ پیاد۔ مگر پتھ پتیس کالس یمن
میانہٕ نگرٕ منزٕ ترٛینَے خبر آیہِ۔ گاہے منزٕ تیتیس کالس آسہِ ہا بہٕ
بدمیٖسر وومُت ژھنہٕ نظر کیتس کالس کرہٕن مےٚ پیٚچھا۔

سُریہ متی :۔ یکھ کینہہ کھیٚو چیٚو تہٕ ترٛاوٕ پلنگس پیٹھ آرام!

اننت دیو :۔ آ۔ آ۔ ترٛاوٕ تھکُن۔ ژٕ ییٚیہِ چھےٚ باپہٕ ذمہ واری یہِ سمبالنہٕ۔

ہرش دیو :۔ کیاہ۔ کمہٕ ذمہ واری یہِ۔

اننت دیو :۔ مےٚ چھُہ یرادٕ کوٚرمُت زِ اَسی کروٚ کلش دیو نہٕ برطرفی ہند اعلان
تہٕ ژٕ ییٚیہ کروے تاجپوشی۔ ییتی۔

ہرش دیو :۔ پتاماہ!! یہِ کیاہ چھِو وَنان؟ میانی تاجپوشی کرنک ادھیکار
چھُہ میانِس ماہس۔ راجہٕ کلش دیوس!! تس چھُو یہِ ادِکار تہٕ سہ
پانہٕ بخشمُت ییٚلہِ بہٕ تٕژ وُہراوِسُس!! وُنہٕ تہٕ کوٚب واتنس چھہ
مےٚ راجہٕ بننہٕ کنٛہہ۔ بہٕ ہکہ شانن پیٹھ راجہٕ کارٕک بوٚر تہٕ تُلتھ؟

"یہِ بوٚزتھ چھُہ اننت دیو ٹھاہ ٹھاہ کران اَسان۔
ہرش دیو نانہٕ نزدیک گرٛھان تہٕ تہٕ یمہٕ اُسُن
وُچھتھ حاران گرٛھان"

اننت دیو :۔ ہا۔ ہا۔ ہا۔ ہو۔ ہو۔ او۔ او۔ وَنُس ۔۔۔ وَنُس بہٕ کوتاہ ادسس
وانسہِ ییٚلہِ کھوٚ نہٕ منزٕ اوٚنہس تہٕ راجہٕ گدِ پیٹھ تھوٚوہس۔ مےٚ

اُس خبر تا چیوشی تہٕ چھُ کانہہ کاہ نہ سمجھ، میکھلاہ یا بیٚیہ کانہہ دھرمہ سنہ کار۔ تہٕ تِم چھکھ اکھ جوان اُسمُت یہ شنکاہ کران زِ راجہ کا رُک لور ہیکہ کھاہ وٕتہٕ رٲوِتھ کینہہ نہ۔ تاجُب چھُ۔ تاجُب چھُ!!

ہرش دیو:۔ پِتا ماہ! موں جوان چھُس۔ مترِ بل تہٕ پٲھم۔ شستر ہیکہ کٲشہِ تہٕ یوٗدھ وِپرس ستی اَزماوِتھ۔ وِدیا تہٕ چھم، کشیر منڈلچہ سارِیے بھاشایہ تہٕ زانہ مگر ــــ چھُہ بہٕ راجہ بنہ نس دِگی؟ میانہ طرفہٕ کوٚ سینا چھےٚ۔ کم پیادہ۔ رتھی۔ تہٕ گرٕی سوار چھہ۔ کم وصیلہٕ چھہِ۔ کُس گنج تہٕ خزانہ چھُہ؟ کمہٕ پایہٕ ہیکہ مٲلی سُند مقابلہ کٔرِتھ؟

اننت دیو:۔ بس! ایی چھا چون وسواس۔ یمہٕ سارِیے کامہ اُشنر راوکھ بہٕ لوہر کوٚ لُک گنج چھُہ مےٚ رنش۔ تا ماوار۔ بلہٕ وِپر۔ جنگجو ــــ یُدھ وِپر تہٕ گاوٹلی چھہِ ساری میانہٕ طرفہٕ۔ تم ساری بھرکھ بہٕ زِتےٚ کُن۔ ژِ روز بلا وسواس!!

ہرش دیو:۔ مگر ــــ تو تہٕ ــــ

اننت دیو:۔ وَن؟ ــــ ون؟ ــــ کیاہ؟

ہرش دیو:۔ میانہٕ نگر منتر ژلنہ پتہٕ کم اِرادہ آسن راجہ کلش دیوس۔ تس کیاہ مشورہ دِن بہٕنی ساتھی، سامنت تہٕ شاہ کوٚلکی کمار۔ تُ دیا تاجیوشی آنندواتناو نہ۔ تُ ماکرِ سینا ہیتھ لوٗری کوٚچ تہٕ ییتھ وجیشورس کرِ اُسہِ پادہ۔

اننت دیو:۔ تُمی کرےیو بروہنہ تہٕ تی۔ اُسی کروٚ تمی سُند مقابلہ یوٚد وے

1MP

ییٚمہ لٹہٕ تہٕ ییٚمس چانہٕ نابہٕ کابہٕ تل لوتہٕ دود وٚتلھ ییہٕ ینہٕ۔

سُریہ مستی:۔ تو ہے کیٛا زٕ رٕوٚد میٛون لوٚت خاہ۔ مےٚ کوٚر پرٛتھ وِزِ تی یہ ییٚمہ راہٕ گرٕ خاطرٕ واجب کلیان کاری تہٕ رُت چھُ۔ آخر خوٚن خرابہٕ ہنٛز گیٛاہ ینیٚر۔

ہرش دیو:۔ گومیاً نی تا جیوش سپٕدیوٚ دٕ تہٕ خوٚنہٕ ہسیٚ۔!

اننت دیو:۔ بہٕ تھاوے ساری وِصلہٕ تابع۔ ساری ڈامر پھیر کھہٕ تہٕ یےٚ کُن۔ مےٚ چھُ پارے دِوناوِتھ پرٛزایہ ووٚنمُت زِ فصلک ہیٚم لوگ گرٛدھِ وجیشورکین کوٹھارن منٛز بھرنہٕ یُن۔ تِییےٚ روزی نہٕ کانہہ پھرگی. ہنُن سالم گنج ساٹھوے تِییے۔

ہرش دیو:۔ یہ دلرٛن خاطرٕ گرٛھن قابل، جوان بلہٕ وپر، سوار تہٕ ٹھی آسن۔ تہٕ یہ دٕ ہتہٕ نوقصان پرُونک انتظام۔

اننت دیو:۔ چون وَنُن چھُ پوٚز، موُن گرُی چھا بِ ہِش کم پیٚھن۔ مگر یہ کیتھ تھومنس منٛز۔ مےٚ چھ کیٚنہہ ژُ کُدر دٕ ہہ دیٛار ہیٚتھ نبر سوزِ ہتی ییتھ زن رتم کوٗبلی گرُی ہن ٹُلی تہٕ ترَن یور۔ بہٕ کرٕ وجیشورٕ جائزراہٕ داٗنز بناونُک اعلان۔

ہرش دیو:۔ راہٕ گرٛییے ہنٛز سوہرٕ چھےٚ راہٕ کلش دیوس نِش۔ ساری دیٛار تہٕ ٹینکی چھ تہندی ناوی ٹنکہٕ لوان ییٚتہٕ۔ وجیشور تام بچھُ تمِنےٚ ہُند چلن۔

اننت دیو:۔ شہٕ چلن رُکرِ پانے۔ میٛون سالم گنج چھُ کھاٹہٕ وادسوتہٕ تہٕ روپہ

ستی بھرِتھ۔ یِیلہِ ژٕ راژٕ ہنکھ کم کم کٲری گرِ ہن یوٗری بسٲے
کرنہٕ۔ وجیشٹھ رتہٕ کمرازٕ ڈامرکرن پانے کلش دیوس خلاف
بغاوت۔ تہٕ سُہ پیہِ تنگ یِتھ رونہِ کیٚتے۔

ہرش دیو:۔ اَتھ لگہِ واریاہ سمے۔ راژٕ کلش دیون چھُ گوٚڈٕ دی داریاہ
بدکار توہہ پیڈا واتناوِ نہٕ موکھ تیاہ تھاوی ستی۔ یم انِ یتھ کین
بسکینن پٕرتھ زنگہٕ تنگ یِیلہِ تمن یور سوزن۔

اننت دیو:۔ ترٲوِ یم اندیشہٕ تہٕ وسواس! چانہِ تاجپوشی پتہٕ واتن تسنز
ساریے چالہٕ اَنٛد۔ وائے! مےٚ اسہٕ ہے تمس تمی دوہ بتھ
ہوو مُت یِیلہِ مےٚ تلوار تُجمتے واریاہہ کٲلی مگر چانہِ پتاہی دِژ
نہٕ میانس کارس انمان۔ اَوٚنتی پور پیٹھے پھرلوٗن کلش دیو
واپس راز دانہٕ۔

سُریہِ متی:۔ یوٚتام تھ میوٚن من چھُ وُنان سُہ کرِ نہٕ توہہ تکلیف دِنک
کانٛہہ سنٛز۔ پہ چھُس تسنز ماجی۔ توہی روزِو بلا وسواس۔

ہرش دیو:۔ پتاہی! اناہِ ماہِ سعوکھ چھکھ تگرِ مشنز دیارو مٔلی ہیٚتی متی چارٕ
تہٕ کھٔری وجے کھیترس کُن سوٗزی متی۔ یُمتھ پھیرہِ ن تہٕ کوٹھارن
زٕوٚنگ دِتھ ماہ کارتلن تہٕ لُکھ گرٕ ھن تمہٕ ہہ برخلاف۔

اننت دیو:۔ اچھا۔ تیلہِ واتہِ یہ گیہہ کاہ چانہِ تاجپوشی ستی اَنٛد۔

ہرش دیو:۔ یِیلہِ میانِس ماسس خبر گژھِ ذرا ہمکار ہرش دیو ووت یور سُہ پیہہ
نِکرِ تس پتیہِ کیٚنہٕ پاے کرُن یُس ہیٚتیہِ ہیٚن رٕت کانٛہہ پتیہِ پایس

ضرور پیئیہ پایس۔

اننت دیو:۔ کمن کمن ہنٛدی واکھ وٕژن تہٕ وو پدیش گیہ تسنز سیکلہٕ بوٗدِ سنزر اسی تہٕ پیئیا پایس؟ ناممکن! مےٚ گیہِ واتنس پراران پراران۔ ووٗنی چھنہٕ مےٚ سہ وٕزتہ واتنس زٕ بہٕ سینہ رانہٕ کٔریہ سہ ساتھ نیپ بہٕ ترییہ تہٕ سیٹھاہ ہُشاری سان اَنکھ تہٕ رانہٕ کٔرے درمس پیٹھ پکتھ انجام۔

سُریہ متی:۔ ہرشہٕ دیون کرٕ لاوِ بوٚدِ ساہ کتھ ہناہ سوٗنچو۔ کیٚنہہ کال کرٕو سنتوس۔ نیٚچوی سندِ لوٗر واتھ خبر بوٗنہ تھ اَتہٕ یس ضرور بے۔ تہٕ تہٕ ہر تہٕ واتہٕ لوٗری تہندی یاد رٹنہٕ پوترس ندٕ ھینہ گرٕھن کرِ تس موم۔ تہٕ نیر ساہن شوٗترن ہنٛدا اثر تہٕ سوٗخہ منز نیٚبر۔ تہٕ ما پیہٕ ہنرٕو تہٕ۔ کیٚنہہ کال کرٕو سنتوش۔ صبر لوٗدوے سمبھلیو تہٕ جان ورنہٕ۔۔۔ پی توہی چھوٕ سوچان تی اَلوٕ اَنجام۔

اننت دیو:۔ واہ! واہ!! کتھ چھےٚ واجب۔ مگر۔ زاہنہٕ دٕپتھ تہٕ میشاہن فاصلن عملاً شکل صوٗرت دِنہٕ۔ وچھس تل چھےٚ پرتھ وِزِ لوتر لول وٕتلان۔ لوتام تہٕ پرتھ اَنٛد چھےٚ اَتہٕ سوا کران۔

سوریہ متی:۔ مےٚ چھےٚ لوٗرٕ آش زِ تہٕ کرِ بہٕ اَسہٕ پیٚمہٕ پیور کانہہ دوکھ واتناونک کار۔ توہی رٕوزِو بلا وسواس۔

ہرش دیو:۔ ہم جاسوس کوٗتہ دی دی چھکھ پرتھ اَنٛد تراوی میتے۔ ترتم کرن نا

پیٚنُن کار۔

انت دیو:۔ توٚے کرٚے بہٕ جاۆن تاجپوشی یُتھ سارٕے پرٛزاتہٕ بیٚے مانی راجہٕ تہٕ کلش دیو روزِ کُنے۔ جاسوس گرٛھن بےٚ حرکت۔ تِم بیٚنے ترٛییے شرٛن۔

ہرش دیو:۔ کوتاہ زُت گیوٚو لوٚ دوے اُسی سارٕی ییٚن گرٛنیاے اَندواتناوتاو دٕچہٕ، پھٹہٕ راج، جیانت دُملک بدر بہہ ان کرٕنہٕ۔ تِمے چالباز چھ راژس منڈل۔ ہیرِتھ پرٛتھ وِزِ روزان۔

سُریہ متی:۔ یہٕ اَرمان رؤ بہٕ چھم وٲلنہٕ۔ لوٚتام یِتھ دشا بہٕ وٲتی۔ دے تہٕ چھےنہٕ ہمت گالان۔ دُلوٚ وونی وٲتہٕ رات ہور ۔۔۔ ٹِکو اتہٕ واَندر بہٕ کرناوٕ بوٗزن کھیاوناونگ پرٛبند۔ ٹِکو۔

"سو تہٕ ہرشہٕ دیو اژان اَندر۔ انت دیو
تہٕ تھرکران لوٚکن کُن۔ پاوہن کھسنہٕ پتہٕ
پھیران لوٚت تہٕ وُنان برہمن"۔

انت دیو:۔ ہے گاٹلی برہمنو! گرِہٕ ہو کرِو آرام۔ سمے آو ژیر۔ اَسہٕ تہٕ دیو سوکھہٕ موکھ راتری بوٗزن کرِتھ آگنیا۔

"شہٕ پھیران تہٕ ہوان ہیر پاوہن کھسِتھ اَندر
اژن۔ برہمن ہوان نیرٕنہٕ ستے آخری برہمن
ہوان نیرن شہٕ چھ لوت پھیرِتھ آواز دِوان"

لوٚنشریم برہمن:۔ راژن! پناہ کرِو چھراو!۔۔۔

"باقے برہمن واپس آئہ ان ۔ راز آخری پاوِس
پہھ واتِتھ پوت پھیران"۔

پوشتریم برہمن :۔ راژن! نیبر چھ ــــ اوری کم تام پوری پوان ــــ زنتہٕ
چھ ــــ

باقے برہمن :۔ ڈہ باہ زٕٹھی برہمن ۔

اننت دیو :۔ کم چھِ یور کُن پکان؟ برہمن! ــــ کم برہمن ــــ!!

دوٚیم برہمن :۔ راژن! یم چھ ــــ یم چھِ ژکدری پارشدی برہمن!!

"مشالہِ جوراہ ہیتھ چھِ ڈہ باہ پارشدی برہمن
جنیٔو مس تہٕ ریش دراز کرِتھ اندر اژان۔ یمن
چھیٔے ژادرہ تاہ کرِتھ پھکین ہیٹھ تہٕ بجہِ بجہِ
لورِ اتھن کیتھ۔ پژتھ اکس برہمنس چھ کھوورِس
اتھس منتر کمنڈل۔ یم چھ ساری زنتہٕ وِشنو ہندی
پاردکار۔ اندر اژتھ راژس کُن وُچھتھ ساری سیٹھاہ
ونان"۔

پارشدی برہمن :۔ رکھیا کر۔ رکھیا کر!! ہی ژکردھر سوامی رکھیا کر!! کرپا کر۔ کرپا
کر۔ ہی وِشیشور سوامی کرپا کر!!!

"یم چھ اکہِ اکہِ ساری سیٹھس چکر دِوان۔ ژندرا کار
اکہِ اکہِ کوٹھن ہیٹھ بیہتھ ونان"

اکیم پارشد برہمن :۔ ہی راز ریشہٕ!! کیول چھکھ ژھے اوت تہٕ یُس ہیمہِ دیشچ

زبرِ ونی ناو بوٚنٛھ لاگیہ ۔ بیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ !!

دوٚیُم پارشد برہمن :۔ ہے پِتا ماہ !! ژٕ چھکھ مہیشورس بہٕٹھ ڈٔر پٔرِتھ تھاون وول اَن دان، دھن دان تہٕ پشوٗ دان کرن وول ۔

ترٕیٚیُم پارشد برہمن :۔ ہے سانہٕ رٔچھِ پالہٕ !! ژٕ یِتھ پٔرِتھ یگنہٕ پیٹھ ڈٔہ ڈٔہ گام اگرہار رٔچھِتھ پٔرِتھ استھاپنس دان کرِتھ ۔

ژوٗریُم پارشد برہمن :۔ ہے راژن ہٕنٛدِ راژٕ !! وونی کرِ تہٕ اشہٕ میدھ ۔ یُتھ زن لُکہٕ کو وادس ژھین گژھِ ہے ۔ پننٮ٘س راژٕ پوٗترس سیتی کٔرِو توٚ مِیٖل ۔ کیاز روزِ مالی پوتُرن منٛز رٔنجش ۔

پوٗنٛژیُم پارشد برہمن :۔ تیٖتھ کینٛہہ کٔرِو توٚ یُتھ زن راژٕ ولو سمتھا پیٚیہ ہے نہٕ یِتھ کشمیر منڈلس منٛز دوٚن ٹُکرن منٛز بیوٚن بیوٚن حُکم رٲیج کٔرِتھ کرنہٕ تہٕ پٔرزا پیٚیہِ ہے اَکِس چھیترس تل ۔ اَکی سے آدھیکارس تل ۔ اَکی سے نیایس تہٕ نیمس تل ۔

شیٚیُم پارشد برہمن :۔ یُتھ زن اَکی گنٛجہٕ منٛز راژٕ پُرش، راژٕ کمار، سینک، نایک کایستھ بیترِ پٔنٛن ماہانہٕ حاصل کرِتھ پننہٕ فرمانبرداری ہٕنٛد ثبوت دِہان ۔ تِہنٛز راژٕ کرٕے روزِ ہے نہٕ جُدا ۔ جدا ۔ الگ الگ ۔

سٔتیُم پارشد برہمن :۔ ہے پِتا ماہ ! ژٕ یٚیہ چھٕے سورُے ولوٚد ! ژٕ یٚیہ نے آزار واتناو ہٲنے راج تیاگ کٔرِتھ، راژٕ داٚنٛز ترٲوِتھ، نوکر چاکر ترٲوِتھ ماوا تہٕ ہٕکھ وِجیشور سٲمی ہٕنٛدِ پادن تل ۔

ٲٹھیُم پارشد برہمن :۔ ہے سٲمی ! ژٕ یٚیہ کیا کرِوے ورن ۔ وونی چھہٕ بِکھشتی زن تیتی خوف زدٕ زٕ یتم چھینہٕ مندرن، استھاپنن، دِورن تہٕ سگن

کُن یِوان۔ خوف تہٕ بےٚ چھُکھ۔ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چھکھ ناگہِ
رٕوٕ زِتھ تھیپہ دِنس پیٚھ۔

ٲنوٕیُم پارشد برہمن:۔ وونی چھ پٔرزایہ ہُند پٔرتھ کانٛہہ انگ، پٔرتھ کانٛہہ گرٕ، پٔرتھ
کانٛہہ فرٕ دشنکاین منٛز۔ ژھوپہٕ کرِتھ خبر کیاہ کیاہ برداشت کران۔

ڈٕہیُم پارشد برہمن:۔ وونی چھنہٕ ساہن مندرن منٛز چیڑھاوا، دھان، دھنہٕ تہٕ
اَن تیوٚت واتان یوٚتاہ پٔرتھ وُری واتان اوس۔

کٔہیُم پارشد برہمن:۔ پٔرزا پالکھ اکیاہ کیاہ دٕلنوےٚ۔ کوٚتاہ ولنوے۔ لُکھ چھنہٕ خاندر
وو سب تہٕ سال سبہٕ تمہِ انماہٕ کران ییٚمہِ اَنماہٕ تمہِ گولہ رہت
پالنا کرِتھ آسی کران۔

بٔہیُم پارشد برہمن:۔ ہی سانہِ لکھ پالہٕ!! وونی گوٚ سیٹھاہ کرٕوٹھ، سٕری پیٹھی گوٚ سہلاب
وونی چھُنےٚ کُنےٚ پاے۔ توٚہہ تہٕ رانہٕ کلش دیوس منٛز میٖثل سمہٕ
ژارا سپدنک نتہٕ آسہِ انجام پٔرزایہ تہٕ رانہٕ کولہٕ موکھ کرٕوٹھ
کٲفی کرلوٹھ!!

اننت دیو:۔ ٲلی پوٚترن منٛز میٖثل اسمہٕ ژانہٕ۔ اے پارشدی برہمنو!! اَسہِ
کُس یود کوٚر تہٕ؟ وونی کرو حصہٕ بٹاے یا صلح! بہٕ چھُس وانٛسہِ
ہنٛز پٔتم گرٕ ییتہِ وجیشورہن پادن تل گزاران۔ نہٕ توٚہہ کوٚت
آدِ یوٚر ؟ گزرِھو یمہٕ کتھہٕ ڈٕلنو توٚہہ کشیر منڈلہٕ کُس رانٛس۔
رانہٕ کلش دیوس، مےٚ راج، تاج، رانہٕ مندور تیاگی اننت
دیوس رٕنش یتھ کُس حل نیٚرِ سمسیایہِ ہُند!

"پارشدی برہمن چھ دۄن باگن منٛزگژھان"۔

بیشے پارشد برہمن :۔ پِتا ماہ! انگرٕ گی برہمن چھِ لاہٕ دانہٕ منٛز راتھ منٛدورِ ہنٛزِ ڈیلہٕ تل انشن کرِتھ بِہِتھ۔ تِمو چھُ راژس وۄنمُت زِ سُہ پتہٕ توٚہہ پادن تہٕ تۄہہِ کرِ لۄس کھما اپرادن یُتھ گرِیح وۄیا دِتہٕ دلشِس بیمٕ آمُت سنٛکٹ ژلہِ۔ پرژالبہِ سوکھ۔

انٛنت دیو :۔ گوٚنگرٕ کی برہمن بیٹھی پرایہٕ اپوبش کرنہٕ! اتہٕ کلش دیو مانٛیا تِہنٛزراے ہے ناممکن!۔ یس کاڈِن منٛز بدیے سرسان آسِ۔ یَس سدتہٕ اہنکار آسِ۔ اُچھن گپہٕ کنِن منٛز ڈومبہٕ گیوٚن تہٕ سنٛگ کُٹھہٕ ہنن تہٕ وہبھی ژارِن ہُنٛد آسہ،

سُہ مانٛیا۔ ہہٕ۔ ہہٕ۔

باقے شے پارشد برہمن :۔ تِم پرایہٕ برہمن ترٛاون پرٛان یوٚتام نہٕ کلش دیو یور یتھ تۄہہِ پادن ہیتھ مہٕ ناوِتھ نگر بنیہِ یتی۔ تہٕ اُسی ـــــ

انٛنت دیو :۔ تہٕ تۄ ہہِ۔ تۄہہِ کیا؟

ساٚری برہمن :۔ اُسی آیہِ تِہنٛزِ ڈیلہٕ تل پرایہٕ اپواس کرنہٕ تہٕ روزٕ توٚتام جاری یوٚتام نہٕ تۄہہِ راتھ کلش دیوس کھما کرِو۔ واپس راتھ دانہٕ گژھِو۔ گرِ نیاے اَند واتناوِو۔ راجکمار ہرش دیوس وجنیوٚر گراتھ بناونک اِرادِتاسیتھ ترک کرِو۔

انٛنت دیو :۔ اے پارشدی برہمنو!! تۄہہِ کمی چھوِ اُکساوی متی؟ کمی چھوِ ورغلاوی متی؟ کینہٕ کوٚژھہ زِ ہُتھ چھوِ یور آمتی؟ سے چھنہٕ کانٛہہ

اُتر گوڙمُت - کانهه اَڌرم گوڙمُت - کانهه برمه هتيا گرُ مِنڙ

پُتهه زن توهي يَتهه استهاپنس پيٺهه پرآبه بِهو- گرُهو به سوُرے

پيرآيه پاڻهر گرُو راز کلش ديوس نش - پرايشچهه گرُهه سهِ گرُن

ييمي حماقت، پاپ، اَنياے، اَپرادهه آسن گرِ دِمتيه- گرُهو؟ سمے

آو ٿرير- گرُو وِشرام کُنه کوچهه پيٺهه- ڌرمه بيٺهکِ پيٺهه يَتهه ليگاه

سِري کهسهِ وُنے گرُو نگرکُن پرستهان- گرُهو؟ وجيشور ساُمي گرُگرُ لوَ

کليان! گرُهو-

"سهِ هيوان واپس پهيرِيتهه اَندر اَڙُن-

يَتهه پارشدي برهمن چهس وَنان"

شے پارشد برهمن:- مهاراج! پِي اَسِ وڏن تِي اَلوَ باعمل!! يا يَتهه گرُو توهي ماڻي پوهتهر

اُتهه واس- گرُ نياے تراوُو- واپس راز داية سکهرو- يَتهه، اَسے ساري

برهمن درو ييمي دِمه پيٺهه پرآيه اُپواس- ڙندرائِن ڙاپو- رام

رام پيٺهه يَتهه کهن ولو ناڻي-

بلاتے شيے برهمن:- ڏلو ساري بِهو- توتام تهاوو وه يسُ يوتام يَتهه سمسيا به حل نير-

کورس :- اوم نمه شِواے- اوم نمه شِواے-

"ساري پارشدي برهمن لِي پران- کمنڊل ڻهاسراوِتهه

يَتهه لورِ پيهتر ساُوِتهه الگ الگ ڙندرا کار بيهان- کورس

تمِن پيتهه کِنه دون دون پيتهه اکه اکه ووڏي روزان"!

ازيُشٺه برهمن :- رازانت ديو!! کيول توهي ژاڻو سه وِيتهاه يوسهِ يِم پارشدي برهمن

لولہِ للہِ وان چھ ۔ اُسی للہِ وان چھ ۔ پژرِ اللہِ وان چھ ۔ گرِوہناہ وژار

مُشراوِو سوُرے تہٕ گرِو یمن برہمن ہنٛد پژیوزن قبول ۔

انت دیو :۔ توٚہہِ انشن گرِو ۔ ستیاگرہ گرِو یا پرأیہ ایواس تھاوِو فاصلہِ چھنہٕ

مے کرُن ۔ یہٕ چھُس نہٕ کشمیر منڈلک راژہ ۔ اڈراتھ ہیٚنٛژن واتنی ۔

دِلیو آن زل کرِنہٕ ۔ گژھو گرِو کنہٕ شایہ آرام ۔ غارتس مو پیولاینہٕ ۔

لوہ دِہیٚو کام ۔ منس تہٕ شریرس مہ دِیو پیڑا ۔ گژھو ، گژھو ۔

" سہٕ اَڈان یہِ ونِتھ اندر ۔ برہمن پار شدی کران

اوم شپدُک ذپھ ۔ اوم زیس سیتی رتم اوم نمہ

شواے ۔ "نمہ پرمیشورائے" ونان روزان ۔

برہمن ہنٛد کورُس پریشان چھکرِتھ اورِ یور

کران روزان ۔ کینہٕ برہنزی بیتہٕ دوُرِ گرِی

ٹاپن ہنٛز آواز وو تلان ۔ یہ لوٗزتھ چھُ کورُس

یکجاہ سپدِتھ برس ونِتھ روٗزِتھ نیٚبر وُچھان تہٕ

ییٚلہِ گرِی ٹاپن ہنٛز آواز نزدیک چھے واتان تہٕ

ونان" ۔

زیٚشٹھ برہمن :۔ ہناہ گرِو دِیہ ناد سوٚرن بنٛد تہٕ کن دِیو نیٚبر کُن ۔ لوٗزِو گرِی ٹاپن

ہنٛز آواز ۔

" اوم ناد سوٚرن گژھان بنٛد "

دوٚیم برہمن :۔ آو مابیٚیہ کانہہ شوٗترُوٗ تلِتھ تہٕ سانن پہر درن پیٚیہ نسر ۔

تریٚیُم برہمن :۔ چھس کرٕو۔ چسراسہ کرٕو۔ ہوش کرٕو۔ ذرا شُنو۔ شُنو !! ۔

"سوُرے کورس برس نیٚبر وُچھان۔ پارشدی
برہمن زنہٕ تشویشہ سان اکھ اکس وُچھان"۔

ژوٗریُم برہمن :۔ وُچھولشن ہنٛد گاش ہیوٚتُن لوٗری کُن پیٚون۔ شاید چھُ
کُتام راز پورش لوٗری لِوان۔ پیٚیاد، تہٕ راٹھِو درتہٕ چھس ستی۔

پوٗنٛژیُم برہمن :۔ گرٕی سوار تہٕ ژھتی چھِ لوٗری لِکان۔ حملس ما آو کانہہ ۔ ؟
چھس کرٕو ؟ پننہٕ ہیٚتہٕ ژانگین گاش سوٚتہٕ ۔ ؟

دوٚییُم برہمن :۔ شاید کوٚرکھ ٹھہراو ! اگرٕ لو ییٚھِ وٕتھی سوار لوٚن۔ گاش سمبوٗلکھ۔
لوٗری کُن ترٕو وُکھ پڑاو۔

تریٚیُم برہمن :۔ چھیٚترس تل چھُ کُتام راز پورُش لوٗری لِکان وٕلو۔ وُچھو ؟ وُچھو ؟

اکیُم برہمن :۔ تعجب چھُ !! یہ چھُ شاید پانہٕ راز کلش دِلو !

پارشدی برہمن:۔ کُس ۔ رازٕ کلش دیلو آو ۔ !!!

بلاتے برہمن :۔ سُے چھُ ! سُے چھُ پانہٕ رازٕ کلش دیلو !! ولو یکطرف کُن روزو۔
وُچھو کمہٕ حالہٕ چھُ۔

"کورس پتہٕ پھیران تہٕ برس بُتھہٕ دوٚیمہٕ طرفہٕ
یکجا کھڑا روزان۔ برٕ اندر اژان گوڈٕ زمثالی
رِتم روزان دارس تل دوٚن طرفن۔ پتہٕ اژان رازٕ
کلش دیلو۔ پتہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ نیزٕ بردار تہٕ تیرٕ انداز
یمن منٛز چھُ اکھ کھیر بوٚپ تہٕ چھیٚترٕ بردار چھُ

مشالین نش روزان۔ کلش دیو چھ اَژان تہٕ

دوشوٕے نرِ تھوٚد تُلِتھ ہرٕ سیٚھے کرٕکھ دِوان"۔

کلش دیو:۔ ہے پِتا۔ ہے ماتا!! اَپرادھن کرِو کھما!!! ہے پِتا! ہے ہے ماتا!!

"سہٕ چھُ وِجیشور کین ہیرِ پادن تل پِوان"

کلش دیو:۔ ہے ماتا۔ ما۔ تا۔ پنٕہ نس کُنس پوٚترس کرِو کھما۔ کھما ماتا۔

کھماہ ۔ اَپرادھن کھما۔

برہمن :۔ ہے راژن! یم ساٚری پارشدی برہمن۔ چکردھر کرِ زِنٛٹھی کیوٗ کانسی

پارشدی برہمن چھ پرٲیشچت کران۔

پارشدی برہمن:۔ اے کلش دیو!! یوٚد وےٚ زٕ گرِ رچ وِیاد تہٕ پرزایہٕ ہنٛز پیٚڈا دوٗر کرُکھ نہٕ۔ پنٕہ نس مٲلِس پادن پیٚھ نہٕ۔ گرٕ نیاے اَتنٛز راوکھ نہٕ۔ اُسی کرَو یتیٚ نس اَنش۔ اَن زل تہٕ آہار کرَو نہٕ۔ ساٚنی ہتیا کھسی مٔنزٕ نِنہٕ کرِ چھارٕ۔ زیٹھ

"کلش دیو آسان ہیرِ پادس پیٹھ ڈیکہٕ ترٲوِتھ

سہٕ پھیران پوٚت۔ کھیر لوٚپ کلش دیوس نکھہٕ یِوان

پتہٕ اَژان اَندر۔

کلش دیو:۔ پِی توٚ ہرٕ ڈُلوٗتی کرٕ ہٕ۔ مگر میٲنؠ سیٚود ساد مول، دِوتا سرٗوپ پِتا کرُوٚن آماد۔ واپس گرٕ وَسہٕ نس، راژ دانہٕ ہنٛس۔ راژ بھوَن ہنٛس۔ ہے پِتا ۔ ہے ماتا۔

"سہٕ چھُ بیٚیہٕ ڈیکہٕ ہیرِ پادن پیٹھ ترٲوان"۔

ہی ماتا! بہٕ چھُس پاپی۔ اَپرادھی۔ میٚے چھِنےٚ چانی نیندرِ تام گرٕشر۔

حرام۔ کھماکر ــ کھما ! میثون آلو چھے ناکنن گژھان۔ ہِی ماتا روُشن ترأو تہٕ بوز میثون۔ ہِی ماتا۔ ماتا۔ ما ــ تا !!!

"خشمہٕ اُچھو وأرِ وأنِ قدم ترأوان اورِ نیران رانی سُریہٕ متی۔ تس چھےٚ ژہٕ ژوٚنٛز نو لنکا تہٕ ودلگا ستی تہٕ کھیٖر بوٗپ تہٕ چھکھ ستی۔

سُریہٕ متی :۔ کُس ؟ کلش دیلو چھُکھ ؟ تم بدظون بے حیا بے شرم پاپرم کو سنگی چھیہٕ ستی ؟ از کُس بوٚدِ ناش چھے گومُت ؟ کُس ژھل کرنہٕ چھُکھ آمُت ـ ؟

"یکہٕ نیران اُندرِ نیٚبرٕ تہٕ دِوان جواب ہیٖرِ باوِلو سپھٕے"

کھیٖر بوٗپ :۔ ماتا ! اُمس چھُ کُنہٕ سے اَنہٕ یور ینک اِجازت دیُتمُت ساٚتھی چھس سنگمہٕ اَپارِی۔ کیوٗل چھُ پشیچاتاپ کرنہٕ آمُت۔ کھما منگنہٕ آمُت۔

"سوریہٕ متی منٛز سیٹجس کُنہٕ یِوان"

کلش دیلو :۔ (ماجہٕ پادن پیوان) کھما ماتا۔ کھما۔ بہٕ چھُس پادن پیوان پرن. ماتا۔ بہٕ چھُس چون سنتان۔ بہٕ چھُس پنٛنہٕ پاپن اَپرادھن پیٹھ پشیمان۔ پاپہٕ زالس منٛز آس ہیٚنہٕ۔ کو سنگس آس ہیٚنہٕ۔ مےٚ کرِ کھما۔ توہٕ ہیکو گرٕ۔ مےٚ کرِو اَتہٕ روٚٹ۔ راجہٕ سی ترأوِتھ کتھ چھو یتہٕ دھرم سالہٕ منٛز بہتھ۔ یکو رانٕ دانہٕ۔ راج کرِو۔

سُریہٕ متی :۔ کتھ اَپرادس کروے کھما۔ راز چھُ آسان پژرا پالکھ۔ یئس نہٕ ماجہٕ

ماَلِس ہیٚکہِ پاٲلِتھ تہٕ کرٕٚیا پٔرزا پالن ۔

کلش دیو :- کھِما ماتا - کھِما - بہٕ چھُس پاپی - یِمہٕ چھہٕ اَنیٚر - میٚہ ڈٲجِکھ بوٗد بہٕ چھُس یِتھ بھرٕشٹ - میٚہ مہ تراوِ تہٕ بے سہارا - بے مدد گار -

(سہٕ چھہٕ وۄچھان تہٕ کلش چھُ ڈگمگان)

کلش دیو :- وائے - میٚہ واتنہٕ وۄتہٕ تہٕ سیٹھاہ دۄکھ، یُندرِ کوٚرُم میٚہ - کانہہ بوٚڈ دوہ دِیُت مےٚ تہٕ سوکھہ موکھ کڈنہٕ - مگر ماتا ! ژٕہے چھےٚ سنتان چھُس - بخشتم ہٕ کہٕ لوٚتُر دٕراس - میٚہ کر کھِما - !!

سوٗریہ متی :- کھِما ژٕ اکھ راج - تاج - گر - راژٕ داٲنی تیٚیا گہ متس ماَلِس سینا ہیٚتھ حملہ کرنہٕ ـــــ تہٕ ژٕ سے کرو یہ کھِما ؟

ژٕ سے دِیُتھ وِوپرن ژٕہ پرٕن کھرن ماہہٕ واتلن کوٚژھ تہٕ ساہن اَنگن اُشناوَن چھِکھ لرِ جایہ تہٕ کوٹھار زالہ ناوان تہٕ ژٕ سے کرو یہ کھِما ؟

راژٕ اُسِتھ چھُکھ پٔرزایہ منٛز ہینہٕ اناچار وِتہٕ دُراژار کِنہٕ بدنام تہٕ ژٕ سے کرو یہ کھِما - ؟

اکھ اَپرادھا آسہی کوٚر مُت کرہوے کھِما - کاش یینہٕ یہ پیٚٹھ سرٕی لوٗن تام ہے چاہن اَپرادھن گرند کرو تہٕ روزن واریاہ یہتہ کُن ـــــ کیتھہ اَپرادس کروے کھِما ؟

" سُریہ متی چھےٚ جنونس منٛز زنتہ یتھ سیٹھس
پرتھہ آندس وَنان دُنان پھیران "

یُس راژٕ تہٕ پٔرزایہ ہِندین دۄکھن داد ین واتہٕ سہٕ گو راژٕ ؟

یُس راژ خالِص عٲش عشرت زندگی ہُند معنہٕ تہٕ مُدعا زانہٕ سہٕ گوراژ؟ یُس راتس دوہس کیتھہ گرین، بھرشٹا چارین، اَدھرمی پروین ہُندِس سنگس منز بدکٲری لگِتھ گوراژ؟ یُس راژ آسِتھ راژ دیوسھٲ راژ آدھیکارن ولقار والِتھ گوراژ؟ یُس راژ دیشُک تہٕ دھرمُک وِسٲر کرِتہٕ۔ دٕہہ بے وایہ کُنہٕ ہنن اَکتھ راو راوِتھ گوراژ یُس وِسٲر، آژار تہٕ سمہِ ژار روزِتہٕ سہٕ گوراژ یُس گوراژ۔

"برُشنز کھنڈٕ ٹُھہران۔ ژھو پرِ۔ کلش دیو کلہٕ نو مرٲ فِرِتھ کوٹھین پیٹھ بہتھ۔

سُریہ متی:۔ (وارِ وارِ نان پیتہٕ وُدن ہوان) یُس راژ سارے مریادا پہ تُشریتھ ریتن رسمن تہٕ سنسکارن لتہٕ دِتھ ووپرن ژوٚپرن ہُندِ رچند ہران روزِ، ہُندِ گرِ کھاران روزِ بتن گیخ تہٕ گرِ خٲلی کران روزِ سُے گوراژ۔ وَن سُے گوراژ؟

کلش دیو:۔ ماتا۔ بہٕ چھس دوشی۔ مےٚ کرِ یٕزی کم کم اَترِ۔ ڈلومےٚ چیرِ ہوٚٹ پینہٕ اَکتھ کربٲلی ہتیا ماتا! بہٕ کرِ نہٕ وائے! مگر واپس یکھو گرِ۔ وانس ہکھو راژ دانہٕ۔ ماتا، پیٹہٕ ژکدھر، اُونتی پوری، پاندریٹھنہٕ، پرہاس پور تہٕ شری نگرس چھ جایہ جایہ برہمن پرٲیہ الویش کُرِتھ بہتھ۔ ماتا پکھو واپس یکھو۔ گرِ یکھو!!

سُریہ متی:۔ گرِ! کُس گرِ!! گرِ گوٚ یتہٕ مول مٲجی، نوٚشہٕ کورِ، ہٲرے بند یکجا شُمتھ کال تہٕ کوج کھین۔ اَن گِندن، لسن بسن، نوٚن پھولن۔ لوٚکٕ دوہ بڈٕرِ دوہ یکجا مناوَن ۔۔۔ تہٕ مےٚ کیتہٕ چھ تیتھ گرِ۔ یتہٕ ژوٚیہِ ژرژن، زاگہِ بہن، ریٚشہِ نادکُڈتھ دوتھن بہن آسِ۔ ژٕ موچھ منز ژٹھ شاہ کھارُن وائن آسہِ سہٕ گوٚ گرِ۔

ییٚتہٕ نہٕ ہینہٕ مرغی ین گژھن سوٚنچن ٹمبن، زٕ چھ کاثسر، زانن مانن آسہِ سُہ گوگر؟ ییٚتہٕ وۄنِد تٔرر، کتھن لاگٕ نِندِ با واکھ تہٕ دُراثار ننہٕ وانہٕ رازس وُنہٕ والہٕ تھو رازٕ دانہٕ کُس گژھِ واپس۔ کُس گژھِ واپس۔ وَن کُس گژھِ واپس؟؟؟

"سُریہٕ مٔتی چھ اۄش وۄتھران۔ زٕ ژھنٕز تس اَلہٕ ولنہٕ لوان کلش دیو کلہٕ نوٚ مرآوِتھ یوان تہٕ تس پادن پیوان۔

کلش دیو:- ماتا! بہٕ رٕٹے پاد۔ میٚون ہرش دیو ژوٚل گرٕ ترآوِتھ! چھم نہٕ خبر لوٚت دوتاہ کینہٕ دوٗر کُن ڈراو؟ کوڈ کُن ڈراو؟ کُنے دراوِ کینہٕ کانہہ چھُس رٔتی؟ مٔے چھ ہِژدے وہمس منز۔ ییتھ نہٕ کانہہ شوٚترُس کینہٕ کرِ! کانہہ آزار واتناوِ! شوترٕ سندِس کُنہٕ زالس منز پھسہِ!

"اَمی وِزِ اننت دیوٗنٕز تلوار ہیتھ نیٚبر نیران
سُہ چھُ خاموش رٕوٗ زِتھ سورُے وُچھان روزان
تس کُن زنہٕ تہٕ چھُنہٕ کانٛسہِ ظوٗن"

سُریہٕ مٔتی:- اَز ووتلیثوٚ یہٕ لوترٕ دود ییلہٕ چانہٕ گرٕ منٛز ڈراو! چانِس ماہِس ماجہِ تہٕ ما آسہِ ہے پٔژھے دگ وۄتھان۔ لوترٕ موٚہَس منٛز گیاٗ چانی فکر مُندی، وہمہٕ، پھرٕ پٹہٕ دم، شنکاہ کینہٕ زیادِ تہٕ چانِس ماٗلِس ماجہِ ہٕنٛز دگ آسہِ وُگہٕ واٗیخ گیتھ آیہٕ تہٕ ڈرایہِ۔ اَز ہیوٚکھ پالیس ییلہٕ لوترٕ موٚہَس منٛز پانس دگ وُژھے!!

کلش دیو :- ماتا! میثون ہرشہ دیو گژھہِ واپہ روزن۔ تس گژھہِ نہ کانہہ سنکٹ ییُن۔

سُریہ متی :- ہرشہ دیو آہہ نۆژو سےٚ چانہ گرِ منشز کٔڈتھ! تس کرِو اُسی ہیتی تا چیوشی۔ تہٕ چُھکھے نہ رانہِ آسنس یِکی۔

کلش دیو :- کیاہ! ــ ہرشہ دیو وتاہ یور۔ ہی امریشور! ہی مہادیو! شنبھو!! " آمی وِزانت دیو ٹھاہ ٹھاہ کران اسان"

اننت دیو :- ہا۔ ہا۔ ہا۔ کشمیر منڈلک رانہِ کلش دیو چھُ وولِ ڈبہِ ناوتہِ سوران!!!

کلش دیو :- ہے پتا! پادِ پٔڑ نام! شتھ شتھ پٔڑ نام۔

" اننت دیو واپہ سیروِ لوٚن وسان"

اننت دیو :- تٕریے پو تھروٚنا۔ شوترٕ دنا؟ میھترٕ ونا؟ کوراہ ونا؟ کو سنگی ونا؟ کو کرمی ونا؟ کِتہٕ دھرمہ بھر شتھ ٹکہ گاتک دِ پہ؟ کیا ونہ؟ ہائے افسوس! کمہِ شوقہ تہٕ کمہِ ساعتہ کربوے تہٕ آرِتھ ناو کلش!!! مندورین تہٕ مندرن سرس سر پوش، نیٹایک، تیٹاگک۔ تہٕ سنتان پرابتی ہشہ گاگررٕ پی ساگر کلش۔ مگر تہٕ کیاہ دژاکھ ــ سنکرٕ کلش!!!

کلش دیو :- ہے پتا! یہ خوش کرہ لو تہٕ ڈلو مےٚ۔ میثاہن آپرادھن کرِو کھما۔ مےٚ کرِ غفلتہ۔ مےٚ ڈ آجِکھ بود۔ مےٚ توگ نہٕ پٔرزِناوُن ہنُن تہٕ پرُد۔ یہ چھُس کھما منگنہ آمت۔ کرِو کھما۔

اننت دیو :۔ کیٛما! ژٕ منگکھ کیٛما؟ یہِ ماچھکھ ماجہِ ژٕ وٕرِ شیٛچھ سوٗزِتھ یور
اَنِہ نوٗ و مُت۔ ہُنہٕ

سُریہِ مستی :۔ ہٕ۔ بالکل ہٕ۔ مےٚ سوٗزِس ژٕ کانٛہہ شیٛچھ۔ اُمِس سوٗزِ ہٕ
مےٚ کانٛہہ شیٛچھ۔ بیہ گژھی نم کانٛہہ اگر مےٚ شیٛچھ سوٗزِس۔

اننت دیو :۔ ہنگہٕ منگہٕ کیٛتھ آ دیور۔؟ یہِ نے ساز شکل صورت تہٕ چھُ
پٔرھان وُچھنہٕ۔

کلش دیو :۔ ہے پِتا! مےٚ کھٔ برہم ہتیا یوٗ دوٚے پراُیہ برہمن منتر کانٛہہ
کیٛنہٕ سپُد مےٚ کھٔ برہمہِ ہتیایہِ ہُند دوش۔ ہے پِتا۔
ہے ماتا۔ ۂکو واپس گرِ۔ گرِ ۂکو؟!

اننت دیو :۔ ہو۔ برم ہتیا!! تہٕ۔ برہمہِ ہتیایہِ اَز تام کران کرناوان آکھ تِہنٛد
دوٗش کس کھٔ؟ تِہنٛد پھل کُس بھوگِہ؟

کلش دیو :۔ بہٕ کُر اُپرادھن ہُند پرایشچھت تہٕ توٚہی کرِو دسژار۔ ۂکو گرِ وٕ سو
ساری یِکبا روزو۔

اننت دیو :۔ چانِہ کیٛتھ کیٛتھ کرِوٕ اُسی پٔرھ۔ یُس ہٕ و اُسنہٕ توٚگ کانٛہہ پٔرزناوُن!
یُس چانِہ وٕ نِہتھ آسہ ناوِ ہی سہ زونِتھن گاٹُل۔ یُس پٔرزایہِ
پسیداوا تناونگ ژھل ونِہ ہی سہ زونِتھن گوٚہ نماتھ۔ یُس لٔرا!
تراُو تِھ سزا اُکی گوٚہ کرم کرناوِ ہی سہ زونِتھن پوٗز یار۔ یُس سمہٕ
ژاہِ پچ دٔتھ ہاو تھ نِشاے داے تدبیر دی ہی سہ بوٗرتھن باندٕ
وان۔ یُس مول ماج بیہٕ نِس چھترس تل ژٕٹھ پٔرزایہِ ہُند

ٹوٹھ بناوِہی تم تھاوِی تھکھ راژِ دانہٕ نیبر۔ یُس راژِ دلو ہار۔ پٹ دلو ستھا سمجا لِتھ گنجک حساب تھاوِہی شہ ترِوٕ تھن کمھ گرِن۔ تہٕ ژرِ وٕ یہ گرِہن منز۔ ییلہِ ہِہنٛدِ سنگہٕ منز نیر ہاکھ تیلہِ پزِہے پراِیشچتھ کرِنہٕ تہٕ اپرادھن کھما منگنہٕ!!! از کوت آکھ؟

ٹلش دیو:۔ ہے پتا! ہی ماتا! گرِو کھما؟ ژٕ لوٗیہ ہشون تاج۔ ژٕ لِوٗ یمو اکھو تو ہہٕ میانی تاجپوشی کرٕو۔ یمو اکھو یُس بہٕ پز ھو تس کرِو تاجپوشی؟ ژٕ لوٗیہ تاج! چاہے ہرشد یوس کرِو تاجپوشی یا تھکنس یا بیتیہِ کانٛسہِ بہٕ وَنوونہٕ کینہٕ مگر واپس پکو راژِ دانہٕ۔ راژِ مندور چھیے تو ہہٕ ورا ے کھینہٕ یوان۔ ژٕ لِوٗ پادن تل چھوٕ یہ تاج یُس کشمیر منٛڈلہٕ کھو راژِو کلس بیہٹھ تھوو مگر میانین پاپن تہٕ اپرادھن کرِو کھما۔ کرِو کھما تہٕ گرِ پکو۔

سُریہ متی:۔ اکھ ستا جس بیہٹھ چھِ میٚے کم کم گاٗیلہٕ برداشت کرِی ہتی۔!!

"ساڑی برہمن دو تھان تہٕ ترِہن حصن منز
ترِہن طرفن کُن یوان۔ زیُٹھ برہمن منز س
آسان۔ کورس وَنان۔"

زیُٹھ برہمن:۔ ہے پتا ماہ۔ ہی راژِ ماتا! گرِیوس کھما! پانہٕ آوٕ پراِیشچتھ کرِنہٕ اپرادھن کھما منگنہٕ۔ پادن چھُوہ یوان گرِیوس کھما!!

دوٚیُم برہمن:۔ کھما کرُن چھُہ آریہ راژن ہُند دھرم۔ شرناگتس کھما کرُن چھُہ آریہ ریشن مطابق

ترییم برہمن :۔ دِچھو کیہہ کُنہ چھہ ۔ تاج تہٕندِ ین پادن تل ترآوِتھ پشیمان سپدِتھ آپرادن کھما منگان ۔

ژوٗرِیُم برہمن :۔ دانہٕ مشنہٕ چھہ کھما دانس سٹھاہ زہما ۔ شانت مہنہ کرٛلیوس کھما اپرادن ۔

پوٗنژیُم برہمن :۔ ہے پہاراہ! کرٛلیوس کھمائہ کرِو ۔ وایس شرہ نگر راژِ داتہٕ گرٛھنک سنز تہٕ یمن پارشدہ برہمن ہنٛد انتش تہٕ داتہٕ اَند ۔ دِلوٗیگہ پھیٖر سپدِ ۔ کو بود ڈلیتھ پرٛژ بود دلبہٕ راژِ تہٕ پرٛزل کرٛلیوس کھما ۔

اننت دیو :۔ کس کرِ کھما؟ تس لوٗترس یس تاج تہٕ تخت ثانیُم ۔ کنہٕ تس شوٗترس ییٚمی راژِ مندور تہٕ راژِ گرٛتیاگ کرنس کوٗرنس مجبوٗر؟ کس کرِ کھما؟ ۔ کس کرِ کھما ۔؟

"سہ چھہ ہریکہٕ ییٚتھ تلوار آکاشس کُن تُلان

تہٕ ہوان وایس اَندر اژُن ۔ بارشدہ برہمن

تہٕ کورس یکجا سیٹھس پھیران یہٕ شانتی پاٹھ پران"۔

راجہٕ سہ سپھتے پرجا سو سپھتے، دلیشنہٕ سو سپھتے تیھتے دبہٕ

بچمان گرٛہ سو سپھتے ۔ ببینرٕ ۔ اُتھی دستہٕ گاش وارِ وارِ سوتمان

دوٗیُم ژھین

سوے وجیشور مندرچ ہیر تہ براٹھ۔ دھرم سالہ
ہُند آنگن۔ بیٚلہِ گاش پیوان ساڑ ہیے دریٹھمانس سٹیٹس"
مندورِ نیٚبر نیران کوٗژھل شیٚیے مر۔ پلَو ڈلو دنان تِمن
چھپےتاہ دار ژادرشانن پیٹھ تہ تِمن پیٹھ رزٕ گنڈِتھ۔
زنگن چھکھ پاٹو۔ بیٚیہ ڈکھراوٕنہ پینہ واجنہِ لورِ اتھن منز۔
تِم زنیہ وار یاہ ساماپنہ اَندر ترٲوِتھ نیٚبر نیران تہ دوٗشواہ
کڈِتھ اکھ اَکِس وَنان۔

کوٗژھل (۱) وٕہی اکِس ژابہ ڈوٗکھ۔ خبر گژھن دوہن نیٚرنہ تھکُن۔
کوٗژھل (۲) توٕ تہ چھکھ وُنہ اَڈ وٕریٚلہِ بڈکھ تیٚلہِ آسکھ تھکھ کڈی
کڈی یمن پاون کھسان تہ وَسان۔ اَڈ تلہ ہَس بور!
اَڈ سارٕ ہٲس لاکھ۔
کوٗژھل (۳) اَدِ پربھاتن پیٹھ دوت شین ڈُنگن منز کھاڑ مَنز گروِیٹھ
ساران۔ دیچھ سیٹھے اُس تہ سورُے دوت مندورِ ہندین
کھُٹین تہ تاہ خانن منز۔
کوٗژھل (۴) ییٚمہِ لٹہ چھُ مےٚ باسان زِ یِم کرن وہ زٕ مرناتس تام ییٚتی
واس۔ کینہ ستٲھے۔

کوٗژھل (۳) پوز چھکھ وَنان۔ بڈِ ہن گرن ہُندِ نِشاے تہٕ چھہ بڈی آسان۔

ووٗنۍ دپھ—؟

کوٗژھل (۵) دپھ کیا— ژھو پہٕ کِتیاز کَرِتھ؟ وولہ ہیٚہ بُرِنشر کھنڈِ تھکھ!

کوٗژھل (۳) "اَندرکُن نظر دِتھ" یہِ چھہ تریِہن ہِین ہُند نِشاے۔ اَکس پھِران راج تِتاگ کرنُک۔ بیٚیس یہٕ رگان راز آہستہ رازٕ کرِیے۔ کھُلہ ڈُلہ گران بدکارِ یہٕ تہٕ ترٛیٚیم— شوقہٕ بوٗرِت یاو پراران تاج کردیہ کلس تہٕ چھاوٕ راجیُت۔

کوٗژھل (۴) دراصل منتر باگ ہیٚنہ آمتر رازٕ رٲنۍ۔ سوٗ یہٕ پوشان پوترس یہٕ پیٚنہ رِنس باٗرس۔ گوڈٕ جیٚنی ہِش چھنے تیز بلاے۔ پتٕ رٕ چھے عقل تشرٕ چھے شکل۔ دِکو بھاشاہ تہٕ پرمشر تہٕ دِلیہ بھاشاہ گو نمات چھس اَلِنہٕ تہٕ وَلِنہٕ پوان۔ مگر کرِیہ لاٗنس کیا کرِ۔؟

کوٗژھل (۶) اصل کتھ چھے راز گرِنے بیوٚن بیوٚن نگرن لگن سائنس کوٗژھلی کارس کوٗسہ شوٗب چھنے (چند گوٗژر گلوان) سانۍ زی رکھتھ روزِ چالو۔ ہاہہ! ہاہہ!!

"رتم ستاری آسان"

کوٗژھل (۵) چانہٕ گوٗر چھکھ— اچھا ڈُلو کمی کیاہ کیاہ سعد۔ ژوان گوڈٕ؟

کوٗژھل (۱) ژےٚ دُچھتھ نا؟ کرٕ لِہ ووٗتھکھ ییٚنہٕ پیٚچھ مےٚ ستی ستی گھاٹ۔ لاکرِ لاکہٕ تہٕ اوسے ہم ستی تو تبوزدمے ساری جنگ کرنکی بانہٕ بتھ۔ ژُھنگلہٕ، دیچہ، پھراٹ، گاگرِ ستلہٕ گونڈٕ، ڈُلی بلر تہٕ بیٚنہٕ بڈی سماوار گنگہٕ ساگر ہیٚمی کیاہ سور۔

کوژھل (۴)۔ ستے پچھہِ نرِ بجہ بجہِ وزن دار ژادرِ پچہ، پاٹگ پچہ، دسہ، شالہا زرباف تھان، روپہ ڈینگی، سونہ داوی، تلہ گوٹہ تلہ چھاوی چھاوی چھیتر بیترِ کھاری کھاری تہ تو ہیہ کیا سورو ؟

کوژھل (۲)۔ نتہ وچھونا تو ہیہ! فرشہ فروش، وُرن وتھرُن، سر تلہ مندر۔ سونہ سُرژ، روپہ سُرژ، ٹھاکر داڑپچ سامگری۔ روپہ زورِ ستہ میر، یمن پیٹھ سرتلہ ژانگی ساس ساس وزن اکی ساعتہ۔ بییہ بییہ۔

کوژھل (۳)۔ رُٹن زلو پننہ۔ بییہ کیاہ؟

کوژھل (۴)۔ بییہِ کیاہ۔ یہ گونا ہیں؟ گوڈ پڑھ لاکہ اسم راہ رائی سوری گنٹز رتھ دوان تہ گنٹزرِ تھ رٹان۔ پڑھے اسم نہ کران۔ شکلہ باسیو ستس شُنی ژوُر۔ تہ ژےِ کیاہ سنا سورتھ؟

کوژھل (۵)۔ دھرمہ پُستک۔ تنتر منتر تہ نہ پوتھہ۔ ژتر تھ پوتھہ۔ بُرز ورقن پیٹھ نانا پڑکاری ژتر بییہ ہچہِ دوجہ زنتہ چھُ شرہن ژاٹہ ہالس گورن نشہ پرنہ گژھن۔ بییہ سرتلہ تہ ترامہ مُرژ ڈہ پنداہ ۔ تہ ژےِ کیا سورتھ ۔ ؟

کوژھل (۶) مس بانہ، ہتہ وادکھاسی، کینٹزِ کھاسی، تھال، لُودی، پہراژ نارِ، تمبہ۔ گڈ، تاوِ درجن کھنڈ۔ کرژھ وہ میر، چمٹہ ۔ تہ ۔ بییہ سہہ مُسلہ ڈہ میر۔ ہالنگل ہانگ ، ہینگہ دالہ مارخور کھوبرِ۔ بییہِ ۔ آنچاری ژڈی سیٹہ

(ترٛ اسان) ۔

کوٗژھل (۲)۔ اَسان کِتھ پیٹھ چھکھ؟

کوٗژھل (۵)۔ سُتہٕ پانسے سٟتی!

کوٗژھل (۶)۔ اَکِس ژُٔڈِس تراوٕ تہٕ لوٗتی اَتھہٕ تہٕ ہیٚتہٕ آنچار کھنجہِ ژہ مہرٕ گٕلس منٛز بَرِتھ۔ اَوٚش پھٔوٚٹم۔ مگر کرِتھ کوٗڈ منٛز۔ گھاٹس پیٹھ چیٚنٛیم ترِیشہِ دوٗژِہ ڈٕہ مہرٕ۔ اَدٕ شیٚہلیوٗم ہُٹس نار۔

کوٗژھل (۵)۔ ییٚتِمس پرٛژھے ہٕ اَسہِ اُمی کیا سور۔ یہِ چھُہ لوٚب کُن ژھوٚپہٕ کرِتھ۔

کوٗژھل (۳)۔ کیا؟ کالتوٕ بجہٕ۔ پٹاہٕ۔ لُوکرِ پھل بھٔری بھٔری۔ ژوٚہ تہٕ کھراوٕ۔ کانگرِ کرنجہِ بیٚنیہِ اَشد بھٔری بھٔری۔ بوٚستوٗرٕ۔ کرایہٕ تہٕ شیشتر ژالنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ تلوارٕ نیزٕ، گدھا، ڈھالہٕ ہتھ شتھ۔ تِہ ہٕرٕ منٛز سارِنے کوٗلس آسنہٕ کنہٕ دِتم وُلہٕ وُلہٕ زیادٕ پھیرٕ۔ مگر محنتاہٕ نیوٗ برابر۔

کوٗژھل (۱)۔ اَکِس پہرس منٛزٕ اَسہِ شیٚسے ڈٕنگہٕ تہٕ بٔرتھ ناوِ خالی کرِتھ تہٕ پیٚہ وچیشورمندورٕ کٔر سوٕ ہٕ ساوٕ۔ کیا ساہے؟

کوٗژھل (۵)۔ اَما یوٚزہٕ لوٗتاہ سور اَسہِ۔ گرٕویٚٹھ، مُرٕژ، یوٗدٕ استر بیٚترٕ۔ تِتہٕ کوتاہ آسہِ ہیکھ ژٕتی ترٛوٗومُت راز دانہٕ منٛز؟

کوٗژھل (۶)۔ دیپہ ساٗرازٕ گرٕچ وہیوٗتھ۔ زانہٕ چھکھ رازٕ مندورِ اندر ژامُت۔ گوٕ ڈنگرٕ ک آسی نہٕ وُچھمت بُتھ۔ اَز وُچھتھ یہِ سامگری۔ پننہٕ نیستروٕ۔ ون براد یوٗچھ ما؟

(بیٚنیہِ ساٗری اَسان)

کوٗژھل (۵) کمہ سأ بپہ۔ پٕنٕ ہاکھ بتہ گڑھ پوشن ہے ژٕ کمہ بیہ چھکھ

پانسے ہستہ آسان؟

کوٗژھل (۳)۔ مےٚ ہپو یاد اُکس بجہِ منٛز آسی دان لوٗنکی ہُرِ۔ براٹھ پھش

ڈنکی ہُرکہ تہٕ لڑھلی۔ یم آسکھ سمھالتھ تھاوی۔ مےٚ زنتہٕ بیٚبتہِ

وِ جیشورس منٛز پہنٛزے ویشھے آس۔

(ساری آسان)

کوٗژھل (۶)۔ پوٚز چھے ساری چیز بنہٕ ہان بیٚتہِ مگر لوٗن ہُرِ۔ بنہٕ ہان نہٕ۔

(بیٚبہِ آسان) وجیشورس منٛز چھےٚ سارے زچہ کامنہ گامُر۔

(بیٚبہِ آسان ساری)۔

کوٗژھل (۱)۔ ہو۔ ژھو پہ گرو۔ رسے نیرِ وونی بیٚتہِ۔ وُچھ او رچھِ زہ لو

راڈی برہمن لپکان۔

کوٗژھل (۲) ٹھیک چھُ پکو۔ یِنہٕ یم کُنہٕ چیٚبہ لاگن۔ پکو۔

شبن برہمن ہُند کوٗرس اٹھان۔

برہمن کوٗژھلین بُتھِ لوان۔

برہمن زٕیٹھ۔ ہے اتو ہِ چھوٚ اندرِ بیہ نیران۔ وُنی نگرِ بیہ کُس کُس آوٕ لور

لوٗز۔ پتاماہ اننت دیو آیہ بیٚبہِ نگرِ منساوتھ۔

کوٗژھل (۳)۔ ٹھیک چھو بوٗزمُت۔ ماہرا رم آیہ۔ تہنٛز راٗنی سُرِ بہ مسی آیہ۔

کوٗژھل (۲)۔ تنو نگ راجنٛز دوشوے پوتھر تہٕ ــــ بیٚبہ تہٕ کینٛہہ رازِ پُرش؟

کوٗژھل (۱)۔ دیو اسہِ گرِ گٕن نیرِ نہٕ۔ پربھات کالہِ بیہ ووت گھاٹھ سار کران۔

کورس :- نِپرِد۔ وجیشور ساٹی دِپنو نوو زُوِ بل تہٕ ہمہ !!

برہمن زیٹھ :- وُچھو وونی چھُ شرناگتھ راز گرک لنگر تپاوہ آمت۔ دِ ٥ چھُ کھوتمت نبس۔

کورس :- کیٚنہہ نہٕ ــ کیٚنہہ نہٕ ــ کیٚنہہ نہٕ۔

(یِہ وَنان شیٚنوے برہمن رٹان تسّے طرف)

برہمن (۱) یہ گوٚ راز گرن ہشد حال۔ ریٚتر نشر عام لوٗکن کٔس حال آسہِ سپدان یِیلہِ مالی لوترن منز بچاس آسہِ پیوان۔

کورس :- منوش کمھ کرِ پرٛھ ــ کمھ کرِ پرٛھ ــ کمھ کرِ پرٛھ !!

برہمن (۲)۔ اَسہِ برہمنوَ تہٕ کرِیوٚد ناپُن برہمہ استر استعمال! کرِیوٚد نا پرٛایہِ ابلواس! پر لوٗزن کیا اوس؟ مالی لوٚترن گوٚ زہو اکھواس روزن ــ پرنام کیا دِ ژالیو؟

برہمن (۳)۔ یِی زِ راز کلش دلیو آیوٚد لوٗری کھمامنگنہٕ۔ مٲلِس ماجہِ پیوٚ پادن اَسہِ تہٕ کرے گلی گنڈِتھ لازِس پتہٕ راز ریٚتنہٕ و ہنھ کرِیوٚس کھما۔

برہمن (۴)۔ سوے اُس سانٛز حماقت! بُڈ حماقت۔ اُچھن ژھنن کیچھ سارِ نے۔ اُکس ڈامبل ہٹنی یاٹھو کوٚر کلش دلوت کھما منگ نک سانگ یہِتھی شایہ۔ تہٕ تم تہٕ اَنِن ماٹھ نیارس منز وسنہٕ۔

برہمن (۵)۔ کٔس کرِ ٔدی سول اننت دِیو، کوٚر راز رہنہٕ موم، شانت۔ مسنہٕ نادیٛوٗن تمہِ تہٕ کرِیوٚد پوترس کھمادان۔

برہمن (۶) ژکرِ ژھلہِ گوٚر! ڈامبل گیندن گوٚر!! چھوِ یاد کھما منگان اوٚبش

تراوان۔ دوٚرٕ حن منز تاج ژٕٹھ کوٚت رینٹھ لاًجن۔

اُکیُم برہمن :۔ بیٚیہِ کتی فاصلہٕ کرُن۔ "یِی مول ماجی وٕہ نیم تی کرِ۔ کوٚ سنگ تراوِ! بچہ، پھٹہ راج ہتہ جیانند کرکھ ملک بدرٕ"

دوٚیُم برہمن :۔ پٔرزایہِ ہنٛد بن دوکھن دادٕ بن گن دِمہٕ دھیان۔ دھرمہٕ کاٛمن دِمہٕ گوڈٕ اہنٛد وارِ۔

ترٛیٚیُم برہمن یہِ اَبُنٛد تہٕ گرٕھیا تگن۔ زٕحل تہٕ ڈامب گرٕھیا تگن! یہے گیہ کلہِ کاٛہہ تگن گرِی ـــ کینٛہہ نہٕ!

کورس :۔ پوٚز چھُ ـــ پوٚز چھُ ـــ پوٚز چھُ۔

تم ساٛری الگ الگ چھکراوِنہٕ پوان۔

برہمن (۴)۔ یاد چھُوٕ یِیٚلہٕ سینہٕ صفاٛیی کرُتھ۔ کھماد ان منگمتھ کیول ڈاے رِہتھ بروٚنٛہہ ستٚیمی وجیشور پیٹھٕ ساٛرٕم راٛنہٕ گرٕ شوٚبہِ داریاترا یہِ منز دِرایے نگرٕ کن واپس۔ یاد چھُوٕ؟

ژوٗرِیُم برہمن۔ بالکل چھُ یاد زٕنٛہہ کالُک بتہٕ۔ راجکماٛر ہرش دیوٚ بنٛے یوٚو رتھ بانہٕ گرُہن ہنٛزٕ لاکمہٕ اَتھس منز ژٕٹھ اوس رتھ چلاوان

"سُہ پتھ رٕہہتھ زٕنٛہہ لاکمہٕ ژٕٹھ رتھ چلاوان۔

شیٚیُم برہمن :۔ راٛنہٕ کلش دیوٚ تہٕ پتا ماہ اننت دیوٚ اسی اکی سے رتھس منز۔

(سُہ زٕنٛہہ برہمن پانٛژن پتہٕ کینٛہہ رتھس منز ووٚدی۔)

اُکیُم برہمن :۔ ووٚدی! پٔرزایہِ ہنٛدِس جیٚبہٕ جوشس وُنہٕ دِوان۔

سُتہِ زٕنٛہہ (۵) پتہٕ کینٛہہ رتھس منز ووٚدی۔

دۆیِم برٛہمن :۔ راجہ تا تُس بہٕ متہٕ اُس کرنی رٔچھس کتھ۔ زنتہٕ آسہٕ تس لوکہٕ ہنان
زِگرٕ چھہٕ گُرزھن۔

ترٛییِم برٛہمن :۔ رۄزمُت گرٕ یس بیٛییہٕ مۄ چھہٕ منز ہیبہٕ تس چھُلہِ اپارٕ برٕ ستا سپدان
اوٚے اُس زنتہٕ زٕ ٹھٕ چھکان۔

دۄ شوٚہے ہمن ہیتہٕ کینہٕ رۄزان

ژۆرِیُم برٛہمن :۔ پٔرزا کثر خوش اُس۔ پٔرتھ اَندٕ اوس جے جے کار۔ گرن منز اوسہٕ
دۄ دِ گکرٕ رہٕ۔ ساری اُسی وَنہٕ ڈیپاسے کھڑا۔ پوش شرِ نیٖ نہٕ لایہٕ
چھکان۔ پور سنگم تام۔

دۆیِم برٛہمن :۔ سنگمہٕ اُسی لکھ ترٛ یاسے ژُسھتھ آمتی۔ یہ تام پٕہ راٰنہٕ پرِ وار پیٕرندن،
ژاکہٕ دارٕ بن نہٕ ڈُنگن منزٕ وٕسھتھ بہٕتھٕ درٛایے لوٚکھ رٕوٚ دی کیول
جے جے کار کران۔ آہی نہٕ آشیرواد دِوان۔

ترٛییِم برٛہمن :۔ تمی دۄہ سندھیا کالس اُس پٔرتھ دارس، دارٕ بن نہٕ وتھتا یہٕ
ہٕشدٕ بن گاٹھن بیٛٹھ دیپ مالا، واہ کیاہ نظارٕ اہ۔ زنتہٕ اکھ لوٚڈ
تیسو بارٕ اہ اپٔرتھ کاٹلہٕ وجیشورٕ وأسہٕ بس اُس دِلس منز راحت
اُچھن منز شانتی نہٕ سۄ کھچ آش۔

ژۆرِیُم برٛہمن :۔ پرٛأنس بھیشر دِنہٕ ستی کیاہ سِیرٕ وۄ نٕ۔ کینٛہہ چھوٕ خبر اننت دیو
کیاہ زِ آدیٛشمہٕ لٹہٕ بیٛییہٕ راٰزٕ داٰنی ترٛ آو ِتھ۔

پۆنژِیُم برٛہمن :۔ یہٕ کس پٔرزٕ نھو؟ یہٕ کس رٕنش سنہٕ؟ گرزہٕ کانٛہہ خاص زاٰزٕ کالہٕ
آسُن۔ یا تہٕ راٰزٕ گرٕ گ سنہٕ اننت دیوس ستی ستی رۄزُن کانٛہہ

پکھہ دار۔

شیٖم برہمن :۔ وُچھو اَند رِ چھہ کُستام لوٗری نیران۔ شاید تھکن۔ تنونگ راجن نیٚیچو۔ آ۔ سُے چھُ!

تھکن :۔ برہمن اُہرن میٚون نمسکار۔ تُہ کمہِ ہیٚچھہٕ آہمتی سُلی لور۔ بۄزِو! اَز کرن پتاماہ اننت دیو تہٕ پتامہی سوٗریہٕ متی تلا دان۔ لہٰذا گُرو وجیشور کین ساری نے برہمن تہٕ دِہن، اَنا تھن تہٕ دریدرن شیٚتھی یِمہٕ تِم سندھیا کالہٕ برونٹھہٕ لوٗت یِمہٕ ہلم بٔرِی بٔرِی دِنہٕ کرن حاصِل۔

کورس :۔ کیا تِم چھا امی پرلوز نہٕ لور وجیشور آہمتی۔ سا لِے سمپدا، ہیمی تہٕ دِنہٕ کرنہٕ دان۔

تھکن :۔ تِم آیہٕ ہمیشہٕ خاطرِ یِوٚتے واس کرنہٕ۔ چھونا پتاہ کیازِ؟

کورس :۔ تیٚلہٕ کیٚازِ پٔرژھو ماہرا تو یہٕ؟

تھکن :۔ رانہٕ کلش دیٖون ولچھ مول ماجی رانہٕ دانہٕ کیول برہمن ہِنْد پرایہٕ اُلواس پھیٚراوِنہٕ موکھ یُس اَدس کیول ژھل۔ پرلوزن اوسُس برہمن ہِندمان تھوٗن تہٕ مول ماجی مرناتس تام۔ بأندرِ وانس منٛز تراونہٕ یِمہٕ راجیٚت پنہٕ اَنہٕ مانہٕ چھاوے۔ یٚیلہٕ جیانند آیہٕ کامہٕ اُتنہٕ راونہٕ موکھ آد سوز نہٕ رانہٕ اننت دیٖون تہٕ مہارانی سوٗریہٕ متی تھاوی نہٕ ژُکہٕ در ہُشیار۔ رأتی منٛزی پھٔرکھ گرو یِمہٕ شین ڈُنگن تہٕ ژرایہٕ رانہٕ مندور

ترأوتھ۔ بہنڈ ڈ ژ کی در، ڈتھی، سوار تہ پیادٕ پکھ ہتھٕ ہتھٕ ستی
ستی تہ واتی یور شیتھہ دوہہ۔ منت آسکھ مانٕ مشرٕ یتھے وجیشور
واتن تیتھے کرن تُلا دان۔ دینہ تہ دان باگرن برہمن، دینن،
اَنگہ ہینَن تہ اناتھن منز۔

ساآدی برہمن :۔ ہی وجیشور سامی! ہی دیلون ہندِ دیو!! یوٗت دُراژار دوٗتھ۔
یوٗت گٔژھ کاروٗ وٗتھ!!!
زِ چھرکا اثر رٔوو، دیا دھرم رٔوو۔ ہی وجیشور سامی کُس
وہ بیرہ یتھ سیمے آو۔ بے ہیہے رٔوو۔ بڑھ تہ پنز رٔوو۔

تھکن :۔ توٗہی ٹھہرِو بیتی۔ بہٕ کرٕ ساری سے وجیشورس شیتھی یتھ زن،
دریدر زن ین تہ دان، دکھشنا کرن حاصل۔

نیران نیتبر

اکیم برہمن :۔ دان کرنُ چھ سو درمس مطابق۔ تتھ دنس کیا صفت یُس ژٔڈ
وارین منز بُتلِ اَل بیہِ ٹرٔورِ تھونہ۔

دوٚیم برہمن :۔ تتھ دنس کیاہ ہُرہ برتہ پور ہ یُس ہُ خرچینہٕ یہیہ۔ یُس ہُ
اناتھن آتھہ روٗٹ کرِ۔ پھٹر پیمتین تھوٗدُ تلہ۔ شرنا گتن سنکٹ
ژٔلہ راو۔

ترٚیم برہمن :۔ تہ یہِ شرنا گتھ راژ تیاگی اننت دیلو چھ یورِ واتھ گوڈٕ تی
کران یہ درمس سمت چھُ۔ دان۔ تُلا دان!

ژٔوریم برہمن :۔ وجیشور سامی چھس لاچھی۔ تس ڈامبل راژ یوتر ہانٕدر ژھلہ

منزِ موکہٕ لوُوُن نتہٕ آسہٕ ہے بأتدک وانس منز بر یڈ ترٲوتھ۔

پوشنہٕ ژیم برہمن:۔ وجیشور ساٹی ہنز یزھا۔ شاید چھکھ پینہٕ ہنز پادن تل یزھان رٹُن وُچھو۔ اُنڈ یہ چھُ کُستام لۆری نیران۔ اوہ!

یم چھہ کھیر لوٗپ!!

کھیر لوٗپ۔ ڈلو ہا وجیشور کیو برہمنو! ہنُن ہنُن لوگ ڈلو۔ پتا ماہ اننت دیوُن کوُر لیور وآتی تھۍ تُلا دان۔ تہند یہ ڈرکأ نچھو۔ ڈلوڈلو ہنُن ہنُن لوگ!

ستھ اکھ سوک تہ سوکأیہ بینز لوکچہ لوکچہ
کر بخہٕ یٹری بھٹری ہیتھ نیران۔

کھیر لوٗپ:۔ نیروسا۔ تو ہی بأگرو یہ دیتہ وجیشور کین گاٹھن، ڈوٗرین کوچین، وتن تہ ژوتہن پیٹھ۔

برہمن ہلہٕ پلو مُشراوان تہ دیتہ موکھ موکھ
رٹان تہ پتہ گنڈان کمرس ستی۔

کھیر لوٗپ:۔ اکھ اکھ دوژھ دزلو یژھ حاجت مندس۔ لوٗدے کانہہ بو چھ ہوت آسہ تس ڈیٗ زلو بجہ ڈیڈ تل کرن ٹھہراو۔ تہر تہ سیسیہ تہ بیبہ بأگراوتہ۔

باقی سیوک نیران نیبر۔ کھیر لوٗپ بأگران
برہمن منز اکھ اکھ دوژھ ٹنکی۔ امی وزِ
تہرِ تھال تہ دالہ لٗوری ہیے ہیے کیتہ سیوک تہ اندرِ

نیران تہٕ نیبر گژھان

کھیرِ لۆپ :۔ تۄہیہ گرِوہ وجیشور کس اندر پکھس منز۔ پرٕتھ اکس شردھاوانس زُنس یا زنہٕ شُرس تہٕ بُڈس بییہ گژھہِ یتی نظر تھاوٕنۍ سام ہینۍ کانہہ شوٗترما چھُ میٚتھر لاگتھ آمت یور۔ پرٕتھ کانٛسہِ وِجیشور واتیس گژھہِ وُنۍ ہُشیار روزُن پننہٕ شوٗتھر یور واتن ۔

اکیُم برہمن :۔ کھیرِ لۆپ ! ماہرا !!! تۄہیہ چھِوٕ زانن والۍ ! یہ ڈُنۍ تۄہیہ کوسہٕ سنکیٚج دشا چھہ آہشرزِ پتامہہ اننت دیوس چھُنہٕ زندگی ہندر شیٚتھ وٕری گُزرِتھ تہٕ سوکھ، پوترِ سوکھ، گرِ سوکھ، راژٕ سوکھ !!

کھیرِ لۆپ :۔ پرٕووِ زنہٕ کینہہ کرمن ہُند پھل۔ نہٕ تہٕ شاپھ ! نہٕ تہٕ پاپ یُس تیٚوت سنگین چھُ زِ دنہٕ اسہِتھ، راجیُت اسہِتھ، زرکھ، شُرۍ مُرۍ، گرٕۍ گُیُن، سمپدا سنترہ سہتھ تہٕ گیٚیہہ بار اسہِتھ تہٕ تیٚس راتس نیٚندر نہٕ دوہس آرام ! تُرہِتھ ژننشرل، وہمہ، پریشانی پرٕتھ ٹُنگی سات رٕتیس اُشناد رُشنادس بیٚہتھ پرٕدو پھُٹان۔ بییہِ کیاہ ؟

دوٚیم برہمن :۔ ماہرا ! کانہہ پایا ؟ دو پایا ؟ دائے تدبیراہ ؟ کینہہ تہٕ چھُناہ یتھ راژٕ گرٕک تہٕ دیشُک رُت سپدِ ہے ۔

آمی وزِ مہارانی سُریہمتی تہٕ راژٕ اننت دیوٗ اندر

---

باندری وان : قاد خانہٕ۔ تُلادان : تژکرِ تولِتھ پانس برابر دِنہٕ دان کرُن۔ سسیہ : دالہِ

بیپھ نیبر نیران۔

سُربہٕ متی :۔ کھیر لوٗپ! ماہرا! آؤ یہ سالم دِتہٕ دِپنہٕ۔ انا تھن کورِ مالین
تہٕ حاجت مندن منز باگراوِتہٕ؟

نیبر تریٚیے سپوک زناہٕ ژھرے کر نجہٕ ہیتھ
واپس اژان۔

کورس :۔ وجیشور سامی کُرن راز ریشی رشنز وٚیاد دوٗر
ژکر دھر سامی کُرن راز ریشی شُند سنکٹ دوٗر

اُکیُم سپوک :۔ ماتا اشو وجیشور کس گھاٹس ہیتھ آو سارِنے ہاشرن، لوٗن
داسن تہٕ ناوِکن دِتہٕ باگراوِتہٕ۔ پوٚژ تہٕ اَتھ ٹلی ٹلی آسہٕ آہی کران۔

دوٚیُم سپوک :۔ وُتہ پۆدِس پۆدِس ہیتھ دژایہٕ کورِ ماجہِ ٹنکی رٹنہٕ۔ لوچن تہٕ
پوٚژن منز ژٕکھہ دِیاو!

تریٚیُم سپوک :۔ لوٚکچہِ پوشہِ وارِنکھہِ کُرکھہ تترہ تھپہٕ تھپ زِتہٕ میانی لوٚکر آیہٕ
لاینہٕ ٹنکی آیہٕ چھکراوِتہٕ۔ ساری وِتہٕ ہکہِ وُلی تام چھِ وُنہٕ ٹنکی
سوٚ مبراوان۔

کورس :۔ ہی راز ریشہِ! دے گُری لوٚ منیج شانتی تہٕ ژہ ہیتھ ڈُوِدادوٚرن

باپتی :۔ تھتھاستو!

برہمن ہُند کورُس نیران۔ کینہٕ کال ژھوپہٕ
اَمی وِزِ چھِ کینہٕ شُری تہٕ زنہٕ وَدن باکہٕ ژھٹان اژان۔

---

بہ :۔ وِیاد = دود دگ، سنکٹ، مصیبت۔

کھیپر بوٗپ :- اَما یہِ کُس چھُ وُنۍ کینس وَدان۔ باکۍ ژھٹان۔

اُکیم زٔنۍ :- اَنرتھ! مہاراج! انرتھ!! ہے پرم پِتا! اُسۍ گیہ ماپرۍ سون کرجار!

اننت دیو :- کیاہ سپد! کُس انرتھ سپُد!!

سوٗریہِ متی دُکھی زنانن نزدیک گژھان

سُریہِ متی :- کیاہ سپُد؟ وُلِو۔ واہ واہ وُلِو۔ کیاہ سپُد!

دوٚیِم زٔنۍ :- ماتا کیاہ وَنے! وپدواہ کرِہس! یاوٕن رائے گرِ واٹِس دیشِتھ ہم زِندۍ سے داہ!

اننت دیو :- ہے مہادیو!! کمۍ کوٚر یہِ اَتھُر؟ کمۍ کوٚر؟

ستۍ وول مرد :- پتا ماہ! شاہی کومار ہرش راجنو، بیہ سازندرو زول اُمۍ شُند گرِ وول کُلس الوَند ترٲوِتھ۔

سُریہِ متی :- کُس! ناد کیاہ اوسُس! کیہ موٗرکھ؟

ستۍ وول مرد :- ماتا! بہٕ کیا وَنہٕ! کمِہ چانہٕ وَنہٕ! اُمۍ شُند گرِ وول بھدر دیو تُہند پہرِ دار اوس روٗمت ڈہوٗ زنہٕ۔ ارِزۍ گنڈ اُسۍ ہَس کرِۍ متہ گرُس ترِوِ ڈترٲوِتھ کھوٗرک نگرِ بیٹھہ ہنز آبٲیی گام۔ تیہ ترِوُک کُلس ترِدِ۔ کلہِ بوٚن کن کرِتھ گاسہ گینجہ تہ لشہِ ہچہِ گنجہ ہس ہیٚرِ بوہنہ۔ تلہ کیہ زولہس گاسہ اَلاو تہ گامہ والین دِژکھ کرِکھ؟

اننت دیو :- ہا! اَنرتھ۔ ترٲہیہ۔ ترٲہیہ!!

سُریہِ متی :- کُس بھدر دیو! باپرتھ! اشتل سو بھاوُک پہرِ دار۔ زرت سواکار

اننت دیو :- اوہ۔ اوہ تمۍ شُند پاپ کیا اوس!

ستہ وول مرد :- ماہرا کرِ بکہٕ دِتہ سۄ مبرآوِکھ گاہکی لکھ! ووٚنکھ دلیو چھو اننت دلیوٕ طرفداری کرنُک انجام۔ بعد دلیوس ماہرا دسکھ چونٹھ کوٚرمت بند۔ کیول تسنٛزن زنگن ہنٛز ژھرپہٕ ژھرٹ آیہٕ تمہ لشہِ نارس ہتہ گیہٕ کارس منٛز لبنہٕ۔

اننت دلیو :- ہے مہیشور! لوٚت گیہٕ کارِ تلاہ تمو پرمالکہ کیوشر ناگس راز کمارو یم چھا مسنوش کیہٕ مہاکال سندی یمہ دتہ۔

ستہ وول :- ماہرا! اَم رُودی کہ نان زِ بعدِ دیون کوٚر تو بہ نکر منٛز ینیر نس مدد۔

اننت دلیو :- ادھرمی پوٚرش ہندی ادھرمی ژھل!

اُکِم زُنی :- ہی رازن! ییٚس تہ گاسہ گرہن تہ گیٚنن ہندِ مو کھ ڈیرن تہ گونن منٛز اوس تمہ تہ دیشتکھ نادہ۔

اننت دلیو :- نارتہ مار دِ ہنٛکی ژھل ہیٚچھی تمو پردھرمی دُشٹ زنن نش۔ پٕرزا دہشت زدِ کرنہٕ مو کھ۔ یتہ ہمہٕ ہندین کوٚکرمن برخلاف کانٛہہ تہ تُلِہ نہٕ آواز۔

کھیر بوٚپ :- آوے ماہرا چھیٚنہٕ تم تو ہر راز دارنہٕ منٛز یثرہان — روزن وُچھن۔

اننت دیلو :- رزنتہ واٚرا گیہوٕ ہا یہ میٚون بوتٕر — کلش دیلو چھ کنس آمت زنمس۔ یہ چھ کنس آمت زنمس! کُس واسدیو شری کرشن ہیٚیہِ زنم تہ اُمس تُلِہ تھوٚد!!

سُریہِ متی :- کیا چھوِ نان؟ کمن تھی چھونان !! ہم پیٹھ نو اَٹھو ژھپہ وکھ
شاہ کوٹکی راژکو مار یہِ چھُ تھہندے کار۔ کلش دیوس آسہِ نہ
اُہمہ خبر رتہ۔

اَننت دیو :- آسہ بس نہ باشہ کیاہ بھنگہِ چھتہ چھا آسان اَٹھوے پہر۔
تسندِس راجس منز کیا چھِ کران بد ذات اَدھیکاری۔
تس چھناہ خبر؟ تیٖلہِ کمیٖنگ راژ چھُس۔؟

دوٚیُم زُلُف :- وُہی انوم پال پھیری ہ سیتہ کوٚت سناگرژھ؟ کس نش گرژھ؟
کُس رٕ چھِ یمن میاہن معصومن۔ ماتا! یمن کُس رٕ چھ؟

سوٚریہِ متی :- لوٚن لِکا ! لوٚ لِنکا ! "تریٚیوٚ ژ نہ سیوکا یوٚ منز اکھ یوان بروٚنہہ"۔

لوٚن لِکا :- راجماتا۔ وُلو کیاہ چھو یِژھان۔

سُریہِ متی :- یمِس بھدر دیو نہ گرواجنہ دِاکھ ساس ٹنکی۔ یہِ سمہانہِ
پنُن گرِ۔ شرہِ بن رچھنُک کرِہ ربندھ۔

لوٚن کا :- ماتا! وُلِز اَہ نہ اَندرِ بہ بیچھُ۔
سو اَژان ہکہِ اَندر۔

اننت دیو :- کھیر بلوٚپ! اُسی کیتس کالس وُ چھو زِنذ ژو یٖژ زایہ بیٹھ
اتیا چار سیدان۔ کیاہ اوس بھدر دیوٚن پاپ؟ کُس راژ
اوسُن کوٚرمُت؟ راز دانہِ منز اوس سون پہر درمگ مالہِ نہ اوسُس
کلش دیوِ دان۔ تمی سُندے سیوک اوس۔ تراہِہ اتراہہلہ
سُے سیوک ژوٚلکھ ژِندے اَس بند کرِتھ۔ کلس ترو ڈِ ترآوِتھ لا!

گاسہِ ہٕ لشہِ ڈلِتھ !!! ہا ! اَنرتھ !! اَنرتھ !!!

کلہٕ کاڑِتھ تٕھِ ــــ یِ بوزٕنہٕ خاطرٕ آسہٕ بہٕ ڈیور ــــ میانہٕ

دِ جیشور سامی ــــ وائے !!

ہُو ہیوان اَندر اژنہٕ کینہہ ہیر پاوٕن ہیتھ

کلہٕ نو مبرتھ زنہٕ وودان ۔

کھیر بوٗپ :۔ راژن اِشانت رٔوزٕو !! شانت روزِو !!

واہ واہ کلہٕ ژلان تھوٗد

اننت دیو :۔ کمہٕ شانتہ منٕز کریو ژلا دان ۔ میٔے نانیوٗ زِ وِجیشور سامی

رٕشز روز گژھِ پاہ ۔ بٕجِرس منز کڈٕوسو کھسان بھکتی کران تہٕ تم دوہ

مگر یٕوری چھِ واتان سٲتاوی ہیتی ۔ وُکھی ۔ اناتھہ ڈری یاد کرنہٕ ۔

ڈری یاد کرنہٕ ۔ کیاہ کرِ ــــ بہٕ کیا کرٕ ؟

ہُو شرارتس منز ہیتھ ساری رسے پھیران ۔

کم ادھیکار پراوِ وایس ؟ کُس حکم چلاوِ ؟ کُس تدبیر کرِ ؟

کھیر بوٗپ :۔ پِتا ماہ ! بینی ساری تھاوو کھ وٕچھ کھیترس اَندی پکھی راچھی ہٕ

پہرٕ دنہٕ موکھ ۔ تکیازِ تہندی شوٗترٕ روزن ہٕ شوٗترتھ وٕوتلاونہٕ

روٗس !

اننت دیو :۔ یہِ چھُ بالکل صحیح ۔ کھیر بوٗپ ۔ توٗہی ہِ سوٗر یہ چندر سینٹ

ہٕ کیمنٹ رٔوزٕو تہٕ وٗن دِشاین ہنز راچھی موکھ بینی سیوک

ہیتھ ۔ لیکن یہ گژھِ تاکید کرٕنہٕ زِ بینی بینی راچھی راوٹھ کرن۔

کہ کر مین سیٹھ کو سہ پڑھ چھئے؟ کو سہ پڑھ چھئے؟ کو سہ پڑھ چھئے؟ کس کیتہ مارن، کس کیتہ زالن۔ کس کیتہ ژلہ راون ـــ کس کیتہ ژھلہ راون۔ کس کیتہ گلہ ناون۔ کس خبر۔ کس خبر؟ ہے وجیشور سامی رٛچھو کرٛ۔ ساری سے وجے کھیترس کرٛ راچھی۔ میانہ کٔشیر کرٛ آچھی۔!!

سہ بیہوان بیتہ ہیر پاون سیٹھ۔ اندرٕ نیران لوٚنکا کرنجہ منز ژٕکی سٔتھ۔

لوٚنکا :- ڈلو ژلو۔ اکھ ساس ژٕکی۔ سمبالتھ تھاوو۔

دوٚیم زٔنانہ :- ووٚلہ میانہ بھرتو اوٚچھی۔ ووٚلہ وٕچھ ہلم ڈارتھ چھس چانہ بلہ ڈائی ہُند معاوضہ رٹان۔ پی چھم چانہ زی۔ ووٚلہ وٕچھ۔

سٔرپہ مٔتی :- (تس نش پتھ زنتہ ڈلاسہ دوان) دِل گرٛتھ کرٛن۔ شانت رٛوزو پینی معصوم شری رچھکھ۔

دوٚیم زٔنانہ :- ادٕ کیا کرٛ۔ راز گرچِہ ڈیڈ تل رکھتھ کٔنی ییرہ تھن ییلہ راز گرٛ آسہ او لیس منز تتہ کُس پاے آسہ اُسہ دربدرن۔ واے میانہ بھرتو۔ ژٕ سے کُس پاپ اوٚسے کوٚرمت؟

لوٚنکا تہ سٔرپہ مٔتی تس ٹاٹھ بیتار سان وارٕ وارٕ کرنجہ ہُن دِتھ نیبر کڈان۔ سوٚ چھے پتہ اننت دیوس نکھہ یوان۔

اننت دیو :- یہ وٕچھتھ بوز ہٕ کھوٚتہ اوس جان لوٚدو ے باندی وانس منزے

بیٛڑِ ترٛاوِتھ آسہٕ ماد ببھنگہٕ وٕلتس منٛز پان ژٕ ہ مرٲوِتھ اُچھو منٛز اوٚش ترٛاوان پوٚت کالک دیٚان گرِتھ ژھو پہٕ ہٕنٛدِس گٹس منٛز کیول پسہٕ نین کرمن ہیٚتھ پشچا تاپ کران ۔ واہ ہٕ تہٕ وٕشِ ترٛاوان ترٛاوان آسہٕ ہے نینٛدر ہوان ۔ یوٚت وٲرِتھ کیاہ ، کیاہ چھُ وُچھُن ۔ لولہٕ منٛز چھے راوُن دگ ۔ پرِتھ کنہٕ منٛز ژکھ تہٕ شبدس شبدس منٛز دٕرے ۔ نفرت تہٕ وٲر اگی لے ۔ ہی وجیشور سٲمی ! وونی چھے شاہ کھسہٕ وس تہٕ ووٚلہٕ بور ، پوٚرہٕ ووٚلہٕ بور ۔

کھیرہٕ بوپ :۔ ہے رازن تو ہی کیازِ ہمتھ ہاران ۔

اننت دیو :۔ ہمتھ چھُسنہٕ ہاران ۔ دپہ پہٕ نرکہٕ لیلاوُ چھمتھ چھُس پشیمان سپدان سوُرے مان ابھیمان چھُم چھلہٕ چھلہٕ وسان ۔

کھیرہٕ بوپ :۔ رازن ۔ پکو اَژِو اَندر ۔ گرُو ہناہ شانت روٗزِتھ آرام ۔ پکو ۔
اِمی وِزِ چھُ تھکن سینٹ ، کھیمٹ اُکس ژٕ بِس
تہٕ زٕ بہٕ رٕزِ گنڈ کران آنان ۔

سینٹ تہٕ کھمٹ :۔ راہٕ رٕنیشس اَسِن جے جے کار ۔

زوٗن تہٕ زٕنی :۔ جے جے کار مہاراج جے جے کار ۔

ننت دیو :۔ تو ہسہٕ آدھیکار ۔ یم کم چھو کھ رٕزِ گنڈ کرِتھ اَنی ہتی ۔

سینٹ :۔ رازن ایم چھِ تکہٕ فنکار ۔ گنڈن گرٕی ۔ بہٕ کمہٕ چانہٕ وٕ بہٕ زِ یم کُس پاتھر اَسی تکہٕ ماَلس منٛز ہاوان ۔

ننت دیو :۔ کُس پاتھر ۔ !

کھیمنٹ :- پِتا ماہ۔ اَسہِ چھِ لزا یِوان۔

کھیر لوپ :- پِتوٗز چھُ۔ لزا چھےٚ شرمدارن آسان۔ پرٛچھ دارن آسان۔

اننت دیو :- ووٚنی کیاہ روٗد پرن ژھایہ تھوٗن لایق۔ ووٚنی کوٚسہِ شرم؟ کوٚسہِ لزا؟

کھیمنٹ :- پِتا ماہ! یِم اَسی تُہہِ۔۔۔ تہٕ راز ماتایہ ورگہِ پاٹھٕ تھکہِ ڈامر تہٕ لُڈھا ہا شنز رہٕ ہٕنٛد پاتھر بناوِتھ ہاوان۔ تُہہ مشدر چھاوان تہٕ ہنزل کران۔

سُریہ متی :- (شرارتس منز ہیتھ نزدیک یِوان) اچھا! اَسی بنے یاہ زنٛدٕ زوٗے لُکھ اسناوہٕ موکھ تہٕ ہند بن پاتھرن ہنٛد پاتر۔ کیٛاہ یہ چھسا لُڈھا ہا شنزی؟

پاتھر گر :- کھما ماتا۔ کھما۔ کھما۔ پِتا۔ کھما!!

اننت دیو :- یِمن ترٛاوِو رٕ زگنڈ یلہٕ۔ یِم چھِ کلاونت۔ کرٛلوکھ کھما۔ یِم دوے یِمن بہٕ تھکہِ ڈامر چھِس باسان گژھن کرٛن لکن منز باوتھ ہیتھی ساٚنی کرم تہٕ کرشے آسہِ۔ کرٛن باوتھ۔ ترٛاوِوکھ یلہٕ۔

سبمنٹ تہٕ کھیمنٹ ہوان یِمن گنڈ مُترٛاوِنی۔

سُریہ متی :- ہرگز نہٕ۔ یہ گوٚسا نہٕ زنٛدٕ زوٗے حال۔ اَسہِ مُرتھ کھتی ناٹک ہاوَن یِم۔

پاتھر گوٚر :- (کھوٚرن پیوان) کھما ماتا۔ کھما! اَسہِ چھُنہٕ کانٛہہ دوش!

سُریہ متی :- کیاز نہٕ۔ تُہی کتھہ ہیٚتھ یہ پایہ پاتھر گنڈان۔

پاتھر گوٚر :- ہی ماتا! اَسی آیہ ہیم پےٚ ہاوِتھ گامہ منز گڈھتھ راز منٛدورہِ

واتناوہٕ ۔ تتہٕ دوٗنٛوٕے تہٕنٛز ہنٛد یاکرٕنہٕ ۔

سُریہٕ متی :۔ ہٕ توہہِ موٗلہٕ ۔ خوش آسو گاہٕتی ۔

پاٹھر گوٗر :۔ ہٕ ماتا ۔ دگہٕ مار گوٗرکھہٕ ۔ اَسہِ موٗن ہٕ توٗرتہٕ ۔ کرٕدب لاٹے لاٹے

کھاجہِ ہم لہٕ ۔ وُنہٕ چھم شانن آکھ دُچھو ؟

سیمنٹ تسنٛدی شاہٕ ہاوان

تیٖر نال ہٕ شُنہٕ راوِکھ ۔ نُو دچھینہٕ موکھ پیٹھہٕ آسہِ آمادگی ہاوٕ ۔ دبار

دوٗرٕ دٕرکھ ہٕ دوٗنٛوٕ زٕ وِجیشور کس ماسن ہاوِد پاٹھر ۔ لڈھا

ہاشنٛز ہٕ تھکہٕ ڈامر شُنٛد بازٕری لول تہنٛد نقل بناوِتھ ۔ ماتا

نیٖنٛز برداری تھاوِکھ راچھی در ۔ گپت تٕر تھاوِکھ تٕر تٕنس ۔ واے اَسی

کیا کرٕ ہاو ۔

اننت دیو :۔ کٔشاہ کٔشاہ اَسی پاٹھرن منٛز ہاوان!! اَسہِ منٛدٕ چھاوان ؟

سیمنٹ :۔ راژن ۔ ہٕ چُھنہٕ ہاوُن لایق ۔

اننت دیو :۔ تم گُپت تٕر نیٖنٛزٕ بردار کیتہٕ چھہٕ ؟

پاٹھر گوٗر :۔ پیتاماہ ، تم چھہٕ بیٚتی وِجیشورٕ ، اٹھورٕ ژھیٚپہٕ روزٕتھ ۔

اننت دیو :۔ تٕورِ ژھیٚپہٕ روزُنٕک کارن ؟

پاٹھر گوٗر :۔ راژن اَسہِ کرٕ پٕژھہٕ ۔ ماٗلس منٛز شرکت کرٕنہٕ چھہٕ لکھ اوٗنتی پوٗرٕ

پدم پوٗرٕ ہٕ دوہ یموٗ طرفا تٕو پیٹھہٕ آمتی ۔ تمنے منٛز چھہٕ تم ہٕ اَسی

بیتی بیتی آمتی ۔

سُریہٕ متی :۔ ہٕ ہتی پاٹھر کرٕ پیٹھہٕ چھوٕ ہاوان ہٕ گندان ۔

پاتھر گوٗر :۔ ماتا۔ بس اَزی ہوٗو۔ ہیم بے ہاوِتھ! کھا کرِو؟ کوٗ زھ دِتھ وَرغلاوِکھ، بزمراوِکھ۔ تمبہ لاوِکھ۔ ہیم بے تھوٗدکھ۔

سُربہ متی :۔ پتہ لکھ آسہ تان اُسان اُسہ ہند یا کران۔

پاتھر گوٗر :۔ ماتا۔ سادیے بھگوت لیلایہ تراوِتھ وُونکھ بس یہھے پاتھر گنڈرُن۔ کھما کرُو؟

اننت دیو :۔ سینٹ کھمٹ پتہ کھر لوٗپ ہُشیار روزِو۔ یمن گنڈن گرِن پتہ آسن کلش دیون ہیبہ کینہہ کوہ کرمی لور سوٗزِو متی۔ خبر کیاہ نوقصان واہ نادان۔ جبہ روٗزِو؟

سُربہ مُتی :۔ (پاتھر گرِ ہش گڑھتھ) پہ چھسہ ووٗنی لُڈھا ہاشرز۔ وَن۔؟

پاتھر گوٗر :۔ ماتا۔ توہی چھوٗرا جماتا۔ اُسی چھِ دہن ہین۔ پاتھر ہاوان زی زیناں پتہ ووہ دِس بران۔ ووٗز گوٗ کرتلہ دار تل یہ راز ادھیکاری گنڈہ نادان۔ پتہ سوٗرے چھ ہیبہ ہیمہ کنی رژہ ناز آوی جارہ و روٗستے کلا زنتہ گوجہ روٗستے ڈوٗنی گوٗلر۔ ہیبہ پتہ کینہی۔

اننت دیو :۔ تراوِرُوکھ یم گنڈن گرِ۔ تراوِرُوکھ۔ یم سیرن پتہ گنڈن بھگوت لیلا۔ توہی کرُو وِجے کھیترس راچھ۔

تمن ییلہ تراوان۔ بلاتے پتہ نیران

گنڈن گرِ :۔ دے کرِن تھنز مسہ کامن پوٗرِ ہی راز ن آسہ چھ چانز داس۔

یہ وُنان اوَرِ لور پھیران

سُربہ متی :۔ واہ! دھرا! پہ چھس ووٗنی لُڈھا گاڈھ ہاشرز!!

یہ وُنان وُنان اوَرِ لور پھیران۔

انند دیو :- ہی وجیشو رسأمی۔ وُنہٕ کیاہ کیاہ اَشبہ چھُ وُچھُن تہٕ بوزُن۔

ہے مہیشور۔ ہے رشو شنبو!!

سہٕ اَژان اندر۔ وٕوٕنۍ چھےٚ سُریہٕ متی تہٕ تینٛزٕ

ژٕونٛزاتہٕ۔

سُریہٕ متی :- ییٚتمہٕ کھوتہٕ بدبتہٕ ہاوتم! اکس مانہٕ ریٚنہٕ۔ رازٕ ریٚنہٕ پانس آم ہانٛزٕ

وَنہٕ۔ اَسُن لایق گوم۔ اَسُن لایق گوم۔

سو چھےٚ بردٕ نہٕ سیٚمِس پیتہٕ کنہٕ پیٹھ ہاہتہٕ گنگہٕ

راوان پتہٕ دوٕش تراوان تراوان یم ژٕواکھ گوان۔

٥ رازٕ ریٚنہٕ پانس ہانٛزٕ نہٕ رنگ گوم
جنگ پیٚوم وہیترُن گرٕ نیٚشاُیک
شاپہٕ بار پُٹنے کوتاہ گوٚب گوم
چھاوان مانہٕ ریٚنہٕ وانگُج دور
اکھ اکھ دوہ پیٚتہٕ کوہ کڈٕنے گوم
اَنٛدریمُ سِر پیٚوم منٛزٕ بازار
چھانگرِ تن من دوٕن ٔنگرن گوم
ڈُنجہٕ چھُنہٕ روزان ژٕنٛزل پھوٚر

ژٕونٛزٕ چھےٚ یوان تہٕ تس نکھہٕ زنہٕ دِلاسہٕ دِوان تہٕ اَندر اَژنہٕ موکھ

تکرار کران۔

---

وٕوٕدُر : میٚادٕ۔ یڈٕ۔ اَشُبہ : بد۔ ناکارٕ۔

لونِسکا :۔ راجماتا۔ نیُبرِ کیہِ زِنتہٕ چھُ کُستام ژھایہٕ گتی ہیوٗ کران!

دہ شوٗبے خبردار گژھان۔ لونِسکا بُتھِ نیران۔

لونِسکا :۔ راجماتا! یہِ چھےٚ دیہِ ڈتی لوٗری لپکان۔

سُریہِ متی :۔ یہِ آسہِ ژر ژرنہٕ آہشر۔

لونِسکا :۔ (نزدیک پیتھ) اُمس چھُنہٕ توٗ تام بتہٕ شرپان یوٗتام نہٕ ازرُن بزرُن نہٕ لوٗکن ہُنٛد گدرُن دہمین گرن واتتھ کرِ۔

سُریہِ متی :۔ دِس پیٛنہٕ۔ از اُتشرراوِ بُتہٕ سہٕ شنکا یوٗسہٕ مےٚ اُندری ژنہٕ گدٕ چھ کران۔ دِس پیٛنہٕ۔

لونِسکا تس بُتھِ نیران تہٕ پانس ستی انان۔ دیہِ ڈتی اندر اُژی تھےٚ کینٛہہ قدم دوٗری ونان۔

دیہِ ڈتی :۔ کمہِ بُتھِ اوس سکھُن پراُلب۔ تراہہِ! تراہہِ!!

سُریہِ متی آسان بیٛیس طرفس کُن بُتھ کرِتھ سہٕ ہکہِ وہ تھان تھوٗدتہٕ بُتھ پھیران۔

سُریہِ متی :۔ یہِ کُس چھُ تراہہِ تراہہِ کران۔ ہو۔۔۔ ژ۔۔۔ چھکھ۔ دیہِ وتی!!

دیہِ ڈتی :۔ ییٛلہِ لوٗزم قرار رووُم۔ واتِنج ژھیٛنِم۔

سُریہِ متی :۔ کیا لوٗزِتھ! کمہِ ستی ژھسنی واتِنج!!!

دیہِ ڈتی :۔ یِی زِکلش دلیو اوس یترٕھان توٗہہِ باُندی بناوِتھ بند تھاوُن۔

سُریہِ متی :۔ بیٛیہِ۔؟

دیہِ وَتی :۔ توٗہی آوِ لورو جیشور واپس۔

سُرِیہ متی :۔ ہتہ ژیٔے آسی رِبدٕ شیٹھیلیشومت! واسنجہٕ آسی ٹھنڈک پیمٕژ!

وَن از کیاہ منگنہٕ آیکھ ؟

دَبیہ ڈُتی :۔ ہے! مے کیاہ سناوٕ وُن بیٖمس! میون بد چھُ لُوکا لنبہٕ وونمت؟

سوریہ متی :۔ سیوٚد کر کتھ۔ وَن؟ ـــ از کیاہ آیکھ منگنہٕ ؟

دیہ ڈُتی :۔ اُنہہ۔ اُنہہ۔ بلاے پیٚٔز شُرن! یہ ترٕوٗ شر ژٕ ڈولے پہٕ وُنہٕ تہٕ

یتھ دِشایہ واٗتتھ تہٕ!

سوٗریہ متی :۔ کتھ دِشایہ واٗتتھ ـــ نو لنکا! اُدھاتہ ولگا اَنُن نادِ تھ

ژٕ نہٕ تہٕ لونکا اژان اَندر تمہٕ چھُے اِشارٕ سمجھان۔

سُریہ متی :۔ دیہ ڈُتی۔ دوٗنی چھُنہٕ ژٕ تے تہٕ مے سوٗاے بیہہ بٔتا کھ کانہہ۔

چھا۔ ؟

دیہ ڈُتی :۔ (ژٕ وٚ لیور نظر ترٲوِتھ۔) ہہٕ۔

سُریہ متی :۔ لی بہٕ پرٕژھے تی وَن۔ از۔ کیٚتہٕ مہٕ تھاو کھٹتھ ؟

دیہ ڈُتی :۔ مے ہِبی چاہ گژھن! بہٕ آیس بیٖمس نش ہمدردی سان تہٕ یہ

چھُم اوٚر زنتہٕ بُچھنہٕ پوان۔

سُریہ متی :۔ یہ چھے ژیٔے پانس تکپر! ژیٔے لاٗجتس بہٕ ڈکہٕ کو وادس۔

از روزے پہٕ بہٕ ژیے پرٕژھنہٕ وداٗے؟

دیہ وتی :۔ شاہمتھ آیم۔ لیور آیس۔

سُریہ متی :۔ وَن؟ یہ کلش دیو چھا چون لوٗ تھُر کیٚتہٕ میون۔ ؟

دیہ ڈُتی :۔ کیاہ!

سُریہِ متی :- چانہِ ڈمبہِ زانُت کِنۍ میانہِ ڈمبہِ ؟

دیبہِ وٗتی کِنن ٹھُکی دِوان آکاشس کُن وُچھان

سریہِ مُتی تس نزدیک گژھان۔ دوشوے ہِز

ژٔٹہٕ پرژھان۔

سُریہِ متی :- وَن ؟ ژٕ ہے اُژ چھکھ سِرس واقف ؟

دیبہِ وٗتی :- ژٕ تے کیاہ چھےٚ سپدمُت۔ کیا چھےٚ گُدرِ نوٚمُت۔ ژٕ پرژھان کیا چھکھ۔؟

نرِ یلہِ ترأو ناوان

سُریہِ متی :- تِکیازِ ژٕ ہے اُژ چھکھ پزر زانان۔

دیبہِ وٗتی :- کیا چھس زانان۔ چانِس پوترِس لوٗگ میون پوتھر چھیپہِ۔

سُریہِ متی :- یہِ واکھ ووٚنُتھ ژٕ تے لسہِ لٹہ ہتہِ لی وُنان وُنان نیوٗتھ ژٕ تے میانہِ ہیٚٹیکٕ سون وِرِٹہ وِرِٹہ اَز وَن پزر ؟

دیبہِ وٗتی :- ژٕ تے اکِس وانسہٕ زنانہِ کیا چھُ یہِ سپدمُت۔ یہِ کرِ نہ کانہہ غافل چانٛر تہٕ یہِ ژٕ کران چھکھ۔

سُریہِ متی :- مے چھُ خالص پزر زانُن یُتھ وانجہِ یہِ ہٕنز پلر بار ژھلم۔ وَن پرژسنہ پیدایش پتہ ہُرس یہِ ہٕنز پوترِس زنم دِتھ۔ یِیلہِ یہِ بے چھس آسس پیمبر تہ پرژسنتا یہِ ہندِس جنٛز جوشُس منتر سوٚنچھُ میون زانُتر ژٕ یٚٹہ یُتھ تس دوہ دِکھ۔ تِکیازِ ژٕ ہے تہ اوسے تمی دیٚتھ دوہ دُشر وچھس ہیتی۔ گُجرأنی آسنہ موجب کرہا کھ ژٕ ہے

تَسِنز دۄہ ڈٲجی تہٕ مقرر۔ راتھ مجلس منز لگی ساری پوتر زنمک جشن مناونہٕ تہٕ ژۄ شنز دایہٕ لجہٕ سون رۄپہ تہٕ ڈینہٕ سوٚمبراوِنس منے اوس نہٕ سامر تھ نہٕ ٲسس ہُنز پیٹھ دۄ تھنہٕ لالیق پیالہٕ کرٕ کھ گیہٕ زِ دۄ یوٚہ زاشرٕ لو منز گو اکھ ٹُمبرتھ۔ گوڈٕ گو میانہِ کنن پٕ راتھ کُمار زاد تہٕ پتہٕ پیالہٕ چس ہوش سمبولُم تہٕ بوزُم اکھ زاشُر گو مُرتھ وَن یُس میون پوتھر زلونے ژٕ سے دیُت ہوے، کلش دیو چھا سُے کِنہٕ یُس ژٕ سے چھُے تھئیہٕ پیوٚمُت ؟

دیہٕ ڈُتی :- ژٕ سے چھُے بوُدناش گومُت! ژٕ سے خبر ژٕ کیاہ پرٕ ژھان ؟

سُر یہٕ متی :- چون کِنہٕ میون۔

دیہٕ وُتی :- میون گیوٚ و مُرتھ۔ تس پاپ پھیرِس ہے ییٚتی وجیشورس منز پٕیتم سنکار کرٕ گھ۔

سُر یہٕ متی :- وُمرتہٕ واٹنہٕ ووٚنھ لی۔ اَز وَن پزر۔

دیہٕ وُتی :- کیاہ ونے۔ ژٕ وارِ تھوٚ نہٕ کیاہ بنیرٕ ہے۔

سُر یہٕ متی :- والے! امے مو تُل واٹجہِ تھُن۔ اَز وَن پزر۔ یہٕ چھا چون کِنہٕ میون ؟

دیہٕ وُتی :- یُس مے زالوسہٕ نزٕ ناوو لوٚ نہٕ دِیَن تہٕ یُس رۄچھُم سُہ چھُ چون۔

سُر یہٕ متی :- ژٕ سے چھِیہٕ یاد۔ پیالہٕ ژٕ سے اُکِ لٕٹہٕ ووٚنھ نِہ پیالہٕ اکھ موٚلوٚد ژٕ گیکھ دوٚن پھیرِن بے ہوش۔ تہٕ پیالہٕ چس پھیوٚرُے اکھ سُر

اوسکھ گوتم ناگ نیوئمت۔ وَن سُہ کُس ہیوٚہ اوس؟

دیبہِ وُتی :۔ سُہ اوس میثون۔ یِہ راز کلش دیلو چھُ چون۔

سُر بیہ متی :۔ واہ! واہ! راز کومار بنہٕ نکہ لا بچہِ ووٚنتھ ژیٚیے یِہ۔ تاکہِ راجیٚت

پھاو چون اولاد۔ وَن۔ اَز وَن پزر۔

دیبہِ وُتی :۔ ترٹھ میٚ ہیٚنز۔ یِہ کُس لانچ چھُم کھاران وونہِ بڈِتھ۔

سُر بیہِ متی :۔ وونہٕ ہاٚے ہٕ۔ مگر کلش دیلوٚنہٕ آزار وُچھتھ چھے پرزاشنکا کران۔

وَن یِہ چھا چون کینہٕ میثون؟

دیبہِ وُتی :۔ مرناتس تام وَنے۔ یِہ چھُ چون۔ چون۔

سُر بیہِ مُتی :۔ ژٕے چھے خبر بہٕ چھس راجپوت خوٚیِخ۔ کرتلہِ ستی کرتھ چھو کہٕ

لدیو تام ہٕ پزر وَنکھ۔

سُر بیہِ متی چھے کمر تلہِ لوٚکٕٹ کرتل کڈان تہٕ مہاکالی

ہش دیبہِ وُتی کھوٚژناوان۔

وَن۔ ژٕیے تھوٚوتھ وُمرِ تہٕ دالنہِ پزر کھٹتھ۔ کیول پنُن پوتھر

راج یوگی راجہ بناونہٕ موکھ۔

دیبہِ وُتی :۔ تھپھ تراو یلہٕ۔ تراو۔ ونے۔ (رِشتھ لاگان) پزر چھُنہٕ میٚ تہٕ

پتاہ۔ییلہِ وُتار یتہٕ چھس آو اَکھ دوٚرِ دُشر اوس راز پلوٚأگتھ

میٚثانس وَچھس ژٕہ ژٕہ دِوان تہٕ بیاکھ اوسکھ نیوٚمت۔

سُر بیہِ متی :۔ کیا چھکھ دُنان۔ ژٕے پزر نوٚو تھن ناسُہ کُس ہیوٚہ اوس۔

دیبہِ وُتی :۔ میٚ اوس نہٕ اَکھ سُند تہِ ووٚن۔ تیوٚت موقعے میوٚل نہٕ۔ گرتھ

موکرشنکا۔

سُریہ متی :۔ اوہ! تہ سۓ چھُے اَترُ کوٚرمُت۔

دیبہِ وٚتی :۔ میانِس دۄدس مہ کھار ہانشرہ۔ گجرانہ ہُنٛد دۄد گوٚ سیمنہٕ ہُنٛد دۄد۔ اَز تام کوٚرہٕ کاٚنٛسہِ باز خاص تہٕ ژےٚ کتھ بہٕ پتھی کوڈری وہشرار لِوان۔ تراو یمہٕ شنکایہٕ تہٕ وسواس۔ اکھ دیٚتم پنُن چانس پۆتس چھیپہِ۔ بیٚیہِ چھوٚم ترہن وٚرین دۄد۔ اَز چھکھ ژٕ دوٚنٛہ خبر، ژٕ تجسی وٚہری ٹٲلی ہِتن زاگان بیٚیہِ چھکھ شنکے ہشٕر۔ سو راتھ پیٚیلہٕ شہ میوٚن اوس کیٚنشرن پھیرن زِنٛدہٕ روٗزِتھ گزریوٚمُت۔ چھ مےٚ دوٚش ولے تہٕ اوٚش ہاران گٕڈٲہِٹر۔ خبر گٕرِ لیٚہ آم وٚتاہٕ گس زاشرِ شُنٛد موکھ روزِ ہاسم وٚنِس تل۔

سُریہ متی :۔ ژٕ چھکھ یہِ وٚنتھ پٕزِس وٚرن تراوان۔ مےٚ چھ کروٚد تہٕ ستاپہٕ کُنہٕ سأبہسے کایایہ کھکھراے۔ کمین۔ آز وَنتہٕ پنزر۔؟ نتہٕ ـــ؟

دیبہِ وٚتی :۔ نتہٕ کیا؟

سوٚریہِ متی :۔ نتہٕ وایے کرتل۔ ییٚتی ہسمے زُو۔ نتہٕ کرتھ چھوکہٕ لد۔ وَن۔

دیبہِ وٚتی :۔ یہِ پنزر چھُ تہٕ لوٚوے۔ اَمہِ اور نہٕ ہکنٛیں۔

سوٚریہِ متی :۔ ژٕ چھکھ اُپزِ وَنان۔ وَن ـــ ژٕ ےٚ گٕڈ تھ نامےٚ کُل کلش دیوس شُرِ پانے سأری دَرمہِ سنسکار کرنادِ تہٕ موکھ تس جوانی مشرٕ کھنٛدر تراوِ تہٕ برف نِٹھے نیٚتھر کرنادِنس۔ تس ماہا نہٕ بڈراونس۔ تس راجیٚتہ سأتھنادِنس۔ وَن۔ وِتہٕ وِتہٕ اوسے ژٕ سےٚ مےٚ ماجہ ہُنٛدِ کھوتہٕ

زیادٕ تمہ سنٛد ژرک۔ وَن ۔ تسُندِ دوہہ اوادِچ اُسے کل
روزان۔ پربھات کالس اُکھ مبارکس واتان۔

دبہِ وُتی :۔ رٕچھن دگ اُسم۔ رٕچھن دگ کرناوان خبر کیاہ۔ آخر پنٕن
دود چھم چوٗوُمُت۔ کھوٕنہِ کھوٕنہ چھُم للوٗمُت۔ بنٕہ رُم چھمس
وٕندرِ مستی۔ زاو زن ژیٚے رٕدٕ چھی مٕے تربن وٗری ین۔
تمہِ پیتہِ تہٕ چھمس روگہِ روگہِ وُچھمت۔ ژھایِن تہٕ گرائِن چھمس
وٕندمُت پان۔ ہنگہِ منگہِ کیازِ ژٕ از شنکا کران تہٕ کیازِ؟

سُریہِ مستی :۔ ژٕ چھکھ ییتھ ژھلہِ گرٕ مٕے توٗر فکرِ از۔ دوہے اُنی تھس ووٹہ
دوہے رٕفِرٕ ہے کل گلش دیوگوٗژھ بیہِ کرُن تہٕ ہُہ کرُن۔ بُتہ
اُسس ژٕے پنُن ژٕکی درزا آنتھ گرا اکھ وس تہٕ گرا بیاکھ وس
بخشان۔ سوٗنہ ساوی کرٕمکھ۔ ژٕے اوے پنُن مُدعا بامل۔
تہٕ ووٕنی ونتہِ پزر۔ خالِص پزر۔ یہِ چھا چون کینہ میثون۔

دبہِ وُتی :۔ زانہ دے ییٚمس کمہٕ کیا چھُ ووٗنمُت۔ واتنہِ وبتروٗمُت
پوتُر چھوکس چھم از تہٕ تجی وٗری گرٕھتھ ہنگہِ منگہِ کرٕڈل
ٹلان۔

سُریہِ مستی :۔ رانہِ گرٕج کنہ کیازِ رٕوز ژوٗن ڈٕہلین لوٗکن وُٹھن بیٹھ،
ریٚھرُنی لایق۔ پڑنا کیازِ شنکا کران۔ ژٕے چھے نازانہہ پزر
کاٹنہِ ولیہِ، ببیٚنہِ، زاٗم کا کنہِ زنش لوٗومُت۔ ژٕہ تہٕ چھکھ
زنانہ بُتہِ چھس زنانہ۔ وَن۔ از کر بٕزرس باوَتھ۔

دیہِ وٕتی :۔ پاپن تہٕ شاپن کھوژ۔ کیا چھکہ پرژھان۔

سُریہِ متی :۔ شاپہٕ! شاپہٕ دۄشوٕ چھُم تہٕ لوگان چھُس۔ ڈٕمب الگ تہٕ ڈیکرٕ ہیتھ دھرم سالہِ منز شرناگتس لجمٕژ۔ یہٕ گرِ کُنہٕ نہٕ گر ویٹھ۔ راژ رینیٚ اسہِ چھیس لجمٕژ واہگیج وأرِیس۔ نگرِ کرِ گھاٹہٕ دس نس تہٕ وجیشور کرِ گھاٹہٕ کھسہٕ نس۔ شہٕ تہٕ ییتھ وأتنہِ منز۔ بیٚزِ موکلاو یہِ دے۔ پزر وَنتہٕ۔

دیہِ وٕتی :۔ کرٕژِ لٹہِ وَنے۔ پزر ژۄد میأنس غش کھنس ستی ییلہِ کنوٗ لوزم زِ دوٕ یۄشرہٕ لو منز گوٗ اکھ ہنگہٕ منگہٕ مٔرتھ۔ کرٕکھ گیہِ زِ میون زا شُر گوٗ مٔرتھ۔ پانس چھم نہٕ کہنہٕ خبر۔ خبر پھیرتھ دِتم بُتھ بُتھ ساری آم ژہتھ رچھنہٕ۔ ژسے ہیوٚ کُنہہ نہٕ ییتھ۔ ژٕ تہٕ اسکھ لوسے زا شُر راژ کمار ترؤہم کھوٚنہٕ دوٕد دیُن کیُت۔ دیَن ژِ پرنۄو نہٕ میون۔ شہ ہے بچھو مُت آسہِ ہے از مالگہٕ ہا چانہِ کارِ ژٕ تل!

سُریہِ متی :۔ یہِ وۄنتھ ژسے کرٕژِ لٹہٕ۔ ییلہِ یہِ سوُرے پزر آسہِ ہے تیلہِ ماکرٕ ہأن لکھ کو واد۔ ننیدیا۔ شک تہٕ شنکا ادن۔؟

دیہِ وٕتی :۔ اَمہِ اکھ ور نہٕ کہنہٕ۔ دَین ہے امہِ پتہٕ منے آسہِ ہے کوٗ چھہٕ بٔرموٗژ ژٕ پہِ تأ نہٕ شاید کلش دپوس ألنہٕ تہٕ وَلنہٕ۔ رچھن دگہِ کیاکر۔ اَوَے چھے ژسے شک گنان ہنگہٕ منگہٕ۔

سُریہِ متی :۔ یو تام نہٕ ژۄد پیٹھہِ رب چھینہٕ دوٕ تھان۔ وَن میہو ے چھُ سے ازٕ پٕزِ س وُرُن دُتلہٕ نکُ۔ یکھ۔ کر بُتھ وجیشور سامی ییس کُن تہٕ

ون ۔ پکھ ۔ وَن ۔ کلش دیو چھا چانہٕ ڈمبہٕ زامُت کیتہٕ میانہٕ
ڈمبہٕ ۔ وُن ۔ پزر وَن ؟

سوریہٕ مُتی چھِ تس اَتھس تھپھ کرِتھ ہیر یادِ پن کُن
اَنان ۔ بُتھ اندر وجیشور اژِنہٕ کِس برس کُن کران تہٕ
اورِ چھ نارِ لمبکھ درینٹھ گژھان ۔ نیسبرِ چھتے کرِتھ گژھان
نار ہو ۔ نار ہو ۔ زٲلِکھ ہو ۔ زٲلِکھ ہو ۔ کورس ۔ برہمن
تہٕ تھاشھرِ ژیمتی اژان ۔ وجیشور اندرِ نیران لونکا تہٕ
ولگا ۔ پریشان کرِتھ دِوان ۔

لونکا ۔ راژہ ماتا ! نار ۔ نار دُیتکھ ! پرِتھ اَندِ دیُتکھ نار ۔

ولگا :۔ ڈُدی اکِینُن گانن ۔ کوٹھارن تہٕ ژھیپہ پتھن دیُتکھ نار ۔

لونکا :۔ زانہٕ دے ۔ معصوم گوژھ نہٕ آسن کانہہ پھیرہ بن منز ۔

سُریہٕ متی گوڑہے بُنگہٕ گژھان ۔ پتہٕ دیہٕ وُتی
تھپھ تراوان یلہٕ تہٕ کرِتھ دِوان لونکا ولگا
تہٕ ادھا ہمتھ اَندر اژان ۔ دیہٕ وُتی گژھان بہتھ ۔

سُریہٕ متی :۔ افسوس ! پننہٕ سوزے دزِ پینتہٕ ۔ وَ تہٕ پیٹھ پیمو !!

کورس :۔ ہاہا کار ۔ زارن ۔ ہاہا کار ۔ لُکھ شوترو چھِ سوزے وجیشور پرِتھ
اَندِ نارس منز وولت ۔

برہمن زیٹھ :۔ پینتہٕ کیا کرو اے برہمنو !! ٹکو پننہٕ پننہٕ پُرن ، پہرِ منز فکر
کرِو ۔ ٹکو ہے لوکو مارِکھ ۔ زٲلِکھ ہے وجیشور سامی دیا کر ۔

اَسِ رِڇھ ! ايتمرِ اُگنہ بَئيِ مشنرِ ڪڍ !!!

ديہ ڏتي وارِ وارِ هيرِ پارِ پيڇھ ٿوڏ

وڏٿان تہ ڏنان ـ

ديہِ ڏتي :ـ ژهيوو راُوِ و نار !! هنگہ منگہ مےٰ نہشہ . بوڊ ستہ ونڌوزن

لاگان !! ميثا ئنس دودس کهاران ہاشترھ !!!

پتہ سوتہ نيران نئيبر ـ کر بکہ جاري ـ ناپلمبکھ

دوٿان ـ

ـــ

تريئم ژھين



پرزاپہ ہندی مختلف مصیبت زٕ لکھ زنتہ
کلہٕ نومراد تہٕ چھکرتھ وجیشور کس آنگنس منز
بہہتھ آندرٕ چھ زنتہ دیہہ پدہ درینٹھ یوان
اَمہ ورِ چھ آندرٕ برہمن زٕ نٹھ نیران۔ تسنز آواز
چھے دردناک۔ کورس تہ آسان ہمن لوکن منز
چھکرتھ بہہتھ

برہمن زٕ نٹھ :۔ دم سمجھایو۔ اے وجیشور واسیوا دم سمجھایو ! کیاہ اوس اَمہ
پرالب پنزہ نو نیٹرو ونچھن سوزے وجیشور نگر اکس راتس منز
نارٕ برزی گرٕ ھن۔ کمی کوٗر یہ اتر وکُس راہ چھ پاٹی پانہٕ پنہٕ نس نگرس
نار دِوناوان؟ نہ چھ کانہہ یود۔ نہ چھ کانہہ شوٗتر آمت حملس!
نیتہٕ لوٗد تہ نیشہ پاپ دِ جیشور واسین ترٕووکھ ڈیرواو !

برہمن ہنٛد کورس مختلف جایو پیٹھ ووتھان
تہ اکہ اکہ ونان۔

برہمن دوٗیم :۔ نار چھنہٕ خالص لرِ جایہ تہ جاداد زالہتھ ترٲوان بلکہ گروک سر
چھ پیوان ونہٕ پیٹھ۔

IMP. تریم برہمن :۔ یہ چھ علام کتھ دِ سیرواد کھوتہ گوٚ ڈیرواد سخ۔ سے زانہ یس
گدران چھ۔ کس ونو کس کیاہ گدریوو ! کس ونو تہ کس
بوزِ ۔؟

IMP Migration ژوٗریم برہمن :۔ بانہ پھوٹرِ پلو بوکھچہ۔ وُرِ دِ وتھرِ نز چہ تہ شری باتہٕ ہیتھ چھ

پٔرتھ کانہہ خانہٕ دار زنانہٕ لبہِ نوٚو مُت ہیوٚ جاے ژھاران تاکہِ
روٗدس شینس، ژھتہٕ تہٕ واوس نِش بچاوِ زوٗ ۔

پوٗنشرٔیُم برہمن :۔ کوس جاے تھاوِکھ مچھہِ یتھ نار دِیُتکھ؟ ساٗرُے نگر دھرم
سالہٕ، مندوٗر، وِہار بل، کچھہِ، کوٹھار، گیُن گان ملبس تل
چھہِ ساری وَہہٕ تہٕ بُدرٕ تہٕ کوچہِ گٔمی تام ۔

شیٚیُم برہمن :۔ لُہرِتھ تہٕ بالتھ پٔرتھ جایہٕ ہُند ملبہٕ ۔ خانہٕ دار تہٕ خانہٕ دارِ نہٕ
چھہِ شُرۍ مُرۍ، ہیتھ کران واویلا! عائیص واویلا!!

باقے ساری گنگہ راوان زیٚسٹھ راٗوِتھ ۔

واے ۔ واے ۔ ہاے ۔ ہاے

زیٚشُٹھ برہمن :۔ پانڈولرین تہٕ چھُنہٕ تیٚتھ حال گومُت یُتھ حال یِیمہِ نگرُک چھُ
پٔرتھ اَندٕ دزن پھکھ ۔ یِیمہِ اَندٕ پکوٗ تہٕ ملبہٕ تلہٕ ووتھان آمُت ۔
ہُمہِ اَندٕ پکوٗ تہٕ ملبہٕ تلہٕ ووتھان دٕہن تہٕ کشنزن مُشک پھہلان
ژوٚ پارۍ ۔

دوٚیُم برہمن :۔ دھرمہٕ پُستک، شاستر تہٕ ژتر پو تعص ہندی امبار گییہ کاٹھ وَ — Modern
گروشنز دزتھ ۔ برنہٕ ورقن کیاہ لوٗگ دٔزنس ۔ برنزن تہٕ لوٗگُکھ
نہٕ دزنس ۔

زیٚشُٹھ برہمن :۔ اَڈٕ دٔدی ہیچہ موٗنگر ۔ اَڈٕ دٔدی کھنگر سیر پھٔلی پارٕ لوبر، ٹینگ
تہٕ دوب! ۔ یس پی چھُ اَزُنگ وِجیشور نگر!! اکھ وٹھ اُرانس
منز چھُ کُن تہٕ کیول وِجیشور مندر زنتہٕ ساری سے پیچھٕ اُسن کران .

اُے وجیشور وٲسیو اہسمتھ کرٕو ۔ وۄنۍ وۄ تھو ۔ وٕتھو تہٕ نیرو
باقے رٕہتھ وجیشور وٲسی خالص "وائے وائے"
زیٹھ راوِتھ گیتگ راوان ۔

برہمن زیٹھ :- پوٗز چھُ تۄہۍ کیتہٕ لٗو ہسمتھ ۔ تۄہۍ کیتہٕ سمجھاوِ لودم اتھندین
مو کھن منز چھُ دٕہ رتہٕ واے ۔ وَچھس منز دگ راوَن تیوٗل
دُمھن بیٹھ شاپھ ۔ شاہس شخٕس منز کو واکھ ۔ نہ آہی پٔزٕ اٲل
داکھ ۔ اے وجیشور وٲسیو اُوتھو کیتس کالس کرٕو تۄہۍ اٲی ناش
سپدُنک ماتم اُوتھو ! تھکن چھُ وُنۍ کینس نیبر دیار باگران ۔
ساری زنتہٕ کلہٕ تھوٗ دُ تلمتھ دیان دِتھ لوزان ۔

تریٚمِم برہمن :- کم دیار ؟ یس یس دیار تہٕ وسمتھ سنسٕر ہیتھ اوس ۔ سوٗرے گوٗنارٕ
بُنۍ ۔ تھکن کیتہٕ اَنہٕ دیار دپنہٕ تہٕ باگراوِ ؟

برہمن زیٹھ :- لوٗزِو ۔ بیٚلہِ ہو ۔ دھرم سال ساہرے دُز ییتھ منز راز ماتاہس
روٗزِتھ ۔ راز ماتاوِ ژسوٗرس منز پننہٕ سنسٕر پیتھ زاٲلی تہٕ ژتنو
جُرِتھ اکھ شولنگ دڑاو تیثُتھے یُتھ اوس ، تُسے دُیتُن تھکنس ۔
تنونگ راجنس تیٚچھوِس ۔ تمی کُن تہٕ ٹاکن ہندِ گرِستھ پچھ
دینارن بیٚلہِ دیار ہیتھ راز ماتایہِ نِش آو تمہِ کرُس آگنیا زِ بنٛراہ
پچھ دینار باگراوُن وِجیشور وٲسین منز یُتھ تم پننہٕ لرِ جایہ
شیرِن سمبھالن تاکہ تہٕ نارٕ پور تراوُن ۔ وٕتھو نیرو گرٕو پٔنٕن
پٔنٕن لوگ حاصل ۔ وٕتھو ۔

تم وۄتھان اَچھِہ تہ پۄشہِ تُلی تُلی آہی کران
تہ نیرِ پنچ سکھر کران ۔

لکھ تہٕ کورس :۔ وجیشور سامی کرِن راز ماتایہ تہ راجہٕ اننت دیوس اَچھِہ رۄٹ!

برہمن زیٹھ :۔ ہیمتھ کرِو ۔ دربر کرِو ۔ ہینی بساے کرِو لٔوسر شروع ۔ نیرِو؟
بھتِ چھُ ہرِ کال ۔ یس یس ہرُد وٕٹنے چھُ سہ کرِن ہرُد
وٹینج سکھر ۔ نیرِو وجیشور سامی رٔوزِن تۄہہ سیٹھا مہربان !
اَے سیٹھا مہربان ۔!!

اُندرِ نیران اننت دیون لوکر گنگادھر زنتہ
چھُ سُہ ٹہنہ تہ سوٗرس منتر آمت ہیٚنہٕ ۔

گنگادھر :۔ ہیٚتہ کُس چھُ؟ کُس چھُو ۔ برہمن زیٹھ مُہہ کاک !! اپرنام مہارا!
ہٕ چھُس گنگادھر ۔ گرٕہو کرِو راز ریشٔس خبرٕ یمے کوڈ ملبہ تلِہ
ٹُھنڈ گنج ۔ سالم سون تہ رٔپہ چھُ برابر ۔ مٔژر تہ ٹھنڈ سنگار
آبھوشن چھُ برابر خالِص چھکہ ہہ تہ دِزن آکھ کُنہ کُنہ ۔ دراصل
چھُ ہیٚری مہ پوٗرک ملبہٕ وُستھ آمت تہ تھُکی تل سالم سنترہ بتھ
ڈبتھ رۄزِ مٔژ ۔

برہمن زیٹھ :۔ تم کتہ چھِ ۔ تُمے اُندرے اوسُس وُچھنہِ گوٚمُت ۔ تم چھِنہٕ یٚیتہ

گنگادھر :۔ تم ژٕلی نایہ تےٚ وارا گی سندی پاٹھی وہتھ اَپور ۔ تِمتی چھِ اُکس
ژھیٚنہِ چھپرس تل کران واس

کورس تہٕ لکھ :۔ راجہٕ اننت دیو چھا وہتھ اَپارٕ ژھیٚنہِ چھپرس تل کران واس ۔

تعجب چھُ !!

گنگا دھر :۔ یِہ چھُ ڈٲکٕہ لانیٚک چکر! کُس راز! یُس رنگہٕ چوکِن سیٹھا بہِہتھ رٕوٕ ییٚہ تھالن مشراوِس ان کران۔ سُے چھُ گاسہٕ گٔھڑِنس سیٚٹھا بہِہتھ مُیٚتھرٕ وٲہرِتھ ماکِن مشراَن کران۔ اَن یہٕ کیا خالِص ژھیٚٹٕ راوان۔ یہٕ وُچھس ینٕہ اَزٕ تمن کُن وُچھتھ ترٕہ سکان۔ واوجہٕ وادس تل شونگ تراوِن وول راز چھُ اَز ڈٲکٕہ یینہٕ ستہٕ پانہٕ مچھہ وادُن کران۔ گھنٕہ واوادن ڈوڈٕ تِس نگرس کُن مُدے گنڈِتھ پشچاتاپچو نظرٕ وُچھان روزان۔ ڈٲکٕہ تال ننگہٕ چھوتہٕ مس شانن سیٹھا وُہرِتھ چھُ باسان زنتہٕ بارو چھُ وٲراگ گژھتھ ڈٲکٕہ نکلس تل موٗن ورٕت دھارن کٕرِتھ بہِہتھ۔

Dup-Modern

اُندرٕ نیران بِیاکھ لوکر دنڈک

دنڈک :۔ گنگا دھر۔ گنگا دھر۔

گنگا دھر :۔ ڈٕلو! دنڈک چھا ڈٕلو۔ یرن کیتھ سیٹھا چھکھ؟

دنڈک :۔ ڈٕلو۔ وُچھو۔ ملبہٕ تلہٕ کوڈمے سوٗرے شستر امبار۔ تلوارٕ، ڈھالہٕ، کوٗچ، کرپانہٕ، تبر، تیر بیترِ سارٕے چھُ بچومُت۔

گنگا دھر :۔ دنڈک!! پوٗز چھکھ وَنان!

دنڈک :۔ آ۔ آ۔ ڈٕلو وُچھو! باسان چھُ ییٚرٕ مہٕ پوٗرک تالو چھُ ڈٕزِتھ وُسِتھ آمُت یہٕ ژٕس گژھتھ زنتہٕ شستر بھنڈارس سیٹھا ٹھانہٕ ہیوٗہ پیوٗمُت۔ سوٗرے چھُ بورس تل گومُت۔ کُنہِ کُنہِ چھُ معمولی

دداہ وو تمٕت دپھ زٕمرمتہ رٕژٕپتہ گرٛزہٕ سوٗرے ٹھیک ۔

گنگادھر :۔ واہ ! مہشور ہنٛز کرٕ یا ! یہٕ شیٖچھی باٗوِ و راژٕ ریٖشِنٕس ! ٹِکو تم گرٛژھن

پرن ۔ تمن پیہِ لٗوٗ ہِسمِتھ ۔ ٹِکو

رتم دوٗشوے نیٖران ۔ تمن ستی نیٖران کور سے

وراٗے ساٗری نگرواٗسی ۔

برہمن زیٖٹھ :۔ پنٕر وٗلِو یہ شیٖچھی راژٕ ریٖشِنٕس ۔ تس پیہِ ٹپنٕر کنٕ لٗوٗشکنٕ ۔ رٕ

اَنہٕ سارِنے پرانین پوکن تہٕ سینکَن سوٗمبراٗوِتھ یُس ہکہِ نوٗسر

وِجیشورس آباد کرِتھ ۔ نِوانماہنٕ گنڈٕ ژٹھتھ ۔ نوٗوٗ روٗپ دِتھ ۔ ڈوٗن ۔

ون ۔ وان ۔ وہار ۔ مٹھ ، کوٗٹھار ییٚن نوٗ سر تعمیر کرہٕ ۔ دپنٕ گرٛزہٕ

اُسن ؟ لیوٗ دوٗے سون روٗپھ تہٕ دیٖارن ہُنٛد گنج ساٗلم اَتھ آس یہٕ

سوٗرے تعمیرِ واتہٕ کینٛژن رتن منٛتر اَنٛد ۔

اَمی وِزِ لوٗنٕ کاتہٕ دلگایہٕ ہُنٛدِ پن شانن

پیٹھ سٕزِ تراٗوِتھ نیٖران اَنٛدرٕ ۔ سُریہِ متی وِلس ہیٚژر

ہش زنیٕتہ وِلاپھ کران ۔

سُریہِ متی :۔ واہ کوٗژکھ ساٗری سے ! کمہٕ ژٕندن نوٗرٕ روزِ پٕہ ! ڈوٗلٕ پیچوی

پلنگ ، چوکہِ ، سنزٕ ڈرٕ ، پیچہِ مُرٛشٕہ ۔ ساٗری سے چھُ گوٗمت سوٗر ۔

بُتھِ چھُ وٗنٕد ۔ پلوٗ دلوٗ خاطرٕ گرٛژھو موحتاج ۔ کمہٕ زیور گیہِ

ڈزِتھ ۔ کیٖاہ وَنہٕ کیٖاہ اُسُم ؟ کس سوٗنٕ سامٹھ نوٗشہِ واجنہٕ

کرٛکھ ساٗرے گرٛو دیٖٹھ ناپہٕ بُزی ۔ کوٗ سہ شوٗب تھاوُم ۔ کیٖاہ تھکر

ناو؟ تہٕ کیا ہاو؟ کیا چھاو تہٕ کیا باو؟ یہ اوس تہٕ گوٚ نارٕ بۄڑی!
زٲنِتھ ٹٲنِتھ دِ دنوو کھ نار۔ تا کہِ میانِس ڈٕمبس تہٕ ڈیکس منٛز
زیٹھ نِیاے۔ اَکھ اَکس نش بیوٚن بیوٚن روزِتھ تہٕ چھکھ نہٕ
ڈُنہٕ عیدرِ ترِیش ہمان۔ کمہ حالس وارتہٕ ناوہس؟ خاکس
پیٹھ بیٚہہ ناوہس۔ کس مانہٕ رینہٕ اکس راہٕ رینہِ!! اکرہم
وہتہٕ رینہٕ ہنٛز باش۔

سہ چھے اوش تراوان۔ وہ تھراوان

ولگا :۔ ماتا! ہمتھ کرو۔ یہ سوٚرے پنہٕ بیٚہہ! وچھو سارِ مین روٚ چھنو
زو۔ یہ چھاکم۔ ہناہ نینٛدر تراوٕ نہٕ پتہٕ ہیٚے آسہِ ہکھ نار دونوو مت
اُسہِ تہٕ ما آسہِ ہیو نارس منٛز ڈدی مِتی۔

برہمن زیٹھ :۔ ہی راجماتا! دل کرو۔ تو ہیٚہ چھیٚے بار ذمہ واری پوٗرٕ کرنہٕ۔ پژرایہٕ
ہُند حوصلہٕ ڈرراوُن۔ کمن کمن دِین ذر ہدرن دنہ پہرٕ پہرنہِ،
کمن کمن زمین زراعت والین دِ کھِچھ، لرِ، واہنن ڈدی وان
کیہٕ دھرم سالہٕ گیہٕ بۄرزکی پاٹھم دِ تھ۔

دوٚیم برہمن :۔ ٹالہ مُتی بنتھ روٚدی نارٕ تُوار لوکن منٛز یاتری بنتھ تہٕ کمبہٕ
ژھلہٕ اوٚنکھ سوٚرے نگر گیرس منٛز تہٕ دِ زوٚ نہٕ لشہِ دِژکھ
ژھیٚبہٕ پشن تہٕ گاسہٕ ڈیرن داٗرِ تھ۔ زوٚ لکہ سوٚرے نگر۔ کس
روٚز خبر!

ترٛیم برہمن :۔ بسکین اُسی بیٚنہٕ نین رکین شرہن بتہٕ کھیاوان۔ ہنگہٕ منگہٕ

گوکھ ؤنیٚب کس رۆز خبر !!

ژۆرِیُم برہمن :- بچہِ ماجہِ آسہٕ وژھین دۄد چاوان تہٕ گاسہٕ کرتھ پٚچن ؤچھکھ نارٕ لمبان ووتھان۔ کس تھاوِ کھ خبر !!

پۄنٛژیُم برہمن :- شِران سندھیا کرِتھ آسی بھگتی مندرن منٛز لوٗزا پاٹھ تہٕ بھجن گیوان تہٕ نارٕ کرٕکھ گیکھ۔ وۄہ تہٕ آیکھ ہہ ژلہٕ نس یُشری مُری تہٕ گبر ژھارنس۔ گیُن ڈنگر یلہٕ تراونس۔ بےٚ خبری منٛز آیہٕ ساری ہہنہٕ! کس تھاوِ کھ خبر۔!!

ولگا :- کُشند دۄکھ چھُ زیادٕ تہٕ کُشند کم۔ نارٕ چھے پھترِس لاہنا وان یُس جایہِ لور دۄد تس پھوڈِ یرواو۔ یُس دۄشوے جاے جادار دۄد سہ گو در بدر بنِتھ۔ آسن واٗلی کرِکھ مۄ وتاج۔ لۄکن تہٕ یاترین شرن دِنہٕ واٗلی کرِکھ شرنا گتھ۔ وجیشور واٗسی ژراوکھ دِ تہٕ پیٚٹھ۔

نونکا :- آز کتی چھہ ڈۆرین تہٕ وۄڈرن پیٚٹھ ڈنگجہِ چھیرن تل شُری مُری گیہ بارہ پیٚتھ ابیاگتھ ہنِتی۔ سارِنے چھیٚنے ماتا ہیمتہ دِلی۔ اکھ رۆٹ کرُن یتھ شِن پیٚنہٕ بردنہہ جایہِ لور شیرن۔ سمبھالن۔

سُریہِ متی :- نونکا! تھکن چھا حاجتمندن نارن ماہرٕ گری متین دیار ٹاگران رِہنہ بیٚنیہ کُنہٕ کاسہِ کُن دراو۔

زُیٹھ برہمن :- راجماتا! آدی بوزی لوٗو زِ تھکن چھُ نگروارسین جایہِ لور

شیرنہٕ ہا پٮ۪ھ دینار ہا گران ۔ ماتا ۔ یِتہٕ لوز زِ راژہٕ سُند ساٚلم گنج
سۄن تہٕ ردٕ یہ چھُ بلا لوقسان باٚرٕ تلہٕ درامُت ۔

شُربہِ متی :۔ تہٕ چھُ لۄز ہناہ دداہٕ رٔژھ کھنڈ چھُس ود تمتےٚ ۔ توٚتہٕ پچھےٚ
وِجیشور ساٚمی ین کرٕ پاگرمہش ۔

برہمن زیشٹھ :۔ اِستر شستر بھنڈارِ تہٕ چھُ میٚستر تلہٕ درامُت ۔

شُریہِ متی :۔ تیتہٕ چھُ لۄز ۔ تۄتہٕ چھُ نوقصان تیوٚت زِ ترسےٚ پٮ۪یہِ لگن زینہٕ نس
تہٕ سۄمبرنس ۔ کس وٕ نہٕ کیتاہ کیتاہ چھوٚنیوم ۔ ناہٕ رُبزی گوم ؟

لونٕکا :۔ ماتا ! ہتہٕ سۄن زیور تہٕ نیٚر ۔ ساٚری ہے گژھیا سۄرٕ ۔ اٚسی دمو
وُنہٕ بیٚنیہِ زاٚلٕ ۔ پیچوٕ ستی کھنو ڈسِتھ آمتس تالوس ۔ ڈزِتھ تہٕ کوٚت
گژھہِ ۔ کیتٕہ نتہٕ کیتٕہ نیٚرِ نوٚن ۔

ولگا :۔ ناہٕ دژادو سۄن ۔ پۄز تہٕ پۄٚبر ۔ شۄدھ تہٕ پۄز ۔

اورٕ اژان اننت دیلو، گنگا دھر تہٕ دنڈک جو ۔

برہمن ہُنٕد کورس :۔ راژہٕ رِیٖشِس اٚسِن سۄن پادٕ پرنام ! وجیشور ساٚمی دی لوٕ
ہمتھ تہٕ حوصلہٕ !!

شُربہٕ متی برٕ بکرٕ ہتھ پوان تہٕ اننت دیلوس
ہتھ پیٚنس ستی ہتھ تھاوان تہٕ اننت دیلو
تس شانن مہٕ مٹھٕ دِوان ۔

سربہٕ متی :۔ یۄت کیتاہ ژِلو توٚہی وِہتھِ الور دزوٗنس وجیشور نگرس
نظارٕ وُچھنہٕ ۔ وُنہٕ چھا تیٚمہٕ کھوتہٕ بد وُچھن بیٚنیہِ کیتٕہ ؟

انت دیو:- کیا وۆنتھ؟ دزوٗنس نگرس وچھم نظارٕ؟ نارس وچھم نظارٕ؟

ہُنہٕ ہُنہٕ!! یہ چھُ کیول پرارمب! تمہ پیٹھ گژھ یس بروٚنٹھ کُن

پکُن۔ بیٚیلہٕ بلہٕ وان، گیانی، گونماتھ، گاٹلی، مرژہ گری، کاری گر

کاسب، تترکار، گیتہ ریٚسہٕ تہٕ کلاونت گژھ تراوِتھ دوٚیمِن

دیشن کُن ژلن۔ یمہ دیشس منز گرلڑایہ ووتھن تیٚہ کیٚاہ

کرِن تم۔ ییتہٕ نہٕ رازس درشٹی آسہٕ۔ یُس نہٕ پنُن، پرزایہ

ہُنٛد تہٕ دیشک پگاہ ہیکہ وُچھتھ تہٕ ووہژار کرتھ۔ یُس ندازکال

کیول پرزا پیدا آسہٕ۔ نگر زالناوِتھ ان دھن تہٕ پوشی دھن

راوراوُن آسہٕ۔ تسُند ژُکی در کُس گاٹل آسہٕ۔ کُس گونماتھ آسہٕ؟

کُس کرِ تسُندِس رازکالس منز مانہٕ تہٕ سوکھ سان بسکے کُس

کرِ؟ پیٚم ناہٕ منز درشٹی ووٚنمے! پگاہ آسہٕ کروٚٹھ۔

سارِنے کیٚنٛت! ژےٚ کیٚنٛت! مےٚ کیٚنٛت! پرزایہ کیٚنٛت۔

کورس:- پتاماہ! تراوِدو! یہ کلیش تہٕ وسواس!! نگر نوٚس تعمیر کرنک

یتن کرِو۔ دُکھی وِجیشور داسی ین دیو سمتھ۔

سُریمتی:- یہ چھُ بےٚ ساعتہٕ کوٚ ساعتہٕ گر تراوِتھ نیرنک پیل۔

انت دیو:- پیٚیلہٕ نٕدو تہٕ مان رچھنہٕ سوکھ گر تراوِتھ ژلُن چھُ بیٚوان

تمہٕ وِزِ چھُنہٕ منوش نیشتر تہٕ ساعت وُچھان۔ انگس انشناوس

اکس بیٚیس پرژھنہٕ ورأے چھُ کیول ژلان۔ شرمدار گلہ

یُرنہٕ وول ژلِہ۔ اچھی بوٚن کُن تراوِتھ اندری گلان سور سے

IMP.

V. IMP.

زالان تہٕ ژلان ــ رؤ۔ تہٕ باڈ تہٕ زٕٹ ہیتھ پھیران جنگلہ پیٹھ جنگلس تام خاطرٕ ژھیپن جاے بدلان۔ اگیات واس کڈان۔ چاہے کشیر منڈلک سروادھیکاری راژٕ آسی تن او سمت۔

کورس کوٹھن پیٹھ راژٕ اننت دیوس اندر اندر بیہوان۔

کورس :۔ بس کرو پتا ــ بس کرو! تہندر واکھ بوزتھ چھنہٕ اسہِ سہم گژھان آسی کرو ہتھو خبر کتی نگر تہندِ پرژہ باپتھ بلہٕ دان۔ اکھ وجیشور نگر کیا ــ زُو تہٕ دمو ــ یوٚدوے شستر تہٕ پہن تُلتی تم تہٕ تُلو تہٕ یہ توہہ پراوُن چھو یژھان تمہِ خاطرٕ جنگو تہٕ۔

"تم ووتھان تہٕ ساری ہیوٚن ہیوٚن گژھان"

سُربہو متی :۔ اسہِ چھےٚ تہنزِ طرفداری تہٕ وفاداری ہیتھ پوربہٕ پژھ مگر اسہِ یہ کینہہ اوس تہٕ رؤ ہیتھ نگر داہس منز۔ دوزٕ یوٚ تام اچھو چھ وژھو تہٕ شاہ چھ کھسان ــ توٚ تام چھُ ــ

امی وزِ چھ کینہہ راژٕ پرش کیشرن ناوٕ ژورن رژٕ گنڈ کرتھ ژانان۔

ممیر بوپ :۔ راژٕ اننت دیوس آسن سون پرنام۔!

---

کلیش۔ دوکھ، درد۔ یتن۔ کوشش

انند دیو :- کھیر بۆپ! ییم کم چھُو کھ پزنہ گنڈ کرتھ اُلیٚ ہیٚتھ۔

کھیر بۆپ :- ہے دیون! ییم چھ تمو ناہ ژور دمشر کینہ مو ہنوی یموو جینوور نگرس نار دیُت۔

سُریہ متی :- اچھا یہند زبلہ ونو ساتھی۔

کھیر بۆپ :- ماتا ژم زُل بیون بیون وتو۔ تہ ییم اُسی ژھنہ ژ کارہ کیتھ ژلان، نگر اسہ رُٹ سنگیہ تاو۔

انند دیو :- پرژھتو کھ ییم کتکی روزن واُلی چھ۔

"ناہ ژور اُچھ لون کُن کرتھ ژھوپہ کران"

کھیر بۆپ :- وُنو ینٔنہ زلیو! کتکی روزن وُالی چھو

ناہ ژور (۱) :- ہے دیون ہنٔدِ دیو!! اُسی چھ کھما منگان۔ اُسہ زِ چھ سرِ شوپر کر روزن واُلی تہ یہ ترییٚم چھُ آنچار واُسی۔

انند دیو :- پرژھیو کھ کار کیتہ چھ کران

ناہ ژور (۲) :- اَسہ ترینشوِ ہنٔد کار چھُو۔ رازن! اسِن ہنٔز پیشہ ژنیٚ و ژنیٚ وگور بنا وِنہ تہ تمے رکنہ۔ پیٚنٕ زُو زہپتہ شرد باٗژ پاوِنہ۔

انند دیو :- پرژھیو کھ! یور کمو سوٗزی؟

ناہ ژور (۳)۔ رازن! اُسی سوٗزی — اُسی سوٗزی۔

کھیر بۆپ :- (روبہ سان کُرد ب لٲیتھ) ونان کونہ چھو۔

انند دیو :- کھیر بۆپ! یمتھ استعابنس بیہٕ نہ یہ۔ نہ شُنتہ مارنہ زمر

مار - پرژھیوکھ ا ـ کمی سوزی کمی سوزی یور ؟

ناہ رژ دَر (۳):- رازن! اسی سوزی جیانندن! سے پھیور سارنی گامن ڈلن تہ سرین ۔ زآری زآری کڈان اسی ۔

اننت دیو :- پرژھیوکھ! کوزنس چھکھ دیت مت کینہ معاوضہ چھکھ چُکومت ؟

کھیر بوپ :- ڈُلو! ڈُلو ـ جل ڈُلو!

ناہ رژ دَر (۱) :- رازن! کیا۔ کیا ڈُلو ۔ کمہ ز ڈُلو ڈُلو۔ سالم کو ٹھ ہتہ آیہ باندر بناوتھ بہزن منز بٹھرتھ راز محل واتناونہ ۔ بیتہ، ساری شُری مری باژ تہ زیٹھی تھاوکھ باندروانس منز۔ اسہ آہہ ناوکھ بیتر۔ دگوی ہیچہ ناون تہ بہزن بریتھ کھاجہ یور۔ بندش تھاوکھ زہ لوتام تراون نہ ساہن کو ٹھن یلہ لوتام نہ وجیشورس نار دمو۔

کورس :- تراہہ! تراہہ!! دھرے روو۔ راز دھرے روو۔ دیا دھرے روو۔

کھیر بوپ :- ہے پتا۔ یم چھ اپزہ نان۔ ڈامب لاگان ۔ سہ کو نڈ کلش دیو تہ جیانند زبجہ تہ ہتھ راج کتین تھاون باندروان تہ گژن دوہن کتیاونکھ تہ پتیاونکھ ۔؟

اننت دیو :- یتھ استھانس منز ونہ اپزا! پرژھیوکھ ونہ کوسہ کام چھکھ بیتہ مسہ

کھر بۆپ :- ڈلو۔

ناہ ژدر (۱) :- ہی رازن! اَسہ مۍ کرٕ تہ شرمندٕ! اُسی چھ پاپی۔

" (۲) :- اَدھری! اَسہ کیتہ بخشہٕ دے۔ اَسہ کُس بخشہٕ۔

" (۳) :- اُسی کرٕکھ مجبور۔ گر باز ترآ وِتھ شری ناٹ تھاوکھ بند۔ کُنی کام تھاوکھ مٹہٕ۔ تمو ہر کرِتہ وۍگوۍ پیٹھٕ تہ پتہٕ کین ڈال بُنھہ ماس منز یتھ نگرزانُن۔

" (۴) :- وَنُن لایق چھِنہٕ۔ وَنُن لایق چھِنہٕ۔ ہنگہٕ منگہٕ دِپن اناتھ زاہلنی۔ سارِم نگرزانُن۔

" (۲) :- سُستہ ییلہ ساری یاتری نالہٕ سالِر، بھکھوٕزن مندرن تہ وِہارن منز سند ھیا پوزا آسن کران۔ دِپ داں آسن کران۔ تو تاہ آسن پیران۔

" (۳) :- رازن! یِ اوس آدیش تہ یِ اوٗن اَسہ کو کرمی زلو باعمل دِلوا سہ سزا۔؟ دنڈ دِلو۔ نوم ہتری ژُلو۔ اَسہ پیزٕ لوگُن۔

پرایشچِتھ۔

" (۱) :- اُسی چھ کو کرمی۔ لاچار کو کرمی۔ مجبور کو کرمی =

کھر بۆپ :- یتھ نگرس کوٚر وڈ بہ ڈاس۔ شری ناٹہٕ ہتھ کرنی وکھ سا سہٕ واد گرُو جارٕ۔ سا سہٕ واد گیُن۔ ڈور ڈ نگر چھ وتن، کھین، ڈلن تہ وُڈارن بیٹھ۔

نارٕ ژور (۲)۔ کھماکر رازن۔ اَسہ چھ پاپ کوٚرمُت۔ مہا پاپ!! اگر

کلش دیوِنہٖ بێنیہ بێنیہ کرِنۍ۔ اَکھ اَکھ ساس دینار چھکھ
چھکوونت۔ بێنیہِ وُگوہن تہٕ ہستھن ہُند مول الگ۔

ناریٚ ژۄر (۳) :۔ ساٲنی شُری باژہ، بب مٲج نے بند تھاوِہن اُسی کرہٲوِنہٕ زاتھہ
یُتھ کار، یُتھ پاپ۔ واے! مجبور گیہٕ لاچار۔

" (۱) :۔ کُس ییٚژھہ ہنگہ منگہ یُتھ گانگہ کار کرُن۔ راژن! اَسہِ
کر کھما!!

" (۲) :۔ یَتھ کارس تہٕ لگو تُھو لاگھ۔ میون بُڈ بب مٲج تھاوُکھ
بند۔ تمن واجکھ کرُ۔ اَدٕ کوٚرسے مجبور گُرمِتھ یور ینک
التکار۔ پانہٕ کوٚر تہٕ زٲنتھ مٲنتھ کیتہٕ تہٕ ہے پتا! کُس پوتر
ییٚژھہ سبس ماجہِ ہُند بانٛدر بنُ۔

گوڈٕ اننت دیو زبردست اَسُن گران
پتہٕ سنجید تہٕ تہٕ اَسُن تہٕ گران۔

اننت دیو :۔ ہا۔ہا۔ہا۔ کھیر بوٗپ! ہم ترٲوُکھ یلہٕ!! ترٲوُکھ یلہٕ!!!
بوٗزتھ؟ (سُریہِ متی کُن) وُڈنُن کُس پوتر ییٚژھہِ پن بب
ماجہِ ہُند بانٛدر بنُن۔ کُس پوتر؟ کیول سون پوتر!!۔

راژٕ کلش دیو!! مہارانی سُریہِ متی تہٕ مہاراجہ اننت دیون
پُتر۔ بێنیہ کُس۔ ہا۔ہا۔ہا۔ ہا۔ ترٲوِ دُکھ یلہٕ۔ والیس
نیرن راژٕ دانہٕ۔

کھیر بوٗپ :۔ ہے پتاماہ! یہ کیاہ چھو توٚہی وَنان۔ اَسہِ اُنٛز ہم دوٚنٛھہ زٕعانٛھہ

کرٕتھ مشکلن ژٕھتھ ۔ یمو ژوٗل وجیشور نگر۔ یمن دِلوسزا تاکہِ
دۆیمین روزِ عبرت۔ یم کوٚت ترأدی ڈکھ بیلہِ ۔

اننت دیلو :۔ کرٕلوٗکھ کھما! یم سوٗزی کلش دِلوٗن۔ جیانندن۔ یمن سون
شوٚترٕنہٕ چھُ ۔ یہندی کوٗٹھہ چھکھ بند ژٕڈ مِتی۔ کرٕلوٗکھ کھما
۔ ہے وجیشور سأمی! کُس پوٗترٕ سیٚٹرہِ ہِبس ماجہِ ہُند باتھدی
بنُن۔ کُس پوٗتُر!!!

اننت دیلو اندر اَژان۔ سُریمتی۔ گنگا دھر
دنڈک۔ لوٗنکا تہٕ ولگا تہٕ اَندر اَژان ۔ نارٕ
ژوٗرن پوان اَتھ گنڈ یلہٕ تراونہٕ۔

کبیر لوٗپ :۔ رازٕ پوٗتر چھُ تہِ تہِس راج تیاگی ہأرِس نارٕ بٕزی کرنہٕ موکھ
نارٕ ژوٗر سوٗزِتھ وجیشور نگرس زالہٕ ناوان تہٕ رازٕ موٗل چھُ
نارٕ ژوٗرن کھماکران ۔

برہمن زٕیٹھہ :۔ یِ چھُ سمیکھ کرٕوٗکھ تہٕ ٹیوٗتھ الوٗبھو! اَکھ تیاگ۔ کھما
تہٕ دان کران۔ بیٚاکھ ڈُبرٕ داسس لوٗگمت۔ ٹکہٕ ناشش
لوٗگمُت۔

نارٕ ژوٗر (۱) :۔ یُس کار اُسی کرنا وِکھ تتھ اوس آسہٕ زٕو ڈنڈ دیُن۔
" (۲) :۔ نہٕ تہٕ اُسی دوشوے ہٕشرکرٕ ژٕٹہٕ ناوُن۔
" (۳) :۔ دے دِپن اننت دِلوس رُمہٕ رٕیشُن آے۔ آسہِ کوٚرن
کھما دان ۔ زُور روٚچھُن۔

نارٕ ژٲوُر (۱) :- ساٚنی رُم رُم کرنس آہی۔

بالٕقے زٕ :- اُسی چھہ پاپی۔ اَدھرمی!!! اَسہِ کرُو توہی کھما۔ اَسہِ متہٕ دیُچھو تو
نیشٕر لنظر۔ اَسہِ کوٚر اَتھٕ۔ بارٕ اَتھٕ!!!

نارٕ ژٲوُر (۳)۔ رٕشٕتہٕ پیٚنہٕ پتہٕ اُس زِندٕ روزٕ پٔنٕ آش ترآؤمُت۔ زدنمت
اوس زِ لکہِ اٹھارس ہتھر یموٚ پگاہ دارس کھارٕنہٕ۔

” (۲) :- نتہٕ ژٕٹن ساٚنی ہٕتھرٕ۔ سارٕ نےِ لوٚکن تھی۔ مگر راٗزٕ ریٚشی کوٚر
کھمادان۔

تریٚشوے :- ہی زگت اما! راٗزٕ اننت دیو تہٕ راٗزٕ ماتا سُریہٕ متی کڈٕن گریٚہہ
دشایہٕ ہتھر۔

نارٕ ژٲور۔(۱) :- ہے ہیشوٚر یمن کرا آچھی۔ یمن کرا آچھی۔ سون ماہرا آسی لٕو سارٕ نےِ
پادٕ پرنام۔

رتم سارٕنےِ نمان تہٕ پتہٕ نیران۔ کھیر بوٚپ
تہٕ نیران۔

کورس :- نارٕ ژٲوُر اُسِکھ اننت دیوس تہٕ سُریہٕ متی زِندٕے زالنہٕ موکھ
سوٗزی متی۔ اَمہِ کھوتہٕ بوٚڈ شُترا اتھ کیا آسہِ۔ ہی وجیشور ساٚمی!
پیٚن ڈومب چھُ پُتھ کرم کرناوان۔ بیٚیہِ نہٕ کانٛہہ! ییٚمہِ سیمیک
بوٚڈ آسترٕ چھُ یہ!!

برہمن زٕشٹھ :- کیٚشُتھ سِے آو۔ یٚیمہِ سیمہِ پتہٕ کیٚشُتھ سِے پیہِ! دان دھرم
پُنیہٕ پراوپکارُن کیا اَرتھ تھوٚ۔ کِنہٕ ساٚری سنکار راوُن۔

IMP. دوٚیُم برہمن :۔ سنسکار راوٕن تہٕ سنسکرتی موکلہٕ۔ ریشر تہٕ مریادایہ موکلن
گوواسنا، بد آٹزار تہٕ بدرفتہ شرار بنہٕ دوہدش زندگی ہٕنٛد رویہٕ۔

IMP. ترٛیُم برہمن :۔ کیرن بدلن، واکھ، وژن، واٹنی تہٕ شبد بدلن پنٛن معنیہ تہٕ
ارتھ، رہن سہن بدلن، مزاج بدلہٕ، دشنس پتہٕ دوٚن ساری
ژوٗریُم برہمن :۔ سمبندھ بدلن، رشتہ بدلن، ورن بدلن، کولاٹزار بادلن تہٕ
ورنہٕ سنسکرن کھسہٕ لوش، کل یگ آہٕ رگن رگن منٛز رتس
ستی ژلیتھ گومت۔

پانٛژیُم برہمن :۔ گوتھر، کول، آٹزار تہٕ ہرٕتی سوبعاد آسن بے معنے، ارتھ ہین۔
برہمن زیٹھ :۔ اَما پوٗز لوٗت ٹہری کُس چھُ یور پکان۔ شاید چھُ کُستام
ژتھی۔ گرٛی ٹاپن تہٕ تہٕ ہکرارن، ہنٛز آواز چھےٚ کنن گژھان۔
کینٛہ نہٕ ۔۔۔ کیا سا ہے ۔۔۔ ڈیلو وُچھو۔
کورس روزان برس بُتھِ زنہٕ پراران
اوہرِ اَڈان تھکن تہٕ ہرش دیو۔
ہرش دیو :۔ میاٚنہٕ پتاماہ تہٕ ماتاہی چھا وانہٕ پاٹھی۔
تھکن :۔ بلکل وانہٕ تہٕ کانہٕ۔ کیول گوٗنگرن بزِ موٗر، ڈبہ ڈاس
برہمن زیٹھ :۔ نارن ترددن نہٕ کہیں باقیے۔ راجکمار! توہی کیتھِ کنٛ آو یور
ہرش دیو :۔ بیلہٕ نے لوٗز ژمیانہٕ ماجی چھُ یہ نگرزانگ سنٛز کورمت ہے تہٕ
کوٗزسہ دی دی بل پوٗرد کھ چھوٚ بہٕ جوان لرخہٕ تہٕ روٗپ بدلیتھ
یور سوزی ہتی۔ بتہٕ ژوٗس راٹی بہٕ منٛزی راچھی درن تہٕ

پہٲرِ درن بارِ کوٚژھ دِتھ۔ مگر مےٚ گوٚ سہٹھا ژہ یِر۔ یہِ نادمار ہیٚکہِ ہے ژُکِتھ۔

تھکن :۔ اُسہِ توٚر نہٕ نسرِ۔ کاژشہِ دُیت نہٕ اِشاہ۔ اُسہِ آسہِ زانان اگر کانٛہہ پیٚہِ رسہٕ کرِ پیتا ماہس دوکھ دِینٛ کوشش۔ نگر نہٕ اپنٛز آس نہٕ کاژشہِ تہٕ برانٛتھ۔

برہمن زیُٹھ :۔ راجکمارا اکیاہ ژلنٕو اماٹہ اوس طیس پیٹھ۔ کوچہِ کوچہِ آسہٕ دان ہاٹ لگی متی۔ وگوٚیہ تہٕ ہیتجہِ کِنٕن وٲلی آسی دوہس وِجیٚنورس پیٚران ہیٚلہِ سندھیا سمیس لُکھ مندرن استھاپنن کُن سا موہک پرارہ تھٲنا کرنہٕ گیٚہ۔ ژُدٲرو زون ہہوِسےٚ مناٸےب تہٕ رتکھی ژبعبہٕ پیٚشن درزِوٕنی ڈینگی۔ داری داری تہٕ تارُکھ نہٕ اکہِ اَندِ ہیٚنٛرِ بیٚنیس اَندس تام نادلگہِ نس۔

اُکیُم برہمن :۔ وگوٚہن تہٕ ہیتجن تہٕ دُبیتکھ نار تہٕ ژلی۔ اُڈلی آسی گرہن پیٹھ دِتہٕ اُڈی ناون کیتھ۔ کُس سنتھیا سےٚ اُدسکہ ژورمت اُمرِ بدکارِ موکھ۔ ہی دَیہ! اَسہِ کرِ رکھیا!

ہرش دیو :۔ مےٚ کوٚر یور واتنس ژِیر۔ یہِ بدکار ہیٚکہِ ہے ژُکِتھ!!!

برہمن زیُٹھ :۔ ماہرا! کتھ کُنہِ یہِ اوس سیدُن تہٕ سُپد۔

ہرش دیو :۔ لوٚدوَے بہٕ پلٕوِ اکھ پچھہِ رنگہِ منڈوس منزگیتہ ریٚنین، نٹ تہٕ سازندرن سیتی ناٹک کریہِ یتی آسہِ ہا نہٕ ویٚستھ۔

برہمن زیُٹھ :۔ گوٚ توہہِ آسو کانٛہہ لوٚو ناٹک گِندنٕ تیاری کران۔

dup

ہرش دیو :- بہٕ اوسس گراگ راگٕتی ژاران تہٕ گرا نِشرِن واد بدلاوان تہٕ میون
مول اوس پننہٕ ادسیکاری ہیچھ وِ جیشورس ناپہ بزی کرنگ شنز
کران۔ ژ و یہ گرن ہتی یییمہِ نگرٕ سرو ناش یِشٕرھان۔ افسوس!!

برہمن زنیٹھ ماہرا! توہہ کر لوگ آمہٕ ژ و یہ ہنٛد پے پتاہ۔

ہرشدیو :- ناپہ ژور یور سوزنہ پیتر ستہٕ دوہی ییلہ الگاہ بہٕ اکہ دوہ ہانٛدر
واپنٕ کنہٕ پوٗ کس۔ بند کو کوٗر بہٕ وُچھتہ واویلا، وپداکھ دتھِ۔ ییلہ
تراو ریخ پرار تھا کٕرکھ۔ تموے کرٕ باوتھ زِ تہندر یاوستان
چھکھ جنگلن منز ناپہ مار ژھل ہیٛچھنا وِتھ یور سوزی ہتی تہٕ تمن Militant
تراون پہٕ لوٗ تام ییلہ لوٗ تام بہٕ تم وجیشور نگر ناپہ بزی کرِتھ
واپس ییرن۔ بہٕ آسہٕ ہا تمی ورِ دِژامُت مگر بہٕ پراریوس
پننس ماٗلس راہ نِ کلش دیوس یُتھ تم بانٛدی تراوناو نکھ ییلہ
نِ دوہ گام بلی پژاران آخر نبیوم یہ پزر زِ راہ نِ کلش دیو
چھُ پانہٕ تہٕ یہ ژٕ چھنہٕ موکھ وِ جے کھیتر کُن دژامتی زِ وجیشور
نگرس پیایا نار دنہٕ۔ کاش ابہٕ آسہ ہانہٕ دون دوہن تہٕ
ٹھہر ژوٗمت۔ راہ نِ مندورِ منز دژاس ژھل کرِتھ۔ آندے
اوت تُلم پانس وستی تہٕ وُٹھ ژٕ دوتس یور۔

آنند :- راجکمار۔ بہٕ گوٗنت تراوو توٗہی گئی۔ ییتھ بتے پژرہ کاس منز۔
میون زوٗتے توٗہہ یہتھ لگہ توتہٕ کیٛاہ گوٗ۔

تھکن :- راجکمار! ڈُلو آندر اژو تہٕ وُچھو وجیشور مندرِ چھ اژ دھرم

سالو روٗستے کیٛنہٕ سیٛنے مشرٕس۔ دھرم سارٕ چھیٚنے کھنڈر بیٚمژ۔
تُہندِ پتاماہ تہٕ پرپتاماہی اٚسۍ ملبس ژاٚلی دِوناوان تہٕ ژھانڈان
پُراتنی سنٛسٹرہِ ہیٚتھ۔

ہرش دیو:۔ مطلب؟

ٹھکن:۔ آسہِ مانارٕ بزٕ گژھیتھ وُنہٕ تہٕ کیٚنہہ پچومٕت۔ کانہہ تہٕ
کانہہ مولل چیز۔

ہرش دیو:۔ ٹیکو؟

ہرش دیو، ٹھکن تہٕ آنند اٚژان اندر

برہمن زیٚٹھ:۔ راجکمار ہرش دیوٗن بُتھ وُچھتھ کوتاہ پرسن سپدن دوشوے
راجماتاہ تہٕ راز ریٚشی۔ نوٚو زُو ییٚکھ۔

دوٚیُم برہمن:۔ پٔژِ ییٚکھ نہٕ ژٕ تِم چھا ہرش دیوس بروٗنہہ کنہٕ وُچھان؟ کیٛنہہ
سوٚپن چھہٕ وُچھان!

ترٛیٚیُم برہمن:۔ لولرٕ ٹاٹھرٕ سٔین راز ماتایہ بُھرتھ تہٕ اٚرشنی دارٕ گژھن ییٚلی۔ لولرٕ
آگُر ییہٕ وہیتھ ہُنڈ آگرکی یاٹھ بر بکہٕ۔

برہمن ژوٗریُم:۔ وُنہٕ تہٕ پٔژٕ ژھن کیٚنٛتھ واریاہ اٚستھ تہٕ سمہٕ نہٕ ہمن اکھ اٚکس وٚھن
پہچھ شبد۔

پوٚنٛژیُم برہمن:۔ یس راجکمارس پتہٕ برٕونٹھی چھہٕ وُچھان تس کُس وتھرُن کرن؟

---

پراتنی: پرانٛی۔ سنٛسٹرہیتھ: سومبراو ہرٛ دولت۔

کم پلنگ تہٕ پرنگ وتھراون؟ کوس توسہٕ تیٚر یاڈٕ زادر وتھرنس؟

شیٚیُم برہمن :۔ کمن بانن منز کھیاونس تہٕ چاونس؟ کمہِ بٔنگہٕ منز اینہٕ نس از نانا پرکارٕ لوٗزن !!

دوٚیُم برہمن :۔ شرناگتہ راژہٕ ریٚوش کتھ سوٚ یہٕ چھو کہِ سیٹھ بیٚہناوِتھ چھلہٕ ناوس پاد ۔؟

ژُیٚم برہمن :۔ آسٕن چھ رتہِ کھاران ٹیٚٹرھی پوٚزٕ یہٕ آسٕن چھ مُنڈٕ چھاوان !

آسن واٚلس اننت دیوس تہٕ چھ ازٕ نایہٕ مار مُنڈٕ چھاوان لایق بناوان ۔ پانہٕ ژھیٚیہٕ چھپرس تل اما پوز راژٕ کُمارس کیٚتھہ کرٕ ناوِ واس !!

ترٚیُم برہمن :۔ اَیہٕ گُٹس منز یتھہ زوٚنہٕ گاشس منز کوتاہ ہاوس ڈوٚپہٕ نگرک درشنٹھان۔ وُنہٕ چھ دٕو داٚری کوٚہن ملبس تل دٕ ہ ووتھان۔ یتھہ گیٚٹہٕ کارس منز کرن ترٚیشوٚے راونس سیٹھ واویلا۔ بیٚیہِ کیتاہ کرن ۔ کُس ونس یہِ سوٗرے کیتاہ زِ گُدرٕ ژھ۔

ژُیٚم برہمن :۔ ہی وِجیشور ساٚمی !! پرٕ پوٚشی کرٕ تیشل گرن۔ نیشہٕ پاپ نیشہٕ بوٚدھ تیشل زن پرٕ پوٚشی کرعابن تہٕ سرن۔ پیٚنہٕ نس سایس تل رٔچھِکھ ساٚری بھکت زن ہے وجیشور ساٚمی۔

رتم ہاوان نیرن تیتھہ ووٚز گرن منز آرام
کرن تمی وِزٕ چھ کیتہٕ نگرواٚسی سیٚنٹہٕ تہٕ کھمٹ
اندر اژان ۔

سینٹ :- اے برہمنو! ڈلو ڈلو راز انت دیوکیہ چھ؟ یتھ چھا کینہ وپھیہ ہیتھ اپور چھ۔

زیٹھ برہمن :- ڈلو کڈ و تھکہ اکتہ پیٹھ آو! راز انت دیو تہ مہارانی سُریمتی ژایہ آدی آدی پیمہ وجیشور کہ پوت آنگنہ منز اندر۔ شاید ناہ ستح مسمارگاسر دھرم سالہ ہند بن فرش تہ تالون زآلی دنہ۔ تم چھ دُنہ سنفر ہتھ ژھاران۔

کھیمٹ :- یہ چھ راز دانہ پیٹھ راز کلش دیون دوت آمت۔ راز انت دیوس تہ سُریہ متی کیٔت فرمان ہتھ۔

زیٹھ برہمن :- کیا ہتھ ـــ فرمان! راز آدیش!! یہ چھا کیول راز پتا ماہ تہ راز راٰلی پتاہی کیٔت کینہ سارنے پرز ازنن کیٔت۔

دوت :- یہ چھ کیول راز انت دیو تہ راز ماتایہ کیٔت!!

سینٹ :- تو ہے کرو پیتی ٹھہراو! یہ کر یانہ راز رٹیٹس و ہتھ قرز نگر ہیٹھ چھ آمت راز کلش دیون دوت راز آگنیا تہ پاگام ہتھ۔

ـــہ اژان اندر

دویم برہمن :- اماکیا آسہ راز آدیش؟ تو ہسہ چھا کینہ خبر؟۔

دوت :- بالکل نہ! اسے چھ تاکید آمت کرنہ زیہ پتر کیول راز انت دیوس دین۔ بینسہ نہ کانسہ۔؟

ترییم برہمن :- ضرور آسہ راز کلش دیون وجیشور واسین اتھ روٹ کرنہ

موکھ نگر لوٚ آنمانہٕ تعمیر کرنہٕ موکھ دینہٕ دیار سوزنک آدیش
سوزمُت۔

ژوٚریُم برہمن :- نا ممکن۔ پنُن پان نِردوش ثابت کرنُک ہیتر آسہِ۔ بیٚبیہٕ کینہہ

پوٚنژیُم برہمن :- وجیشورک سمہار وچھتھ تہٕ بوزِتھ آسہٕ پھیران۔ اوے
آسِن پشچاتاپک نامہٕ سوزمُت۔ بیٚبیہٕ نہٕ کینہہ۔

شییُم برہمن :- بیٚلہِ آسِن بوزمُت لوکن گوٚ آلناش۔ گیٚن ڈور ڈنگر
بیٚیہ سرراہ۔ پھیورمُت آسہٕ۔ تٔمِس تہٕ وجیشور واسِن
آسہِ ہیٚیہ کھما دان سوٚنگمُت۔ بیٚبیہٕ نہٕ کینہہ۔!!!

اور نیران سُریہ متی تہٕ لون لگا۔

سُریہ متی :- کھمٹ ! کُس چھُ نگرِ بہہ آمُت؟ سنٹ تہٕ ہرشد لوترٕ
لوکہ گھاٹھہ کزی وہتھ آپور۔ تم تارن اَسہِ سارنی کیٚتۍ ٹاکن
کہتھ کھین۔ یِنہٕ نار لوگ تِنہٕ آو پیٚتھ استھاپنس منز لشکر
سُندر راونہٕ۔ ون کُس چھُ آمُت نگرِ بہہ؟

کھمٹ :- راز ماتا۔ یہ دوٗت چھُ رازٕ ریٚشِس کیٚتۍ رازٕ کلش دیوُن
فرمان ہیتھ آمُت۔

سُریہ متی :- رازٕ دانہٕ بہہ ! کیٚنہٕ تمہِ شایہ بہہ بیٚترٕ سہٕ کلش دیو ٹھرتھ
چھُ؟

دوٗت :- راز ماتا۔ میون آکر لوٚ پادِ پرنام۔ مے یہ ونِنہٕ چھُ آمُت
بہٕ چھس تی ونان

سُریہ متی :- ڈیٖوٗ ! کیتاہ چھُ فرمان !

دوٗت :- راجماتا ! یہِ چھُ یتھ پاپٕ پترس پیٹھ لیکھتھ۔

سُریہ متی :- دیٖو پوٗری۔

دوٗت :- ہٕ ماتا ہٕ۔ مےٚ چھُ تاکید آمُت کرنہٕ زِ یہِ دِمہ یہِ کیوٗل راژِ

انینت دیٖوس۔

سُریہ متی :- کیا؟—

سو پھیران پوٚت پتہٕ وٚنان برہمن

سُریہ متی :- اے برہمنو ! سمے چھُ ژیر آمُت۔ گژھو گرٕ و وٕنی پتہٕ پنن

ڈیرن پیٹھ اَن زل تہٕ آرام۔ ژوٚدش ہُند ژٔندر تہٕ چھُ

وٕنی کھوٚتمُت پیٚرو۔

برہمن نیران وٚنان۔

کورس :- دیٖون ہُند دیٖو۔ مہادیٖو کرِن رکھیا۔ ہی وجیشور سامی رٕت

رٕت ہاو۔ سور پژزایہِ تہٕ راژس۔

سُریہ متی وٚنان دوٗتس زٕنِش گژھتھ۔

سُریہ متی :- دیٖو یہِ راژ آگنیا ٹیٚتر پوٗری۔

دوٗت :- ہٕ ماتا ! مےٚ چھُ تاکید آمُت کرنہٕ زِ یہِ دِمہ یہ کیوٗل راژ انینت

دیٖوس !!

سُریہ متی :- کیتاہ ! یہ پھس ناوِ وٕنی کہیں۔؟

دوٗت :- ماتا مےٚ کیہِ دوٚن تہٕ۔

سُریہ متی :- دِ! کیا چھُ کلش دیوُن فرمان ۔ بُتہ بوز ۔ اَن یوٚری ؟

دوٗت :- ماتا! راہِ اننت دیوس سوٗ آسے ہیکہ نہٕ بہٕ بیٚنیہ گاٹھ دِتہٕ۔

سُریہ متی :- کیا؟ بہٕ چھسا ووٚنی بیاکھ کانٛہہ! دِ یوٚری؟ کیا چھُ اَتھ لیکھتھ

دِ؟ ـــ میانہِ اکہِ کتھِ ہِنٛز اوس چھوٗن کلش دیوس پران تہٕ

نہٕ چھکھ دِلہ دوٚر تہٕ فرمانبرداری ہُنٛد ژٕکر درلاگان ۔ دِیوٚری ۔

دوٗت کھوژان ان فرمان پٔرِھان

کھٹو مگر سُریہ متی چھس ہکہ لوان اَتھو منٛز ۔

سو چھےٚ دوٚیمس اَندس تل گژھان تہٕ لشہ

گاشس تل پران ۔ سو چھےٚ خشمہ چشمو زنہ تہٕ

نِکھنہٕ لوان تہٕ وَنان ۔

سُریہ متی :- تس چھُ بوٚدِ ناش گوٚمُت! ژٕ کمہ بتہِ چھُ اَسہ ہانشرِ وٕکھاران؟

پنٛژہن کو کرمن ہُنٛد ذمہ وار آسہِ ٹھہراوان ۔ اَسہ یہ حکم دِوان

زِ کانٛہہ کاریگر گژھہ نہٕ تہندِ اجازتہٕ ورآسے وجیشور لوٚنو سَر تعمیر

کرُن ۔ ژٕ کُس چھُ؟ لکھہٕ چھِ یاترین ہنٛدِ شیہجارٕ موکہٕ وَتن

بیٚہتھ کُلی رُوان تہٕ رازس چھا اجازت ہیوان؟ تہٕ نوٚ تعمیر

کرنہٕ موکہ چھُ اَسہ ووٚنی تس اجازت ہیوٚن! دِکار آسی

نس! دِکار ہیچھس رازس ۔ دِکار!! تس کیتھِ کُنہ دوٚتھ بیٚتھ

کوٚ ڈرد ہنزار!! گژھہ وَنس وجیشور نگر نوٚ سَر تعمیر کرنک

سنٛز چھُ مےٚ کوٚرمُت! دینہ تہٕ دِیار لاگہ بہٕ ۔ ژٕ کُس چھُ؟

دیُپس پینزٕ نین کاڈٕہن ہیٚنی کاٖم !! سُہ کیاز تِمن اَپاری ہِن بدیشی
ژھ یہِ گرِہن ہیٚدین وَنہٕ نس کن تھوان !! تِموا وٚن پینٕزنیں Imp.
دِہشتس راجس تہٕ کوٚس ٹھوٚنٹھ تہٕ وونُ چھہ تس تُلان، اُکساوان
گژھ ییٚمی دمہٕ پینر زونہٕ گاشس شنز واپس تہٕ وُنُس ییٚتہٕ یور
تہٕ کانہہ دوٚت تہٕ آدیش سوزُن ۔ گژھ ؟ چھیرِن تل واس
کرن واٚلس گرِ تہٕ راج تیاٚگ ماٚرس کتھ بپٕٹھ چھہ کھوژان ؟
تُشند کُس بے چھُس ؟ دیُپ پینزنہٕ گاٹہٕ جارِ کاڈٕہن کاٖم
ہیٚتھ گرِن راج ۔ نیر ـــ نیر واپس !!!

دوٚت :۔ ماتا ! بہٕ کرس باوتھ ـــ اَپالوٚز ۔

سُریہٕ متی :۔ کیٛاہ ؟

دوٚت :۔ ہےٚ ماہیوٚک یہِ فرمان راز اننت دِلوس دِتھ ۔

سُریہٕ متی :۔ تِمن تہٕ مےٚ منز کوٚسہٕ فرق چھےٚ ؟ یوسہٕ کتھ اَتھ فرمانس
منز چھہِ آخرس پپٕٹھ لیکھتھ بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ تِمچ باوتھ کاٖنہِ
تہٕ کرِتھ۔ ہرگز نہٕ ! ـــ ہرگز نہٕ !! نیر ؟ یلوٚت ـــ اَپزٕ
یلوٚت اَند کار دو تِھسہِ ! تس کوٚسہٕ گرٕہاٖ وٚژھ ۔ ہی پرمیشور !
تس کوٚسہٕ گرٕہ وٚژھ ۔

سہِ دِوان فرمان بتیٚس اَندس کُن دٲرِتھ
اُمی وِز رانِز اننت دیوِ نہٕ تھکن نیران ینبر ۔
سُریہٕ متی دار دار سمبھلان ۔

کھیمٹ :- پرٛنام ! راژن پادٕ پرٛنام !!

دوٗت :- راژ اننت دیوس ٹہن راژ کلش دیو سٕندِس دوٗت سٕند پرٛنام !!

اننت دیو :- دوٗت !! کشمیر منڈلٕکس راژ کلش دیوٗن دوٗت !!! پرٛنام؟ کیا چھہ شیٖنٛچھ ! کیا چھہ پاٗغام !! کیا چھہ فرمان - ڈیٛلو ؟

سُرٕ یہ متی :- مےٚ دیُت ٹمِس جواب - پہرٕ و تو ہر ؟ قس وٕ ڈیٛلی یہ سےٚ ووٗن -

دوٗت :- پرٛنام مہاراج -

کھیمٹ :- راژ ریٚشٕس ٹہن جے جے کار - جے جے کار !

دوٗت تہٕ کھیمٹ نیران - سُرٕ یہ متی گژھان پتہٕ پتہٕ زٕنہٕ فرمان کھٹنہٕ -

اننت دیو :- کتہٕ چھُ فرمان - کیا چھُ ؟

سُرٕ یہ متی فرمان تُلان تہٕ وُلہ وُلہ وٹان -

اننت دیو :- کیا چھُ اَتھ لیکھتھ ؟ کوس شیٖنٛچھ سوٗزِن ؟ کتہٕ -

سُرٕ یہ متی :- یہ چھنہٕ کہیں ! ٹلی ! شُری گی ! تو ہہ کیا ! مےٚ دیُت تمِس جواب - اَتھ - پکو سمے آ و ژٕ یر - آرام کرو - وُچھو نیٚبر چھےٚ زٕڈنہٕ راتھ - ژو دِش ہنز - پکو وہتہٕ ہٕٹس پیٚمٹ رٔژٕ تھ - کرو بھگوت بجن - پکو !

اننت دیو :- اَتھ کیاہ چھُ لیکھتھ ؟ کیا چھُ فرمان - راج آگنیا ؟؟؟

سو چھُے کمبرس پیٹھ کنہِ فرمان چھپاوان ۔

سوریہ متی :۔ رکھیں نہ ۔ کھیں نہ ۔ یہ کیا چھُ ۔ پانٹی پیٹھ ٹُکر ۔

بہنیہ کیاہ ۔ بہنیہ نہ کھیں ۔

اننت دیو :۔ کلش دیوُن فرمان کیا چھُ ریشم پیٹس پیٹھ لیکھتھ ؟ ۔

کیا چھُس لیکھتھ ۔ پر ؟ بوزناو ؟

سُریہ متی :۔ نہ ۔ نہ ۔ چھُنہ پرُن ۔ تراوِو یہ کیتھ ؟ پکو کُنہِ جایہ

کرُو آرام یوتام اَن ہیتھ داتن سیمنٹ تہ ہرش دیو ۔

اننت دیو :۔ یوتاہ امہ پرکی اَچھر کھٹکھ تیوتاہ بڑیے فرمان زانہ

ئیخ کانکھیا ۔ سے پیہ نہ قرار ۔ توتام یوتام نہ ۔ فرمان

پرکھ ۔ پر ۔ ؟ دِ نتہ یوری ۔

سُ ہوان تسند اَتھہ منز فرمان نیٹھن

سو چھُے بہیس اَتھس کُن لوان یوتام

آخرس پیٹھ اَکھ اَند تس اَتھہ تہ بیاکھ

اَند اننت دیوس اَتھہ روزان تہ پتہ سالم ۔

ریشم پیٹر اننت دیو تھپیہ لوان ۔ توتام

روزان نوم سمواد جاری ۔

سُریہ متی :۔ نہ ڈلو مین پادہن پیٹھ ہیو ۔ بہ بوزناوو ژِ اَکھ تمار بھگوت

بجھن ۔ نتہ وہنتھ یاوژن ۔

اننت دیو :۔ فرمان کیا چھُ ؟ ۔ تہ چھُم بوزُن

سُریہِ متی :- ترأوِو ـــ یہ لوٗ ژر ۔ مےٚ کرُو پڑدہ ۔ یہ چھُپنہٕ کانہہ
آدیش آگنیا ۔ بوٗزِو ہرشدیوُن تا ٹہٕ رٹنا ۔ بوٗزناوِو ۔

اننت دیو :- معصوم شُری ہندی پاٹھو چھکھ ٹالان ۔ ؤ فرمان بوٗزِ ر
نتہ پر ۔

سہ چھ تھپہ دِوان ۔ وولِ چھ اَکھ اَند
تس اَکھ تہٕ بیٚاکھ اَند سُریہِ متی اَتھ ۔

اننت دیو :- ترأو تھپہ ! الوٗت کیا چھُ کھٹن لایق ؟

سُریہِ متی :- یہ چھُنہٕ توہہ پُرن لایق ! ـــ چھُنہٕ ـــ واے مےٚ ہیٚتی
چھٹہ تہٕ پھرِ ٹہٕ گژھن ۔ !!!

اننت دیو ہکہ لوان فرمان تہٕ سُریہِ متی
پھترس پوان لاینہٕ ۔ تسُند ڈیوٗل مس چھُ
تس کلہ پیٹھ پھترِس پوان لاینہٕ ۔ سو
روزان کینژرس کالس اَتھ مُدرایہ زنتہٕ
پشیمان ۔

اننت دیو :- تھکن ۔ وولہ پر یتہ کیا چھُ لیکھتھ ۔ ژےٚ پیٚہ بوزنہٕ ۔

تھکن رٹان فرمان تہٕ لشہِ تل پران ۔

تھکن :- یہ بوٗزِتھ چھُ کشمر منڈلہٕ کس راژہ کلش دیوس سٹھاہ
افسوس زِ وجیشورکس استعفا پنس تہٕ نگرس چھُ نادِ دیاو
ناوہٕ آمت ۔ پرزا چھ شک کران زِ وجیشورک سمہار سپد

ایکانت واسی راژ اننت دیو ٔنس وٚنہ ٔنس پیٹھ۔

اننت دیو :۔ (کرکھ دِوان) واہ! واہ!! بوزان چھکھ یہ سمہار سٕید سیاٹ نس وٚنہ ٔنس پیٹھ۔ شابش چھےٚ سانٕہ کولہ تار کرہ ۔!! پرٕ۔ تھکن بروٚنٹھہ کُن پر ۔؟

تھکن :۔ راژ کلش دیو نہِ حُکمہ وراۓ سپدٕ نہ وجیشور نگر لوٚسر تعمیر توٚتام یوٚتام نہ راژ اننت دیو کٔشیر ترا ٔوِتھ ۔۔۔ دٕرکان نہ وُچھان اننت دیوس کُن۔

اننت دیو :۔ پر۔

تھکن :۔ یوٚتام نہ راژ اننت دیو کٔشیر ترا ٔوِتھ بروٚنٹھہ ترٕن یتی کرن واس۔

اننت دیو :۔ ۔۔۔ (کرکھ دِتھ) کیٚاہ ۔۔۔ ہ ۔۔۔ ہ !!!

تھکن :۔ کامہٕ کاری گر ہیٚنیہِ نہ راژ کلش دیو نہِ اجازٕ تہ وراۓ وجیشورس منز لوٚ تعمیر کرٕنچ کام مٹہِ۔ نتہِ بوگہِ دنڈ ۔ تھکن کران ٹھٔہراو ۔

اننت دیو :۔ بروٚنٹھہ کُن پر۔ ہیٚنیہِ چھاکینٛہ لیکھتھ

تھکن :۔ یہ فرمان چھُ اننت دیو نہِ کٔشیرِ نٕش کاسنچ راج آگنیا۔ راجا کلش دیو۔

اننت دیو :۔ بوٗزتھ؟ ۔۔۔ پُھترس بُتھہ دِتھ کیاژِ چھکھ گوٚش دوان بوٗزتھہِ؟ ییمہِ کٔشیرِ منز نیرنگ حُکم آو دِنہ۔ پروٚنٹھہ

گُژھتھ چھ کرُن واس۔ لۄز تھۄو یہ نگر زالنۄو کھ میانہ حُکمہ ستی۔ چانین اشارن پیٹھ۔ لۄز تھو۔ ہاے۔ افسوس!!!

تھکن پشیمان گژھتھ پاوین پیٹھ یہان
کلہٕ نومراوِتھ تہٕ اننت دیوس نشہ جیر
یوان بہ چھ کرہکھ دِوان۔

اے اننت دیو! چانہِ راژہ لوِد کیاہ گو؟ کیاہ گو؟ دِکار چھ تس راژس یُس زِندہ روے یینہ یِس پوترس راج ساتیہ! دِکار تس راژس یُس پننہ بہ رانی ہشدِس موہ نالس منتر یینہ پتھ پوترس راج تاج دیہ! دِکار تس راجس یُس نہ پنُن لِگاہ سونچیہ! دِکار تس راجس یُس نہ لکہ کو وادس سام ہیتہ اسنہ۔ تہٕ انجامُک پے کڈ!! دِکار تس راژس یُس ترِیاژِ رتھس پر کھ ہیکہ نہ کرِتھ۔ دِکار۔ دِکار۔ اننت دیو! ژٕے چھے دِکار اسوُرے راوُرتھ۔ مان، وقار، پرتشٹھا! آزار، وشرار، بلہ واٹی، مردانگی یرف ہتیس رانِہ ہندِ ارمان ہوس تہٕ شوق رِچھان۔

سُریہ متی ہوان اُچھ ترکراوِتھ ووٹھن
تھکن یوان کینہہ قدم بروٗنہہ یہن
کُس پوتھر کرِ سپنہ نِس واشٹھ ماتس ملکہ سیتر لشہ کاسنک حکم

کُس کرِ؟ آشیا یُتھ پوٗتھر تشنہِ بیٚزرک انش۔ ہرگز نہٕ۔ ہرگز نہٕ۔ ہرگز نہٕ۔

سُریہِ متی ووتھان۔ اننت دیو تھکن پنٕنہٕ
شانن پیٹھ زٕنہٕ لیوان لاینہٕ۔ سُریہِ متی
گرٛھان ڈاٹن ہش ییلہٕ۔

سُریہِ متی:۔ ژھوپہٕ کرٛو۔ ژھوپہٕ! توٚہہِ چھنہٕ خبر توٚہہِ کیا چھوٚ وَنان
شرم لزا۔ سوٚچنہٕ سمجھنہٕ پتہٕ سمے وہٕراونہٕ روٚستے چھوٚ وَنان
گرٛھان۔ کوٚس کتھ کمہِ وِزِ ہیز کرنی۔ پتہِ چھنہٕ توٚہہٕ تگان،
وہٕراوُن۔ توٚہہٕ چھنہٕ پانس پیٹھ بنہِ وٲنی پتہٕ زیٚو پیٹھ کانہہ
بُندِش۔ یہ اناپ شناپ کرٛو بند۔ کیا گرٛھہِ لوٚدِ وے اٚسی
پتہٕ پنٕنہِ تھہٕ بالہِ اپوٚر تِرِ کتھ پروٚشرھ کرٛو واس!!

اننت دیو:۔ کیا گرٛھہِ!! اژٕ پتہٕ چھکھ تی یژھان یہ کلش دیو چھ یژھان
اژٕ۔ اژٕ۔ میانٕز اردھانگنی! راٲنی۔ نہٕ دھرم پتنی! اژٕ پتہٕ رتی
یژھان یہ چون پوٗتھر چھہِ یژھان۔ میٚے۔ میٚے وٕنیتھہِ زادِس
دیتھہِ ہندِ بتھہِ نیٚبر کڈِتھ بالہِ اپوٚر یژھان تراوُن واہ!
واہ!! اے وجیشور سامی لوز۔ لوز۔ پتیمس تِریا یہ ہٕنز
کتھ۔ کیا دٲے تدبیر چھ دِوان!! افسوس! اٚمی سُند آگیا
کارِی بننتھ۔ کیاہ کیاہ راوُرنہٕ میٚے! عام لُکھ چھ زنانن مردن
ہندِ بھوُگک تماشہ زنانان۔ مگر اصلیت چھنے زِ مرد چھ زنانہٕ

ہنٛد گٔژھن تماشہ، کاٹھہ پوٗتٕل !! ییارِ پھیرُوس یارِ پھیرِ، بیٛیہ نہٕ

پہٕ رٕکھیس۔ ہاے، افسوس! کیٛژہ زنانہٕ چھےٚ کمن کمن مردن ہیٛژ نرن لولہٕ جذباتن

منٛز ڈٕلیتھ ہنہٕ ہنہٕ مٔشراوان، تمیٛہ لاوان حیٛہ راوان دولساوان تہٕ آخرس ہیٛہ دارِس

کھارناوان۔ کینٛژو زنو گٔر بلوان نٕزبل۔ کینٛژو کوٗر گاٹٕل چور تہٕ کینٛژو

سوندرو کوٗر جود۔ کتھٕر کھوت زٕ کھوڈ و پد یا ییہ سیتی مردن

..... ہیٛژ مردانگی وٕژھ تہٕ کینٛژو ہیٛتی ہٕنٛدی پران۔ ہاے

افسوس۔ ییتھ کتھ وا ہراٹھہ رٔد چھ ہالو بیٛتھ جسہٕ ڈٕسیتھ بال

ژٕٹان تھیٚ کتھ چھےٚ کمہٕ یاون ہیٛژ سینہٕ کرٕ ووہ نٔزارِ سیتی ڈیٛھین

گوتھرن منٛز زامتین پوترن اکھ راج تاج ہرن کرناوان۔

اَجہٕ چھےٚ اٹھ وہرٕ ژھ بہنہٕ کمن کمن تیہٕ ریٛشن تیٛہ والان۔ اَجہٕ

چھےٚ راز کولیچہٕ اٹھ ڈیٛہین کولہٕ کیٛن پوترن کھوہ نہٕ للہٕ وتھ

راج ساننیان۔ کمہٕ چھےٚ مردس سِدٕ والان۔ کومارگن لاگان۔ ہناہ

واٹھہٕ ڈٕلیتھ چھکھ باسان زٕ مرد بٔڈ تہٕ کتھ لگہٕ کماویا کینہٕ نہٕ۔ اوے

چھےٚ پوترِ ہیوترٕ کران تاکہٕ سہٕ رٕچھکھ بجرس منٛز۔ اوے چھےٚ اڈور

گرٛتھ تھیٚ پوترٕ کل تھاوان۔ تٔسنٛدی ارمان رٕچھاہ۔ ضِدپوٗرٕ

کران تہٕ باٹس ہیٛژ نسں نم تل تھاوان۔ بٔڈس اوٚنگجہٕ ٹینٛڈین

ہیٛتھ نٔژناوان۔ ہاے۔ افسوس!! زنانن ہنٛدی یم ساری

دوٚش زاٹھ تہٕ کرٕمے یہٕ بیٛنہٕ باریا سوٗکار تہٕ زانتھہٕ تہٕ

کار مس بہٕ اَنا در! دہ ہے اُس ییتھے مے ہیٛتھ راج کران۔

آگنیا کران پر بھاوتراوان !! آدھیکار جماوان !! یتیمہ لۆکہ سارے سوکھ سمپداین ہشد ناش کرنوۆنم تہ ووٚنی کریم پر لوکہ سوکھ، کانکھیایہ نشہ تہ !! افسوس ! ووٚنی چھس وأنسہ ! ژم چھم ڈیجیمژ۔ ہنگہ ہانگر چھنے مُتی، مس گوٚلمت، تال چھیٚ گاٹمژ تہ موتس نکھہ آمُت۔ تہ یتھ دشایہ وأتھ کوس جاے چھہ جیشو ژراوتھ لوٚتھ مےٚ گژھن پز۔ ؟ تہ تدر شیکھر شو سنشد مندرک دار تراوتھ کوٚت پزِ مےٚ ووٚنی انت سمیس سیتھ گژھن۔ کوٚت ؟ اتھ لوک تہ پرلوٚک تارن وول چھ لوٚتھر آسان۔ تہ کس آسہ یتھ لوٚتھر مےٚ سوأے یُس یتیمہ استھاپنژ تہ تیرتھ مشر کنڈ ناوتھ کوٚمارگس مشر ییٚژھ میوٚن مرن۔ ہاے یتیمہ مشانہ لانزیہ تینہ ! ایسندپن گوٚنن مےٚ دوہے لوٚزاکراوٚن دوٚیمہ گوتژک بالک تہ راز مندور مشر روٚچھن۔ پی چھ لوٚکھ آز تام وٚنان۔ تہ ووٚنی چھہ مےٚ اتھ مشر پزِ لبنہ لوان۔ ییٚس لوٚترس نہ مألی سندہن آژارن وہشارن تہ شکلہ رپس سیتی مثِل آسہ۔ یُس پنژہ نیت بندن، آشناون، رُشناون دوہے بدنظرِ وُچھہ ضرور گژھہ زانُن زِ سُہ چھُنہ تسند بیوٚرک بالکل نہ۔ ہاے۔ افسوس۔ یژھ ہشہ زنانہ کیا گژھہ سپدن۔ زندے وہتھ مشر شژین۔ نہ تہ نہ لبہ تل جان ہیوٚن۔

شرارتس پتھ یُس کڈان سُر ہمتی
لتہ۔ سو پیوان لایینہ۔ تھکن تُلان تس
تھوٚد۔ سو چھِے پتہٕ یلہٕ گرٛدھان تہٕ وَنان۔

سُریہٕ متی :- ییٚمِس واتنس بُڈس مُرکھہٕ زیور رآدِس چھینہٕ وہ نٕ کتھن شوٗب۔ ییس زُٹ تام اُس قرضہٕ لآدِس تل۔ ییس تاج، تخت تہٕ ٹھوکر دارِ چ پوٚزاساگری تام اُس رہن آسان۔ ییس نہٕ شران سندھیا کرِتھ بدلاوُن کیٛشت پکو دلو اوس تمہ کیٛناہ پرٛوو نہٕ میٚے ہستی نیتھر کرِتھ۔ یہٕ چھِے ساریے پٔرزا زانان زِ یہٕ کینٛہ ژٕنے میٚے متعلق دوٚنمتھ تہٕ چھُ سورُے چانِہن بیٚنن، مامن، پوٚھن تہٕ پترِ بیٚنن یِگہٕ۔ بترِ کمہٕ ستی ساوِتری تہٕ ستی سیتایہٕ چھِے۔ یہٕ سمے چھُ چانہٕ خاطرٕ پرایشچتھ کرُنُک۔ نہ بہٕ تہٕ یِگہٕ کرُنُک۔ کیازِ چھکھ نہٕ پرایشچتھ کران؟ پینہٕ نیت پا بترِ کرمن کھما منگان؟ ییٚمِس کرِ ہا ہین بُڈس کوٚر نیٚچوٕ دلشہٕ لشکاسن کرِنخ آگنیا تہٕ ووٕنی تروٗو پینہٕ زنانہٕ تہٕ۔ بس امی کو وادہٕ موکھ چھِس بہٕ ژٕنے لآر نترٕ کُس بیے اوس میٚے؟ راج کرِ ہا۔ وُنی تجس نہٕ کیتھ کرِ نِہ از چھُ بھاشن چھکان؟ تُہمت لاگان ـــــ
سارِ وے تروٗو منساوِتھ تہٕ بیٚے آز چھس لوٚپہٕ امس ستی ستی چھس! چارٕ کیا چھُم! پامن روزِ ہم جاے! بجُرس منٛز

تر ژوٗن رٕوٗن تہٕ پوتر سو کھ چھاوٕنہٕ بیمٕٹھ راز مندور منز!
بہٕ۔ بہٕ نے ستی ہستی آسے اَبیا گمژھ ہیوٗہ آسکھ کوچہ
کوچہ پھیران ڈوک سپھ !!

اننت دیوس مکمل جیرٕ لوان تہٕ کریکہٕ
دِوان دِوان ہیر یادن کھسان ۔

اننت دیو :۔ بس کر۔ بس کر شُبٹھا! گلٹا!! بس کر۔ گرٛزہ کر لوٚپترس
ستی راز دانہٕ منز واس؟ گرزہ؟ تہٕ تہٕ یتے تہٕ تہٕ تس۔
شیروس راجدھانہٕ واپس۔ چھاو۔ راجیٚت۔!!!
ہے وجیشور سامی! ہے تہٕ ندر شیکھر! بھگوان شمبھو!!
نے کریشمہٕ دیہہ سنکٹہ بایہٕ نش موکھی! وُچھ؟ وُچھ مثون
پرالیشچھ؟ ہو۔ شمبھو!!!

تہٕ چھُ تھر لوکن کُن کرتھ خنجر دِوہ شُوزن اَکھن
منزٕ رٕٹھتہ ہیور کھارتھ ہکرہ ڈالیتھ پڑ وایان
تہٕ پیتہٕ دوہ گُن گرزہمتھ پادن پیٹھ لایہ لوان۔

تھکن :۔ ہے پتاماہ۔!!!

تہٕ لوان دوران پیوٗنس اننت دیوس
زنتہٕ کھونہٕ منز رٹان۔

تھکن :۔ راجماتا۔ اَنرتھ۔ راز اننت دیون۔
شُرپہٕ متی وار وار اننت دیوس کُن نظر دِوان۔

سُریہ متی :۔ شُ ۔ شُہ ۔ ژھو پہ ۔۔ پہ ۔ ژھو پہ کر۔ کرِکھ سہ کر۔؟

تھکن :۔ ہے پتا۔ ہا پتامہہ!! ہا راز ماتا! رتہِ سُری گوٗ!! ہے مہادیو۔

"اننت دیوٗن کلہِ ہناہ ٹلان تہِ تس کنہِ تل پران"۔

تھکن :۔ شمبھو۔ شوٗ شو شمبھو۔ شمبھو۔ ہے مہادیو شمبھوٗ!!

اننت دیوٗن کلہِ پھٹر تراوِتھ ونان۔

تھکن :۔ راجماتا! اننت دیوٗن وٗاج پانٛی پانس کرتل۔

سریمتی پتھ کُن دِوان نظر ڈیشتھ کرِکھ دِوان۔

سُریہ متی :۔ کیا گوم ۔۔! سہ یوان ہکہِ اننت دیوس نزدیک۔

تھکن :۔ رتہِ سُری گو رتہِ سُری گو۔

سُریہ متی :۔ ژھو پہ کر۔ کاٹُنہِ ڈُلِ ذرہ۔ اُمی کیا کوٗر پانس! ابھہ دیتُن لایق تھونس نہ!

سہ چھے اننت دیوس کلس تل نیرن تہِ اتھن وُچھان۔ خنجرا اتھن منز ژٹھتھ دارِتھ دِوان۔ پنُن ہوٗل منزراوان تہِ تمہِ ستی اننت دیوٗنی بڈ گنڈان۔ تھکن چھُس مدد کران۔

سریہ متی :۔ منزِ چھاونس! کاٹُنہِ ڈُلِ ذرہ کیا کوٗرُن۔ یکہِ گاسس بیچھ تراوٗون۔ ہیکہِ ہا نہ؟ ووتھ!۔ یہ سپدُن اوس تہِ سُید دُیتُن پنُن پان بلاین ابھہ

اندرِ نیران لنوٗنکا۔ ولگا۔ گنگادھر۔

لنونکا :۔ یہ کیا! یمن کیا سپد ؟ کیا سپد!

ولگا :۔ یہ کیا سپد اہے پتاماہ!!

گنگادھر :۔ ہۂ ہۂ! یم ہکن ہۂ منے ترأوتھ گرٔ صحۂ۔ ہی راز! یہ کیا گو!

سور سمتی اننت دیوس تھکنس تہ گنگادھرس حوالہ ترأوان تہ پانہ بر بکرہ ہتھ ہنز زیور کڈان۔ نیبر پیٹھ اژان ہرش دیو۔ آنند تہ سمنٹ بیترٔ ٹاکی بجن پھر اژن منز ہیتھ۔

ہرش :۔ پتامہی! اسہ آیہ سارنے کیشت بتہ ٹاکی ہیتھ۔

تس پیوان تھکن تہ پیتہ اننت دیونہ لاشہ کن نظر۔

ہرش :۔ پتامہی! یہ کیا؟

سہ ہکرہ کھان ہیر پاون۔ آنند تہ سمنٹ پھر اژہ پاون پیٹھ تھوان۔ ساری خاموش ہے بنگہ ہوی اننت دیونہ لاشہ آندی آندی۔ نونکا تہ ولگا سرٔ سمتی نزدیک یوان۔

ہرش :۔ گنگادھر! یہ کیا شپد! یم کیا زرتہ شری گامتی۔ ہاے پتاماہ!!

سوریہ ستی :۔ ہرش دیو۔ یہ گور تہ شری، رکھتہ سارہ کنہ

ہرش دیو تھوڑ وو تھان پتھر تلان خنجر تہٕ
سوٗریہ مستی نزدیک یتھ وَدوٗنہٕ ہیٚتہٕ تشویشہ
سان پرٛژھان ۔

ہرشدیو :- مگر تلہٕ چھو کُن کینہہ کٔنہہ کرٛی یِم چھو کیہ لد ۔ کمی کوٚر جُرأت
یِم مارنکی کینہہ یِمو وآج پانٔی پانس کرتھ ۔

سُریہِ مستی :- یہِ چھُنہٕ کانٛہہ وُنُن ! راز گرن مشر چھےٚ کمن کمن سرن پردٕ
پوشی ہیوان کرٛنۍ ۔ !

ہرشدیو :- تہٕ رازس اٹھاٹھس سوزو ناشہ چھ

سوٗریہِ مستی :- سوٗزِ نوس . مگر تس پنٕنس آلیس کرٛکرِ زِ ینہٕ زاہنہ تہٕ پرٛژھ !
زاہنہ تہٕ ینہٕ ۔ تراوِیوٗن گاسس پیٹھ ۔ نولِنکا تھونگ تھوٗروٗس
شاندن تل زٲلیتھ ۔ پگاہ سندھیا سمیہِ برونہہ کرٛیوٗس داہ
سنکار تہٕ بُتہٕ سپد اُمس ستہٕ ستی ! کرٛو تیاری ۔

ہرشدیو :- کیٛا ! ۔ کیٛاہ ! ہے پتاماہ ! ۔ نہٕ ۔ نہٕ پتاھی ! ستی نہٕ کینٛہہ
سوٗریہ مستی چھہ زیور ہلمس مشر آسان . سو چھےٚ
تھوڑ وو تھان تہٕ کمن داریتھ دِوان ۔ تہٕ ہرش
دیوٗن کلہٕ وَچھس ستہٕ رٹان ۔ آنند چھہ اَندر اژان ۔

سُریہِ مستی :- یِس یتھ وانٛسہِ گٔمتھ دِتم تس ستی بسم گژھن چھو میٚون دھرم !
یتھ شا پہٕ لد کایا یہِ کوٗ سہٕ شوٗب روٗز اُمس روٗس ! یوٗ سہٕ
راز رینٛز کوٚ وادس بدنامی تہٕ گرٛنیاس لاجھ سو کیا کرِ وونۍ زِندٕ

روزِتھ؟ نِہٕ ژنٛدٕر روزٕ سُہ لیٚس ہُوس آسہِ، مینٛز کامنایہٕ تہٕ آرزو
آسن ایوسہٕ شان و شوکت، مان مریادا اسِتھ نِہٕ ژنٛدٕر روزِ۔ لیٚس
کُن ساٟری اۆنگُج تُلن، ہندیا واکھ تہٕ وٕژن گیون، رٕبِیژھ تہٕ
ناو کڈٕن، سہٕ کیٛاہ کرِ ژِنٛدٕر رٔوزِتھ؟ لیٚس گرٕ آسِتھ گرٕ آسِنہٕ
راج آسِتھ راج آسہِ نہٕ، سہٕ کیٛاہ کرِ ژِنٛدٕر رٔوزِتھ؟ مبادا۔ نہٕ
بہٕ سپدٕ بیٚنِس باٗژس سیٚتۍ شتی۔ کرُو تیاٗری۔ کرِو تیاٗری؟

اُندٕرٕ سیٚران آنٛد اکِس اَتھس منٛز
دِزِوٗن ژونگ ہتھرٕ تہٕ بٕنیس اَتھس
منٛز گاسہٕ گیٚجہِ ہتھ۔

ہرش :- میٛانہِ موکھ پٕتا ہی! میٛانہِ موکھ بدلتہٕ فاصلہ؟
ساٗری گرٕ ھان فرٕہنز

اَند

